ڈرامہ:

# رِوایت تہٕ تجرُبہٕ




۱۹۹۹ء

کاشُر ڈیپارٹمنٹ، یُونیورسٹی آف کشمیر، حضرتبل سرینگر

یونیورسٹی تحقیقی رسالہ

# انہار

۱۹۹۹ء

---

نگرانِ اعلیٰ : شفیع شوق

مجلسِ مشاورت :

- شاد رمضان
- محمد شفیع سمبلی
- مجروح رشید

ایڈیٹر :

- قاضی ظہور

معاون :

- معراج ترکوی

کاشر ڈِپارٹمنٹ، یونیورسٹی آف کشمیر، حضرتبل سرینگر

# ترتیب


سرنامہ — شفیع شوق — ۵
سونہٕ گوٗبُر کرِنہٕ پرٕدِ سوز — رحمان راہی — ۷
بانڈ پاتھر — پرٲنۍ آثارٕ نوٗرٕ زتھرن — پی۔ این۔ پشپ — ۱۴
کٲشرِس ڈرامہس منز کردارن ہنز شناخت — ہری کرشن کول — ۲۵
ڈرامہس منز مکالمچ اہمیت — گلشن مجید — ۵۴
کٲشرِس ڈرامہس منز جدیدیت — رتن لال شانت — ۶۴
ٹی۔ وی۔ ڈراما کیا گوو؟ — فاروق نازکی — ۷۷
ڈرامہٕ ہٕنز حقیقت — شفیع شوق — ۹۴
کٲشرین لکہٕ پاتھرن منز سماجی احتجاج — فاروق فیاض — ۱۰۵
کشیرِ منز لکہٕ پاتھرچ روایتھ — رخسانہ تبسم — ۱۱۹
کٲشرِ زبٲنۍ منز گوڈنیک سماجی ڈراما — مشعل سلطانپوری — ۱۳۰
ڈراما "یا" اکھ مطالعہ — مجید مضمر — ۱۴۴
جدید انگریزی سٹیج ڈرامہٕ اکیُک پوٚت منظر — مجروح رشید — ۱۶۲
یوٗری پیڈیز — اکھ تنقیدی جایزٕ — غلام نبی خیال — ۱۷۰
کنگ لیر — ناجی منور — ۱۸۱

# سَرنامہٕ

کاشُرس منٛز چھےٚ ڈرامُک روایت ہَتہٕ بۆد وُری پرٲنۍ، تکیازِ ڈراما چھُ بُنیادی طور وُچھن والین برونٛہہ کنہٕ گِندنُک فن تہٕ کٔشیرِ منٛز چھُ ڈراما گِندنُک رواج قدیم زمانہٕ پیٹھےٚ اوسمُت۔ مگر وُہمہِ صدی منٛز ووتھ لیو کاشرِس منٛز تہِ ڈراما اکِہ ادبی صنفہِ رٔنگۍ ییٚلہِ ڈراما لیکھنہٕ یتھ زُرژھرانہٕ تہِ آے۔ نہ صرف آے اَزکہِ دورٕکین انفرادی کیو سماجی مسلن پیٹھ ڈراما لیکھنہٕ بلکہ آے پرٲنۍ لُکہِ پاٹھر تہِ قلمبند کرِتھ پرن والین برونٛہہ کُن اَننہٕ۔ اَتھ سٟتۍ سٟتۍ آیہِ بێیَو زبانو پیٹھ تہِ واریاہ ڈراما ترجمہٕ کرنہٕ تہٕ یتھہِ پاٹھۍ گوو کاشرِس منٛز ڈراما اکِہ ادبی صنفہِ رٔنگۍ قایم۔

ڈراما پرنَس دوران چھُ پرَن والِس باقے ادبی صنفن ہُند لطف تہِ میلان۔ گوڈنیتھے ڈرامہُک تکیازِ پرَن وول چھُ پننِس ذہنس منٛز کردارن عملہِ منٛز آوُر وُچھان، پس منظرُک اندازہٕ کران تہِ

مکالمہٕ بوزان ۔ اَتھ دوران چھُ فکشنُک لطف تہٕ میلان تکیازِ یُس چھ ڈرامہس چھِنے پیتہٕ کُنہٕ کانہہ نتہٕ کانہہ دلیل ۔ یُرن وول چھُ اَتھ منز شاعری تہٕ ہُندِ منز تہٕ تلان تکیازِ وارِیاہ ڈراما چھِ شاعرانہٕ یا منظوم مکالمن منز لیکھنہٕ آمتی سپدے یا کھٹی چھُ اَتھ منز ۔ ایسے ہیکَو اَثر تہٕ تکیازِ یُس چھ ڈراما چھُ کانہہ نتہٕ کانہہ خیال ظاہر کران ــــ ڈرامہکی یِم ساری جُز چھِ میلتھ اَکھ سنٹھے ہٕ کارگر تہٕ وسیع ادبی صنف بناوان ۔

کاشرِس ڈیپارٹمنٹس منز رُود ڈرامہُک مُطالعہٕ گوڈٕ پیٹھے نصابُک اَکھ اہم حصہ ۔ مگر ڈرامہس متعلق آسنہٕ کاشرِس منز کانہہ نتہٕ کتاب میٚیسر ۔ یُو دوَے کانہہ کانہہ مضمون لیکھنہٕ آوتہٕ ، کانہہ مستند کتاب آے نہ لیکھنہٕ ۔ یہ کمی ترینتھ کوٚر یُس ساتی ڈیپارٹمنٹن ترین دوہن ہُند اَکھ سیمینار منعقد یُس مقالہٕ نگارن تہٕ بوزن والین ہُندِ سرگرم اشتراکہ ستیٚ نہایت کامیاب رُود ۔ اُدِ یہِ کس دردس شمارس منز چھِ اُسی سیمینارس منز پرنہٕ آمتی کیہنہٕ مقالہٕ شایع کران تاکہٕ طالبِ علمن تہٕ محققن ہُند اَکھ اہم ضرورت سپد پورٕ اُسی ہیکَو نہ یتھ جلدس منز سیمینارس منز پرنہٕ آمتی ساری مقالہٕ شامل کرتھ تکیازِ یہ بنہٕ ہے تیلہٕ وارِیاہ ضخیم تہٕ مالی مشکلات آسہٕ نہٕ امیُک اجازت دِوان ۔ توقع چھُ ڈیپارٹمنٹ ہیکِ عنقریب تم ساری مقالہٕ تہٕ شایع کرِتھ یِم نہ یتھ جلدس منز شامل ہیکی سپدِتھ ۔

شفیع شوق

ہیڈ آف دِ ڈیپارٹمنٹ

## کلیدی خطبہٕ

# سونہٕ گوٚبُرکِتہٕ پرٛدِ سوز

رحمن راہی

سُہ اوس اکھ سیوٚد ساد، بٔلکہ پرٛزِوَنُن اکھ سٕدارٕ موہنیوٚ۔ یِیہٕ نی اَکی زٲنِ کارٕ یاوَنو پنِنی اَکیارَن دِژِس سَن پتہٕ ٹھینٛنٹھ مینٛٹھ ہیتھ ژوٚلُس۔ تٔمۍ ژوٚلن اوس ژلان ژلان یِنُن اکھ کھورباٹہٕ برٛانٛدٕ سۍ پیٹھ تٕروومُت۔ سٕدارن پرٛزنوو کھورباٹہٕ کھور تہٕ پٲنۍ پانس دوٚپُن زِ آسُے ہے چھُ۔ آرٕہیس بچارِس حاجتھ پیوٚمُت۔ سون سیدِ ہے نہٕ پتہٕ اَدِ کوٚت گرشِہ ہے۔ اَتھ پیٹھی تے کانٛسِہ کینٛہہ منگُن پییہِ۔ دوٕ پرٛس منگہٕ وا۔ پیٹھ اَمِس بچارِس ہیوٚ مند چھ منوٗش۔ خارٕ فکرٕ چھِنہٕ کانٛہہ، یِہ کینٛژھاہ نیوٚن قصہٕ پرٛژھی نیوٚن تہٕ واتناوِ امانتھ پوٚت پھیرٕ لوٚت پٲٹھۍ۔ نہٕ وِز کرٛن نہٕ کانٛسِہ کٔنسِ کُن خبر تہٕ ہورِ تہٕ قصہٕ پانے بے شوٚنۍ پٲٹھۍ۔

خواتین وحضرات! یہِ موختصر حِکایتھ یوٚس مےٚ بیان کٔر یہِ زایہِ میرزا اسداللہ خان غالبنِس یتھ شارِس:

فلک سے ہم کو عیشِ رفتہ کا کیا کیا تقاضا ہے

## مُتاعِ بُردہ کو سمجھے ہوئے ہیں قرض رہزن پر

جنابو! خبر اسے ساری کأشرِ یم وُنی کٔمِس کشمیر یونیورسٹی ہندِ کأشر ڈپارٹمنٹ
کِس یتھ ادبی سیمنارس منز شریک سپدِتھ عالمی تہٕ مقامی ڈرامہٕکہ تہٕ رنگ
منچک تذکرہ کرنٕس ذوقہٕ شوقہٕ آماد چھ خبر اسہِ سارنے مادِ یہ کانہہ میرزا غالبنس
ٹس مذکورہ ساد منوشس سِتۍ مُشابہتھ یُس متاعِ بُردہ کو سمجھے ہوئے ہیں قرض رہزن پر۔

موحترم سامعین! از بروٗنہہ صرف دہ بہہ وُری اوس سانہِ یتھ
کشیرِ منز ڈراما لیکھنس تہٕ ڈراما گِندنس تیوت چلے جاو نو گمت زباسان اوس
اکھ اہم تخلیقی صنف لوگ وۄگہ ڈُلن تہٕ کأشر بولن والین علاقن منز سپُد ڈرامہس
اَلحیایہ نو ــــ دوہ دنچہِ زندگیہِ سِتۍ وابستہٕ ڈراما، آدمہٕ تقدیرس تہٕ بشری صورتِ
حالس سِتۍ وابستہٕ ڈراما، قومی تہٕ عالمی مامن ہندس پوٚت منظرس منز وۄپدن وول
فکر انگیز ڈراما، دُنیہچن بہلہ پایہ زبانن ہندن بہلہ پایہ فن پارن کأشر روپہٕ
پیش کرن وألی ڈراما، مادانن منز وَنن پیٹھ کیٛو آنگنن منز گِندنہٕ ینہٕ وألی
رلواتی پأٹھر کیٛو تازہ تراشہ کھیلہِ تہٕ دانشورانہٕ چالہِ اینک رنگہٕ تہٕ بے معنہ تکی
ڈراما۔ زانٕنۍ وألۍ ڈراما نویس، سٹیج کرافٹس سِتۍ وابستہٕ مختلف ہنرمند، بزرگ
تہٕ تجربہ کار اداکارن لرِ لوٚر وۄتھ وٕنہِ شوقہٕ ہتین نوجوان لڑکن تہٕ کورِن ہنز
ہُمہٕ تہٕ یمہٕ ٹولہِ۔ اَسہِ کیاہ کیاہ اوس بَدس تہٕ کم کم خاب آسی اَچھن منز، مگر
ـــــ تہٕ خواتین و حضرات! یہ چھ اکھ بوٚڈ مگر، اکھ سُہ مگر یَتھ پیٹھ شاید
اسہِ سارنے سونچن پیہ۔ بشرطیکہ سونچنک بتہٕ آسہِ تہٕ صحیح یا غلط ہنٕز سونچ
باونک جُورتھ آسہِ۔ میرزا غالبنہِ خوش خیال موہنوس ہرگاہ زانٕنۍ تگہِ ز
رِنہٕ وألۍ چھُنہ قرضہ نیوٗمُت بلکہ چھُن لوٗٹھ کوٚرمُت، اغلب چھُ سُہ تراوِتس
ناس بیٚچھ بشرطیکہ جورتھ آسیس۔ اَسہِ کأشرن بلکہ پیہ وَنُن اَسہِ کأشرن

اُدیبن تہٕ دانشورن چھُ درپیش سارٕوے کھوتہٕ بوٚڈ یوٚہے جوٗرتگ مسلہٕ۔
احساس آسہٕ، سوٗنچ آسہٕ، تمنا آسہٕ، مگر کینہہ تہٕ لبنگ تہٕ کینہہ تہٕ باوُنگ
ہرچہ بادا باد جوٗرتھ چھاکنہ نہٕ۔ تہٕ چھُ شاید پرتھ کانٛسہٕ سوٗچُن۔ شاید پانس پانس
تہٕ سوٗنچُن تہٕ یکجا سپدتھ تہٕ، شاید بالہٕ یپار تہٕ تہٕ بالہٕ اپار تہٕ۔ شاید چھُس
اوٚکنۍ ونان زِ کینہہ دوس چھِ حالاتو تیتۍ پاٚوۍمتۍ تہٕ ہندرآوۍمتۍ زِ تِم چھِ
باوٕژ بجایہ ژھوپے رٕوہٕ، ہنز کیاہ سوٗہ سنز زانان۔

کانٛہہ گرم ڈراما لیکھُن یہ سٹیج کرُن گژھے یہٕ بڈ کتھ، اَسی چھِ ازکلہِ اکِس
تتھِس وُچاپِر ماحولس تہٕ نیکھینس صوٗرتِ حالس منز یمنہٕ آمتۍ زِ پننہٕ ین
دوستن درمیان تہٕ چھِنہٕ اَسی پننہٕ دِلچ کتھ بےپھِرک پاٹھۍ باوُنگ جوٗرتھ
کران۔ دینی درمی مالمن ہنز۔ چھِنہٕ کیھتے، خاص عِلمی مسلن نِسبتھ
کانٛہہ غار رِوٲیتی کتھ باونہٕ برونہہ تہٕ چھِ اَسہٕ کتھ وولٹ کرن والی مختلف
وٕل ورتاوٕنی یِہوان، یکیاز بقولِ شاعر:

بنہٕ تہٕ ژھایہٕ چھُ شانکنہٕ روزُن
لرٕ بھیژُر دِیہٕ شمار کرو کیاہ

ذی یٕرتھ سامعین! لحاظکۍ تہٕ احتراہکۍ تقاضنہٕ ژٕژھرن ژٕژھران
تہٕ دٕند ٹوٚپۍ ٹوٚپۍ زن پرژھہ ہے یہ سوال زِ چھا اَسہٕ درمیان یتھ کانٛہہ
صاحب لیُس از دِگرن نےٚ تہٕ پگاہ صُبحن نےٚ تہٕ کالکیتھ شامن بننس
زوٗس گندنہٕ ورآے سانہٕ یتھ وادِیہ منز کُنہٕ شایہ کانٛہہ زِندٕ زوٗ ڈراما
نہٕ وانہٕ سٹیج کرنگ سنز کرتھ ہیکہٕ ہے ____ افسوس! کاشُر ڈراما لیکھن
تہٕ گندن والین وارہین زانٛی کارن تہٕ ژُکی درن لج واد ہالہٕ منز واو۔
پاٹھ چارن والی بانڈ واتی یِچھنس، ڈدی متس ٹیگور ہالس کوٗر کوچھ

فوجیوٚ قبضہٕ، مادانن منز چھٔے پرٛزنٛژ پرٛیڈ سپدان، وتن چھِ وآری داتھ
زاگان، آنگنن خوفُک پہرٕ، قدمہٕ قدمہٕ بوٚندوٗقہٕ چٹاکھ تہٕ گرٛینیڈ پھٹاکھ!
برٛانٛی پاٹھۍ آسی ٹاٹہٕ ژٹان زِ فاقے روزوٚتہٕ مُختار بوزوٚ۔ از باسیہٕ پہٕ مےٚ
مُختار بوزنہٕ موکھ فاقے روزُن زیادٕ دُشوار، مگر یَیلہِ نالہٕ یٹھ شرٛاکھ
ژٹان آسہِ تیٚلہِ کیاہ کرِو زِ؟

کرِن اے قلمس کوٚچہِ دِمو کرٛیچھ     پھِرن اے ہٕٹہٕ تلوار کرو کیاہ!

مےٚ چھُ بےٚ زِ میانِ کتہِ ہم عمر رفیق تہٕ کینٛسی عزیز چھِ یتھہٕ ہن بلا بدامن
ورِین دوران تہٕ ہنٛبو یہ ذٕلِزِ تہٕ رٕتہٕ سرٛاوٚ نجوٚ ہنٛن اندریم کیو
نیٚبریم حادثہٕ کرب و بلا ہکھان روٗدی منٛز، مگر یہٕ تہٕ چھُم اندیشہٕ زِ تتھ ساری
دستاویزی ادبس تہٕ ماکھینہِ خوفچ گرد تہٕ ہیچ ہاے۔

زبان تہٕ ادب چھُ قومی ثقافتہٕ ہنز آواز تہٕ آہٕ سان۔ کُنہِ
قومہٕ کین معاشرتی حالاتن اگر فضاہٕ تہٕ ہوا وَنوٚ، زبان تہٕ اَدب گےٚ صدا
تہٕ گِنگراے۔ ہوٚمس ہرگاہ ہیٚشہ دِن تہٕ فضہس بَرن سکھ، نہ وُزِ گِنگرلے
تہٕ نہ وہ تِلہِ صدا۔

موحترم خواتین و حضراتھ! اَز چھُ اَسہِ کاشرِن قلمکارن کیو
دانشورن دربیش ساروے کھوتہٕ فوری تہٕ ساروے کھوتہٕ بوٚڈ مسلہٕ
اظہارُک تہٕ ابلاغُک اِمکان۔ ڈرامٕہک اثردار اظہار تہٕ حسبِ مُراد
ابلاغ چھُ سٹیجُک زِندٕ تہٕ مُتحرک وُجوٗد منگان۔ ریڈیو اَسِن یا ٹی وی
تمِ چھِ یُسلہِ پاٹھۍ اظہارکی ابلاغکی محض کاربارِی نےٚ تہٕ بےٚضرر پالسی ہندی
یادوار آسان۔ ڈراما ہیکہٕ نہٕ تِچھَن ہر تہٕ گُستاخ سٹیجہِ ورٛاے آے
پاے لبِتھ، تہٕ سُہ سٹیج ہیکن نہٕ شرٛاکہٕ تَلِ ڈرامُن کرِن دٲلی کتھ قایِم کرِتھ۔

ادبس تہٕ سماجی زندگیہ درمیان یُس رشتہٕ چھُ تمہٕ کین تقاضن تہٕ لوازمن متلق ہیکن رایہٕ مختلف آستھ، بلکہ متضاد تہٕ۔ مگر بجایہ خود سماج موجود روزُن تہٕ سماجی زندگیہ ہنز مولی مُشترکہ نوعیتھ قایم روزنی، یہ چھُ کُنہ تہٕ حیاتھ پرور سرگرمیہ باپتھ لابدی۔ ازکل چھےٚ سانین مُشترکہ قدرن دول دِتھ سانین موجود، ذاتی تہٕ انفرادی امارن ووٚتھ اُنِج کوشش سپدان، چنانچہ سأنی یسلہ ہموطن چھِ پننہٕ مشترکہ مستقبلکی سأری تقاضہ پرٚتھ نژاوِتھ صرف پوشہ کماونس، جاداد سوٗمبرنس، رنگہ مندورِ تعمیر کرنس تہٕ رنگین ٹی وی وُچھنس ستی لین:

خبر یہ یاد ووٚترُتاں مےٚ مانسَم وُں تچھتھ
سری مندر تہٕ سلامتھ، رٚیشن علمہ تہٕ بجا
یہ کُنیتھ ساوا و پریشان خاب تانی کرٚن
خودایہ سانہٕ! وُں ژےٚ منگتھ سانہٕ بدلہ دُعا!

جنابو! مےٚ مشن تہٕ زانہہ تم تمبلیمتی ژری تہٕ اوری تہٕ پوٗری ساتھ یِیلہ سہ
وُچھتھ سہ حال مےٚ کانچھو زہر تہٕ خاموشی
تہٕ دوٚپتھ ژےٚ مالہ مُقدّر مژر تہٕ خاموشی

میأنی پاٹھی أسی میأنی کینہہ دوس تہٕ کینژرس کالس زہر تہٕ خاموشی کانچھان، مگر چھیکرس واقہ چھُ پرٚ پننی حاس ووٚجوٗدن دُیتنہ تمن زہر کھینہ۔ اَسہ تہٕ توہہ کوٚر زہرس مقابلہ مژر برداش تہٕ سہ مژر تھوو پتھو تتھ قایم۔ البتہٕ ایحساسک تہٕ شعورک تقاضہ چھُ زِ یوسہ خاموشی بظاہر سون مُقدّر بناونچہ ژوہ سپدان چھےٚ سو خاموشی پھُٹراوو اَسی کُنہ پاٹھی تہٕ پننس مژرس بخشو اظہار ابلاغ۔ اَمہ بروٚنہہ زِ سأنس قومی ووٚجوٗدک

پھرون موٗحسوٗس کیٚو ناموٗحسوٗس پانٹھی ہٹہ شراکھ اَسہٕ شوٗبہٕ پیٚنٕہ نِن ڈُبرائِی
واٗنی جِن بالہٕ یپارٕ کیٚو بالہٕ اَپارٕ ہڈہ تہٕ بوٗلتھ وَنُن زِ ع

بوٗلو بوٗلو بولُن چھُو وُنہٕ پانس تام !

ذی ہوش سامعین ! بہٕ چھُس پننہِ یم اڈگرِ ی ٹھوگری کلماتھ اَند
واتناوان واتناوان جدید یوٗرپی ڈرامہس پیٹھ لیکھن وألِس اَکِس معروف نقاد
ایرک بنٹلے سندی کیہنہ جملہ توہہٕ گوش گذار کرنی یژھان، سُہ چھُ لیکھان :

" بہٕ چھُس یہ کتھ مانان تہٕ باوان آمُت زِ جدید " سنجیدٕہ " ڈراما نویس
چھُ، یاتس پیٚنٕہ آسُن، آوُر جدید اُدیبن ہمراہ، انسأنی جوہر تلاش کرنس منز۔
اَتھ تلاشس منز آورِس فنکارس کمہٕ اکہٕ خوٗصوٗصیژہ ہند چھُ باقے تمام
خوٗصوٗصیژو کھوتہٕ زیادہ ضروٗرتھ، اگر سو خوٗصوٗصیتھ کُنہِ اَکِس لفظس منز
بیان کرٕنی ممکن آسہٕ تیلہِ وَنہٕ بہٕ زِ سو لاٗزمی خوٗصوٗصیتھ چھےٚ گُستاخ آسُن۔
اَتھ برعکس یم فنکار تلاشس منز آوری چھِنہٕ، یم نہٕ کُنہِ چیزس پلوٗ کرنٕچ
کوٗشش کران چھِ، بلکہٕ چھِ سوکھ موکھ پیٚنٕہ نِن ڈیٚلن اندرے اندرے کأم
کران، یمن نہٕ جوٗرتگ مادہ بلکُل چھُیی، یم نہٕ زہنہ نتہٕ پیٚٹھ نیٚٹھ تھاوان
چھِ، یم نہٕ زہنہ کُنہِ چیزس موٗرن دِلس بہران چھِ، یم نہٕ زہنہ گردن زیٚٹھ اوٗتھ
کریمانہٕ کڈان چھِ، تِہند باپتھ گژھہ تنقیدی لوغاتس منز۔ موٗجوٗد سارِوے
کھوتہٕ وُلٕہ صفتھ رِزٕروٗ تھاونہٕ یِنٕ : بےٚ ضرر !"

سون ڈراما چھا بےٚ ضرر کِنہ گُستاخ، سون ادب چھا سود کِنہ
وٕدٕل ؟ سون اُدیب چھا سونہٕ گوبُر کِنہ پردہ سوز؟ مأملہٕ چھُ بحث طلب۔
آخری کتھ : ڈراما چھُنہٕ کاغذس پیٚٹھے یوت لیکھنہٕ یِوان تہٕ نہٕ چھُ
سُہ رنگہٕ ڈنگس تامے موٗحدوٗد آسان۔ یہ کاینا تھ تہٕ اَتھ منز ساٗنی زندگی،

یتہٕ پھےٚ اکھ ڈراما۔ اَمہِ برونہہ زِ یتھ زِگنکس سٹیجس پیٹھ بوٗلنٕچ تہٕ کاٗم کرنٕچ ساٗنی وزِ تہٕ موقعہٕ واتہٕ اَند، اَسی بوزہاو ون یَنٕ ہِنٕز دِل یہِ ڈایلاگ:

نغمہ ہائے غم کو بھی اے دِل غنیمت جانئے

بے صدا ہو جائے گا یہ سازِ ہستی ایک دن

والسّلام

# بانڈ پاتھر

## پرآنۍ آثار تہٕ نوٚو دٔرشن

پی، این، پُشپ

کشیرِ اندر یتھ از بانڈ پاتھر ونان چھِ، وُری ساسا برونہہ آسی تتھ بھانڈ ناٹیہ ونان ۔ ابھنوگپت بِہ وَنہِ موجوب اوس ناٹیہ شاسترس بوش کھَسیہ برونہہ تہٕ دل بہلاوَنہٕ اکھ زوردار پیش کش مانہٕ یِوان ۔ اَتھ اندر اوس نقالی پیٹھے زور دنہٕ یِوان ۔ یَیلہِ زن ناٹیس اندر نقالی (: اَنُ کرنہٕ) تیتر اہم آسنہٕ مانہٕ یِوان ییتر زن بیان آفرینی (: اَنُ کیرتن) آس ۔ ابھنوگپت اوس اوے اَتھ ناٹیہ شاسترکس ناٹیس بھانڈ ناٹیہ لِنہٕ بدُون زانان ۔ ناٹیہ شاسترس پیٹھ تَنُدِ (ابھنوبھارتی) ناوکہ شرح تلہٕ چھُ نان زِ تمہِ زمانہٕ تہٕ آسی بانڈ رازبوترن بیتر نقالی کرِتھ اکہِ شکلہِ بیاکھ شکل کران ۔ یہ ڈٕپی زِ تہٕ ییرِی پھیرِی والان تہٕ وُچھن والین اَنا وان ۔ بیٚیہ اُکس جایہ چھُ ابھنوگپت بھانڈ نرتیہ (یعنہِ بانڈ نرٔژن) تہٕ اَسن وادکے اکھ تیٚتھ ذریعہ زانی راوان یتھ اندر کالنہٕ ہندِ پاراوک نقل کرنہٕ یِوان اوس ۔ مطلب زِ ڈہِ مہِ صدی ہنزِ یتھ فنی رِوایژ اندر بھانڈ نرتیہ تہٕ بھانڈ ناٹیہ پرٔیھتی آسی، تمہِ کے نزدراو یتہٕ بھانڈ پاتھرس اندر تہٕ نوٚن ۔ امہِ آیہ پاتھر لفظک ورتاو چھُ (شاید گوڈنی) پنداہمہِ صدی اندر شیخ شرُکس منز یتھ کِنی درینٹھ یِوان :

پاتر بیوٚن بیوٚن تہٕ اکوے ماگن          یتھ پاتھر لاگن رگن منز ۔

شُرکس منز چھ ژور اہم لفظ آمتی: پاتر، ماگن، پاتھر تہٕ رنگ۔ پاتر (یعنہٕ پاتر) چھُ وہ نی کِردار بنیومُت۔ رنگ چھُ وُنہٕ تہٕ رنگ کھارُن، رنگس کھسُن، رنگہٕ رلوُن تہٕ دِویہٕ رنگ ہِشن ترکیبن منز موجوٗد۔ ماگن بدلہٕ چھِ وہ نی ماگُن وَنہٕ یوان تہٕ پاتھر لفظ چھُ بدستوٗر بارس۔ دِویہٕ رنگ ترکیب چھےٚ بانڈ پاتھر کہ اکہٕ پرانہٕ رِواجی مقصدچ نشاندہی تہٕ کران سوگیٖہٕ زِ بانڈ پاتھر اوس دِوین پیٹھ تہٕ پیش یوان کرنہٕ۔ اُکنگامکی بھگت آسی یتھ کالہٕ یِی کران۔ یعنی بانڈ پاتھر اوس اکھ لکہٕ پاتھریُس ماٗلن پیٹھ تہٕ گندنہٕ اوس یوان۔ یہٕ رِواج اوس کشیر اندر ستھےٚ پرُون تہٕ کیازِ نیل مت پرانس اندر چھُ پرتھ ناگہٕ یاترایہٕ یا دِویہٕ ستی پریکشا (یعنہٕ گندِن پاتھر) ہاونک باند باند آمت کرنہٕ۔ بھرت ہندِ ناٹیہ شاستر موجوب تہٕ چھُ پریکشن پردان (یعنہٕ پریکشایہٕ ہند دان) بڈِ کھوتہٕ بوڈ دان (یا کارِخار) مانہٕ آمُت۔

تہٕ دِوین یا ماٗلن پیٹھ یُس رنگ یا گندن پاتھر پیش کرنہٕ آسہٕ ہے یوان تتھ اندر آسہٕ ہے لوکہٕ سترِیگ اُسن گندُن بھانڈ ناٹیہ (یعنہٕ بانڈ پاتھرچہٕ) صورژ منز تہٕ گندنہٕ یوان۔ کشیرِ اندر یتھ ناٹیہ شاسترس بوش اوس سُہ تہٕ اوس مُلہٕ تکہٕ عوامی پاتھرن ہنزے شوٗزرن یشناوان۔ اَتھ اندر تہٕ اوس اُسن پاتھرن ہند دارومدار ہمن کینژن کتھن پیٹھ وَنہٕ آمُت:

"نقالی ستی پارا وِچ مسخہٕ صوٗرت، بدلیحاظی، خام طمأیی، کہتہٕ کہتہٕ، زبان درازی، جسمانی وکابہٕ، عابہٕ تنوزن بیتر" کانہہ اُسن پاتھر ایلہٕ سازندرو سان یتھ کنی گندنہٕ آو تتھی کوٗرکھ ناو بھانڈ ناٹیہ۔ بھانڈ آسی ونان سازس سامانس تہٕ سازس آسی وَنان بھانڈ وادیہ۔ واین گاین والین ہند دوٗر اوس رنگہٕ (یا سیٹیجہٕ) کہ اکہٕ اند بڈ بوز شوٗزِ سان ٹھیکراوُنہٕ یوان۔ ماحول گنڈنہٕ باپتھ اوس گیون سترِ۔ کرنہٕ یوان۔ اَتھ ترایہٕ تہٕ تار تھنزایہٕ ہند اوس خاص خیال یوان تھاونہٕ یتھ زن رنگہٕ رنگہٕ سازٕ ہلہٕ وَن لوٗرہٕ نی بنتھ ہیکہٕ ہے تہٕ لیٖن ہند ژھین تہٕ دِلس پریہٕ وُن باسہٕ ہے۔ ماحول بندی خاطرِ سازن ہنز اَتھ رنگہٕ رنگہٕ ملوُنہٕ آسی چنشک ونان۔ سازندر تہٕ گیون والی آسی یکہ ورہٕ

منگل یا مناجات پیش کران۔ شلوک آسی ترجمہ سان تہٕ پرٕنہٕ یوان۔ اَمہٕ پتہٕ آسی اَکھ پاٹھ سان پرٛزر کانچھن واجٕنۍ کینہہ کردار ناٹکٕچ کتھ تُلان۔ پرٛزر کانچھنِ اَکھ باوژ آسی وَنان نانٛدی۔ پتہٕ آس نٹن ہنز رِوایتی علمہٕ ہنز شناخوٲنی کرنہٕ یوان۔ ترٛے مولٔنٹ (یا پاتھر گندن واجٕنۍ) آسی پانہٕ واجٕنۍ کتھ کتھ ہنٛدِ ذٔریعہٕ ناٹک کہ سٔنزِ کِنۍ اشارٕ کران۔ یم ترٛے مولٔنٹ آسی:

اَکھ: سوٗتردھار یُس اَنٛتھ زٕنتہٕ تھیٹرُک ستھر یا انتظامُک پن اوس آسان۔

دوٗیُم: وِدوٗشک۔ یُس پنٕنہِ پھرِ تہٕ پاتھر ویاو پھژارو ستی تماشہٕ وُچھن والین اَساوان اوس۔ تہٕ ترٛییُم: پارِ پارشوک یُس سوٗتردھارس نکہٕ ڈکھ روزِتھ پاتھر گندنس اَتھ وَتھ انان اوس۔

بھرت چھُ اکہٕ پرٛانہٕ رِواجُک ہنز تہٕ نشاندہی کران۔ یمہٕ موجوب سوٗتردھارس ڈٕچھنہٕ تہٕ کھووری گرٛٹھی زِ پارِ پارشوک روزٕنی اَکھ گوٗژھ تُلن جرجر ناوچ سو رِواجی علم یتھ برہ مہہ کالہٕ اندر دھوج (یعنہٕ یندرازنی علم) وَنان آسی۔ دوٗیُم پارِ پارشوک گوٗژھ تُلن بھرنگار ناوُک بانہٕ یُس پتہٕ کمنڈل بنہو، پتہٕ کشکول تہٕ۔

کٲشِرِ ہنزن یمن پرٛانین رنٛگہٕ ترٲین ہنٛدی ژھایہٕ گتیٕ ہوی چھ بانڈ پاتھرکس رِواجی سٔنزِس اندر تہٕ گرٛٹھان۔ پرٛانہٕ ناٹکی سنگیت، نرتہٕ تہٕ ابھنٔے چھ یِمتہٕ واین گاین، نژن تہٕ اداکٲری بنان۔ ماحول بٔندی بایتھ رنٛگہٕ رنٛگہٕ سازٕ بِلوٗنہٕ چھےٚ یِمتہٕ بانڈ ژوک ناوُگندنہٕ یوان تہٕ یہ بانڈ ژوک چھُ ہنا بدلتھ تہٕ پرٛانس لرِ لوٗر باسان۔ یِتوَ تہٕ دٕرٕ دٕ ہولو سازو بدلہٕ چھ یِمتہٕ ڈول، نگارہ تہٕ بیشرو بارسس۔ وینایہٕ ہنز جاے چھےٚ رٔژِ سازِ کٲشِرِ تہٕ وینوٗ (یعنے نے) پتہٕ چھےٚ بینِش سورنے۔ سوٗتردھارس یِتوٗ ناو کرٛی دار یعنہٕ اچھ دارٕ پاتھرَن ہنٛد کوٗرٕ اَتھس اندر رٹٕنۍ وول زُٹھ بانڈ۔ (برہ مہہ کالہٕ آسہٕ ہے سوٗتردھارس تہٕ کٹھ تُلی ناچُک پَن اَتھس اندر رٹنہٕ کِنۍ یہ ناو بیومُت) وِدوشک بنہو بوڈ مسخر

تہٕ زِٹھس باںڈس نِچھ ڈکھ روزن واٲلی کیہنہ باںڈ یا مسخرٕ بوزی توکھ پرٲنی پارِ پار شوک۔
جرحیر نادِ پٕچ علم سپز باٲتس اندر تبدیل۔ نانٛدی پٮ۪ٹھ دُعایہ خاًر زِنٛگی ظاہر تہٕ دُعایہ خار
منگن وٲلِس باںڈس بیوٚو ناو ماگُن۔ (فرضی مہاگنُ لفظس سٟتی چھُ تہٕ اَتھ کانہہ تہٕ تعلق)
بھرت بند ناٹیہ شاستر کٕ اکھ اَہی پاٹھ چھُ یتھ کُنہٕ ہیوٚ:

"اَدِ کیاہ تہٕ بُتہٕ راتھ رٮ۪زِن سو کھٕ ساو۔

دراگس روٗگس سٟدان ناش"

تہٕ باںڈ پاتھرس اندر چھُ یوٚہے رٕژر یتھ پاٹھی کانٛچھنہٕ آمُت:

"مُلکس تہٕ خلقس خاًر ..... ماجہِ کشیر خاًر۔

بُڈِس زراعتس بُڈ برکت۔ قحط تہٕ وَبا نِشہِ نجات

نار تہٕ مار نِشہِ نجات! آمین!

(بُہری پاتھر)

اَتھ دُعایہ خارس اندر اگر" راجن تہٕ مہاجن خاًر" یا

" رازن کیُتھ رُتیے آو .... بیرن کیُتیے رُتے آو .... حاکمن کیُتیے
رُتے آو" ہوی باںڈ دُعایہ خاًر تہٕ شامل چھ آسان، تاجیچ کتھا تہٕ چھےنہ۔ تہٕ کیازِ یم رٕوڈ
واٲلی طبقہ یا ڈری باںڈ جشن لاگان چھِ، باںڈن قدر کران چھِ، تہند رُت کانٛچھن گوو نہ
غلط ہیوٚ کیہنہ۔ طائیفہ درَن نِشہِ تہٕ اوس یمن حاجت نیرانے۔ توے آسی تمن تہٕ رُت
کانٛچھان:

"کمایہ گُلبن خاًر ..... کاشتکارن تہٕ زمیندارن خاًر۔ دکاندارن تہٕ خریدارن
خاًر ... آمین۔" دُرزٕ پاتھر

یا "گرہستس کیُتے رُتے آو ..... چھانن کیُتے رُتے آو۔"

تہٕ پوٚتُس آسی سارنے ہند رُت کانٛچھان:

لوکن کِنٛتٕے رُتٕے آو ..... اٰمین!

یِنٛہٕ قدر کرٕہکھ تِس آسی تُوٕے کھوژناوان تہٕ بدٕرد تہٕ وٕنان:

"بجیل فنا گژھِ نے.... مُلکہٕ منٛزٕ گژھِ نے..... گرو منٛزٕ گژھِ نے!"

(بُہری پاٹھر)

طبقٲتی منٛز' ناہمٔوارِ ٹکراوچ یہ ژھانٛپھ چھےٚ پرینٛتھ دوٚیِمہِ فنی باوژ اندر موجود رُوزِتھ تہٕ بانڈ پاٹھر ہُوس زِہ دار گنڈن صنفس منٛز- اَمِکی کردار چھہ نہٕ وانہٕ دُوٚرٕی: ظالم تہٕ مظلوم! اکہٕ پاسہٕ تحصیلدار، موقدم، کاردار، اردلی، تھانہٕ دار، چوٚکی در، پُلیسہٕ واٲلی، پٹہٕ وٲری، دُرد، شاہ گوش، سگواں، شہسوار، انگریز، راز، بُہرٕ بیترٕ تہٕ بییہ پاسہٕ گریٖوٚس، بکروال ناٲود تہٕ برگار رٕٹہٕ آہتی بییہِ کٲشرٕی- کٔشیر ہندِ وجوٗدک باس تہٕ چھُ کُنہٕ کُنہٕ یِتھ کٔنی ٹاکارہٕ پاٹھی نوٚن درامُت:

"کٲشرِس تہٕ پارٕی مِس کو کرِس دِگودگ!" (واتل پاٹھر)

اَدٕ تہٕ ییلہِ کٲشرٕے پارِیُم لاگِ۔ تیٚس نامسخرٕ دوٚتھ وٲلِتھ:

"نوٚ تہٕ یہےٚ چھُ وارکارٕ کٲشرٕ، کٲشرِس گاٚسِس پیٹھ زامُت- یہ کتھ اوس اَسہِ یہ فٲرسی چھکان؟ ہیں دم، تُفتم تہٕ گفتم!"

(دُرزٕ پاٹھر)

انگریزی پاٹھرس منٛز- ییلہِ تھانہٕ دار صحبہ سُند کوٹھ لاگِتھ بدمعاشس ریکاٹھ چھُ کران- بدمعاش چھُس بڈٕ ہٕمرسان پرٕدٕ فاش کران:

"جناب- یوسہٕ یہ توٚہہِ گرٕ چھےٚ یا یہ کوٹھ ناٲلی چھُ، یِم جناب چھِہ اہندی تِمس صحبہ ہندی!"

سماجہ کِین وِچھٕ ژارن' لَشہٕ کرِتھ لوکن اسنادِ یِج تہٕ بڈٕژن نِنٛبر کرِج یہ رِوایتھ چھےٚ کٔشیرِ اندر سٔٹھاہ پرٲنی تہٕ گنڈن پاٹھرس اندر اَمِیک سٕٹھےٚ زبر اظہار چھُ جنبیت

بھٹن آکم ڈمبرس منز میلان۔ مذہبی فکرِ ہنزن تراین تہٕ گراین پیٹھ لکھنہٕ آمتس اَتھ ناٹکس اندر چھُ اَکھ ضمنی پاتھراتہٕ وونہٕ آمُت۔ یُس زن پرانہِ بھانڈ ناٹچ اَکھ زوردار مثال ہِش باسان چھُ۔ اَتھ اندر چھ بودھ بھکشوہن ہندِس کشنک واد ناڈکس تتھ نظریُس ٹسنہٕ آمُت کرنہٕ۔ یَمہِ مۆجوب تَم پرچھ وجۆدس محض بَرنزی وِہی مانان چھ۔ چنانچہ اَتھ اندر چھ ہاونہٕ آمُت زِ اَکھ بھکشو چھُ پَنہِنس وِہارس اندر ژاٹھ پرناوان: سورُے برزی وِہی۔ سورُے برزی وِہی۔ ژاٹھ تہٕ چھِ گرٕ تلان۔ سورُے برزی وِہی سورُے برزی وِہی۔ سورُے برزی وِہی۔ اَتھی اندر چھُ کھین چین وتنک گاٹنہٕ وزان تہٕ بھکشو ہس ہتے چھ ساری ژاٹھ کھیٖنہٕ مَنڈوس کُن دَو تلان!

کشیمیندرن تہٕ چھ اَمہِ قسمکی کینہہ طنز نظماوی مٕتی، یِم سیٹھے زُبد چھ۔ جینتن لیوکھ نوٕمہِ صدی یہِ آخرس ہیوٗ تہٕ کشیمیندرن کٕہمہِ صُدی یہِ منز۔ اَمی یِم طنز نظماوی تِم آسہن ظاہر اگندنہٕ تہٕ یوان۔ چنانچہ ناٹکی واتلن یہِ بیان چھُ اَمی زمانچہِ رلوایشرکن اشارہ کران:

"دپان ہٕرٕ ہٕرشی دیواوس پادشاہ تہٕ وٕرشی دیواوُسس وزیر۔
اَبہورا وُسکھ مسخرٕ تہٕ دَیُت ماگُن"۔

اَمی پاتھرٕ تلہٕ چھُ پتہٕ ننان زِ کرتام آسہ ہے گاسُن دربانڈ جشن لگان۔ ہرش دیونہٕ وقتہٕ کینہہ یمن گندن پاتھرن اندر آسہ ہے خاص کرِتھ مُحرر، دفتری، پٹواری، خزانچی تحویلدار بیتر کایستھ ورگہٕ کین مُلازمن تہٕ حاکمن تِتھے کُنی کینہٕ دٕر یوان کرنہٕ، یِتھ کنی کشیمیندرن بٕتن اندر یمن کرنہٕ آمٕژ چھِے، دژاگہ دلو، غلہ دار، سوٗدر، کراڈ دژال، زاری، شرابی، کرتھ خور تہٕ اَچھن کَچھ ژھنن والی سماج دشمن ہنچہ تہٕ آسہ ہن یمن گندن گرٕن ہندِ طنزکی شکار بیدی مٕتی۔ اما یمن پاتھرن ہنز زبان آسہ ہے تِمن دوہن ہنز سو عوامی زبان' یمہ منز۔ اَمہِ پتے کاشرٕ: لان وہ تلیمہِ، پتہ ییلہِ پنداہمہ صُدی اندر بڈشاہی دورس

منز کاشرِ زبانی دٕری پاٹھٕ کھور ٹھیکرآوی، یِم پاتھرٕ تہٕ آسہٕ ہن اُتھی (زبٲنی) اندر گندنہٕ یوان، چناچہِ شیخہِ شٕرکس منز پاتر، پاتھر، ماگن تہٕ انگ، یمن ژوٚن لفظن ہُند برمحل ورتاو چھُ اُتھی کُن معنہٕ سود اشارٕ کران۔

اما بانڈہٕ پاتھرچ رِوایت سیٹھاہ پرآنی آسنہٕ تہٕ ہکو نہٕ اُسی وٚنتھ زِ محمد سُبحان بھگت صابن یمن بانڈ پاتھرن ہنز۔ گوڈنچ سوٚمبرن بڈٕ ژٕرکہٕ تہٕ حوصلٕہ سان پیش کرمژٕ چھِنے، تِم پاتھر کیا چھِ موجودٕ شکلہِ اندر زیادٕ پرآنی ہوی کینہٕ۔ تونہٕ ہیکہٕ نہٕ اتھ کتھِ انکار کرنہٕ یتھ زِ پرانین رِوایژن ہنز۔ وقتہٕ وقتہٕ وکھتے چھِنے اتھ سوٚمبرنہٕ اندر بڈٕ ہوشہٕ سان رٔژھراونہٕ آمژٕ۔ خاص کرٕتھ واتل پاتھر، گوسانی پاتھر، بٔہری پاتھرنہٕ دٕرزٕ پاتھرٕ یمن ژوٚن منز حالانکہِ موجودٕ شکلہِ منز چھُ یمو منز واتل پاتھرے یوت یُس پاٹھی کنوٚہمہِ صٔدیہٕ برونٹھیم باسان۔ زبٲنی رٕنگہِ تہٕ کِردارٕ رٕنگہٕ تہٕ۔ باقے پاتھرن اندر چھِ منز۔ کہ منز۔ کہ ٹُکہ فارسیس سیتیٖ واٹہٕ پارِیم، کٔٹہٕ پنجٲبی تہٕ اڈٕکاچھِ ڈوگری تہٕ وَننہٕ آمٕژ۔ کنوٚہمہِ صٔدی برونٹھہٕ آسنہٕ یہٕ کتھ ممکنے مثلن:

۱۔ (گوسانی پاتھرس اندر) "آدیس بابا آدیس تہٕ" (سورنہٕ بیٹھ) "اسا پیا پانی پیا جانی پیرا" یِچ پنجٲبی دُھن۔ (حالانکہ اتھ اندر چھِ ناتھ متُک اثرٕ تہٕ کم کاس باسان تہٕ لل واکھ بیترِ تہٕ شامل آمتی کرنہٕ)

۲۔ (راز پاتھرس اندر) یتھ منز ڈوگری عہدکہِ گجپت قلعک ناو تہٕ آمُت چھُ رہے اولا (رازس کُن): "جے دے سرکار جے دے! ...

ماز ملک کابل آمدیم

بلے خداوند، فارسی زبان دانم۔ زبان فارسی دانم۔ الا کشمیری نے دانم ... سرکار میینوں بھی تھوڑی سی ناچ دکھاو"۔

۳۔ (دٕرزٕ پاتھرس اندر) یتھ منز شیر گڈھ ہُند ناو تہٕ آمُت چھُ تہٕ پٹھانی ناوک

مقام تہٕ وایِنہٕ یوان چھُ۔

مسبحز : "آ، کیازِ نہٕ؟ پنجابی وَنہٕ، گرمکھی وَنہٕ، شاستر ونہٕ، عربی ونہٕ، بنگالی وَنہٕ، ہندی ونہٕ یا لداخی ونہٕ، تِمہٕ چھِنہٕ کُھے! اِلا نہٕ فارسی وار کیہنہٕ۔"

۴ (شکارگاہ پاٹھرس اندر) : گوٗر : "آ، کیازِ نہٕ۔ مینوں پنجابی یکدم فکرِ ترے گا۔

شہسوار : سرکار کے ہرنہٕ الاق میں ٹور دتا۔ دس کھاں وہ کدھر گئے؟

گوٗر : ہیا، دراصل یم کاٹرٕی، کاٹرٕس گاسس بیٹھ زاہتی۔ مگر یمن گرِ ن کھِتھ چُھ فارسی چھکان۔

۵۔ (بُہری پاٹھرس اندر) ہٲرِیے نھاوکنا کَن تہٕ لولو
زار میانی طوطس وَنہٕ لولو (رسول میر)

وقتہٕ وقتک سوٗن اثر رٹُن چھُ عوامی فنچہِ پیشگیہِ ہُند اکھ فطری وصف۔ اَمہٕ وارے ہیکہٕ نہٕ نوٚن حالاتن لرِ لوٚر پرٕون گدرُن باونے یتھ۔ اَوے چھُ باندٕ پاٹھرس اندر اُزکِ دوٗرک پرتوٗ تہٕ نظر گژھان۔ تِہنٕ وَنہٕ تہٕ چھ اَتھ اندر زِیوٚ بیٹھ کھسان، یم یتھ کالہٕ بُوٗدے آسہِ نہٕ۔ مثلن ڈرزٕ پاٹھرس اندر چھُ مسبحز خلقس تہٕ ملکس خارٕ منگان منگان ونان:

"یتھ سانہٕ ماجہِ کشیرِ تہٕ خارٕ تہٕ اَسہِ فنکارن تہٕ خارٕ۔"

(انگریزی پاٹھرس اندر) ژٕڈی دارنکہ پوٚنسک ذِکر۔

(بُہری پاٹھرس اندر) یہٕ عبارتھ: "یم مہرا انجمن تسٕ یُس اَسہِ پیٹھ بدآبہٕ۔ یُس یتھ ساری بے عوامس یتٕ روگہٕ روگہٕ آسہِ وُچھان"۔

یتھے کٕنی (گوسانی پاٹھرس اندر) گوٗری سُند، غلہ دار سُند، موقدم سُند تہٕ پٹھوارٕی سُند۔ مرگہٕ وزِ نہٕ وُمبر ورتاوِ مژ سماج دشمن حرکژ کران روزُن تہٕ یتی لیڈر ہندِس مرگس

تہٕ اَمی آیہٕ طنز کرُن:

ہیوٗلوٗ کو" بہٕ تہٕہند خدمت گار آستلہٕ ہے۔ خاص کریمِن ماجن تہٕ بینِن وَنہٕ ہے:
اگر توٗ ہمِ ساری مےٚ ووٹ دِتا، بہٕ تہٕہنز خدمت کرتا۔"

وُچھنہٕ لایق کتھ چھےٚ زِ کینژن پاٹھرن منز چھہِ واریاہن دورن ہندی اثر تہٕ
ژُستہٕ آہنگ تہٕ بداد تہٕ بک دِتھ دِرامتی۔ مثلن: راز پاٹھرس اندر چھہِ مونغل، پٹھان، سکھ
تہٕ ڈوگر ژو شہنی دورن ہندی ژہکہٕ یتھ کُنہٕ پارون ہوی آمتی:

رہے اولہٕ: " بلے قُربان، مازِ ملک کابل آدیم.....

یور: بوڑ رنہٕ کے ہا بوڑ راجو۔ کشیرِ ترکھ تہٕ ہمہٕ یو باجا
(شکری جُوس) نہٕ مہراز مےٚ دوٗپ تہٕ بر چھا تراوتو یور واپس۔ بلکہ گژھ یتھ قلعس
سوزی ہو (شکری جُوس یُتی کُنہٕ گژھِتھ رازس کُن ژرینہٕ وٗنی دِوان) جے دے سرکار
جے دے۔ مہراج کشیرِ ہنز گو گجہ نام واتناو ہو رازہٕ ویر....."

کُنہٕ کُنہٕ چھُ علامتی زنگُک باس ہیوٗ تہٕ گژھان۔ مثلن: (اگو سانی پاٹھرس اندر)
تالہٕ بیٹھ نار ٹوک ہتھ گوٗپالی چھےٚ وُنہٕ زنہٕ لوٗکُک نار ٹوک نالہٕ بیٹھ لہٕ وانی نظر گژھان،
یا (انگریز پاٹھرس اندر) بیلہٕ بیگاری شانو بیٹھ لیٚج وٲتھ انگریزس اَتھ بیٹھ بیٚہناوان
چھُ، یٚج چھےٚ پھُٹان۔ سنہٕ سنہٕ تاجس منز پھٹ نایہٕ ییٚج ہمیشہ خاطرٕ!

بانڈ پاٹھرُک مولہٕ مقصد چھُ زنگہٕ زنگہٕ آناوِتھ وچھ ژارن نبر کرُن۔ اسن
واد ژارنہٕ نک سنز کرنہٕ موکھ چھُ مذاق، چاٹھ، جڑہٕ، لسٹہٕ، ٹاٹہٕ، ہزل، طنز بیتر بانڈ
پاٹھرکہٕ انگہٕ انگہٕ منز وُزان روزان۔ اَمی غرضہٕ چھُ مسخر گراوُچہٕ وُچہٕ بولان گراکُس
ڈوٗل لاگان۔ گاہے موٗت لاگِتھ سالہٕ بتہٕ کھِوان، گاہے وُژہس لاگِتھ پرژھس
کُن وتان۔ گراز آنتھ ماٗنتھ لفظن ہُند بدلہٕ معنہٕ ژاران تہٕ گراکتھ منز۔ کوتھ کڈِتھ
بُھنی لاگے کران۔ کُنہٕ کُنہٕ چھُ گوٗن باتس اندر ینہٕ داَدی کانگر بوزناوان تہٕ کُنہٕ کُنہٕ بدرد

ڈنٛتھ زِتہٕ آنٛچ ہوران ۔ بلکہ ناسہٕ تہٕ تراس ڈنٛتھ برزِتہٕ بیٹھی ہیٛوٗتہٕ کران۔ مثلن انگریز پاٹھرس

اندر سازن ہُند ذکر کران کران یتھٕ ہوی ناسرٛا:

"جناب یتھ ناو آستا ہے ڈولی                بُڈی ببس آیی گوٗلی

یتھ ناو آستا            نگارا            مأرس کوٗرِ ہے بگارا!"

حالانکہ اَمہِ برونہہ یہنے چھِنے انگریزس اُدرہِ کھل کرتھ دِل شہلاوِنچ کوشش

گولہٕ پأرِ پاٹھی یتھ کٔنہ ژھتہٕ ماران درامہٕ:

"جناب اگر گوبجہِ ہاکھ اکوے دنگ کھیتا، ژ یکدم ویٹھتا۔ چون اکھ اکھ انگ

تہٕ ژرموہٕ والس سوٚمب گرژھتا!"

امابوتکن منز پیشاب بٔری بٔری انگریزس چاونُک منصوبہ چھُ سٹھاہ غلیظ باسان۔

اتھ برعکس چھُ (واتل پاٹھرس اندر) گلہٕ گلہٕ یا ہٲلمہ ہلمہِ آب سٲری سٲری ژھیٚپہِ نار

ژھیوٚراونُک ٹھری ول سٹھاہ زبہٕ طنز باسان۔

بانڈ پاٹھرس اندر چھِنے ماحول بندی بے شک ضرۄری اَما غأر ضرۄری خرافات

ہیٚکہِ اتھ اندر بکار یتھ۔ بانڈ ژوک بیہناوتہٕ علاو چھِنے یہِ کأم موزوٗن مقام وأیتھ

تہٕ اُنہٕ راوتہٕ یوان تہٕ یمہِ مقام چھِ صوٗفیانہٕ کلام کیو مقاموٚ نِشہِ ہنابدوٗن۔ تہٕ کیازِ

یم چھِ لُکہٕ موسیقی ہُند دیت۔ چناچہِ بانڈ ژاگس اندر چھِ یوان سأل گاہ نوبت'

دُنچ، روٗشی تہٕ ٹھر وانہٕ ۔ سأل گاہ چھ بُہری پاٹھرٕ، بکروال پاٹھرٕ، شکارگاہ پاٹھرتہٕ انگریز

پاٹھرس اندر تہٕ وانہٕ یوان۔ مگر شکارگاہ پاٹھرس اندر چھُ زیٛوٹھ سال گاہ وانہٕ یوان یتھے کٔنہٕ

چھُ روٗشی یوان بکروال پاٹھرس منز تہٕ وانہٕ۔ واتل پاٹھرس منز چھ واتل روٗشی وایان۔

کینژن بانڈ پاٹھرن ستی چھ کینہہ خاص مقام یا آہنگ وابستہٕ کرنہٕ آمتی۔ مثلن بُہری پاٹھرس

ستی سوداگر، ڈرز پاٹھرس ستی دردگاہ تہٕ                دردناد علاوہ ہند پوش، شراب

تہٕ پھٹأنی راز پاٹھرس ستی سوأری، شکارگاہس ستی ہانگل واد تہٕ سہہ ڈنڈ، گوسأنی

پاٹھرس سیتی مقام سارنگ۔

ماحول بندی ہنر کٲم چھےٚ گٔژھن باتن تہٕ ہینہٕ یوان تہٕ اَتھ اندر چھہِ واکھ، شُرکہ وژن، وَنہٕ وَن ہُری، لڈی شاہ، رُوی تہٕ چھکرِ بٲتھ وقتہٕ وقتہٕ پلزان نے۔ مثلن کرژھ خورن چھُ بیتھ کٔنہ ٹاس آمُت کڈنہٕ:

یہِ ترِے مانہٕ نے رشوت گوٚبرو دُشمنَن مورِمکھ کھورن تَل (ڈرز پاٹھر)

پٹوٲری یِیلہِ کوٚڈ قلم تہٕ کاغذ اَتھ چھےٚ داران کرژھس جو (بُہری پاٹھر)

یوٚژ ماحول بندی ہنز سارِے کھوتہٕ زُودار ژھومب چھےٚ نژن حرکژ وسیتی باوتھ، یوہے پرٲنی بانڈ پاٹھر اُموب وَرتاوان آسے۔ اَمِہ ژھومبہٕ ہُند سیٹھے منسوو ورتاو چھُ شکارگاہ پاٹھر، بُہری پاٹھر تہٕ گوسٲنی پاٹھر، یِمن ترِن منز خاص پاٹھی درینٹھ یوان۔

●

# کاشرِس ڈرامہس منز

## کردارٕ سٕنز شناخت

ہری کرشن کول

کوشُر ڈراما یوٚدوَے تیوٚت پرٛون چھُنہٕ یِتھ کاشُر شاعری چھےٚ۔ گر تیوٚت نوٚو تہٕ چھُنہٕ یِتھ کاشرِ نثری ادبچہِ بییہِ زٕ اہم صِنفہٕ افسانہٕ تہٕ ناول چھےٚ۔ گوڈٕ چھُ ڈراما، شاعری نش بیوٚن کڑُن تہٕ دوٚن منز زِچھر کینسر ژھانڈُن ویوٚتھے بِہن باسان۔ شاعری یِتھ سنسکرت پاٹھۍ کاویہ ونان چھِ، چھُ اکھ وسیع اصطلاح یِتھ تل سارِیے ادبی صِنفہٕ شمار ہیکوکھ کرِتھ۔ دوٚنی گوٚو اگر نظم (VERSE) تہٕ نثر (PROSE) ادبچہِ زٕ الگ الگ لنجہِ مانوکھ توٚتہٕ چھُ ڈراما یِمن زٕ ہندی پاٹھۍ دوشوٚنی لنجن تِھیُھ کرِتھ الوند۔ کاشرِس منزے یوٚت نہٕ، پرٛتھ کُنہِ زبانۍ منز چھِ کیہنہٕ ڈراما نظمس منز لیکھنہٕ آمتۍ تہٕ کیہنہٕ نثرس منز تہٕ اکثر ڈرامہن منز چھِ رلہٕ رلہٕ نظم تہٕ نثر آسان۔ اما پوٚز داریاہن ڈرامہن منز نظمُک بلہٕ مِش مقالہٕ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ چھِ ازکل زیادٕ تر ڈراما نثرس منزے لیکھنہٕ یِوان۔ یہِ کتھ تہٕ چھےٚ بُننہٕ جایہِ صحیح زِ کاشرِس منز چھُ ڈراما نثرس منز لیکھنہٕ

آمرُٕ ادبہ کیو (NARRATIVE LITERATURE) باقے دوٕیو صِنفو افسانہٕ تہٕ
ناولہٕ کھوتہٕ واکنہٕ حسابہٕ زیٹھے بہن۔ امہٕ زِٕچھرُک وجہ چھُ یہٕ زِ کٲشِرس منز چھُ بانڈ
پاتھر لکہٕ تھیٹرچ اکھ پرٲنۍ روایتھ آسمٕژ۔ کٲشرِس ادبس منز ڈراما صنفہٕ ہندس
دوٕ پدنس تہٕ ووٕتلنس منز بانڈ پاتھرُک دیُت قبوٗل کرِتھ تہٕ کرو پہٕ آسی یتھ مقالس
منز کٲشُر لکہٕ تھیٹرچہٕ تھپکہٕ لایق وراثژ بیٹھ زیادٕ غور تِکیازِ بانڈ پاتھر تہٕ چھُ
پرانین گندن گرین ہندین نژن گیونَن تہٕ اَزٕکین آرٹسٹن ہندین لایٹ
اینڈ ساونڈ پروگرامن (LIGHT AND SOUND) اہم شوہن (MIME SHOW)
تہٕ میوزک ہالن (MUSIC HALL) ہندی کُلہم تھیٹر (THEATRE TOTAL)
کِس زُمرس منز یوان یتھ منز موسیقی، رقص، کرتبو، سجاوٹھ تہٕ پوشاکو، روشنی
تہٕ رنگو نِسبتھ ڈراما نگار سُند متن (TEXT) ثانوی تہٕ باضے غار ضروٗری جزُک
درجہ تھوان چھُ۔ موتی لال کیمو چھُ موسیقی رقص تہٕ اداکاری بانڈ پاتھرُک اہم جزٕ قرار
دِوان تہٕ اَدٕ مسخری رنگہٕ چال سورنے ہندی مقام گژھ کاری دُعایہٕ خاطرٕ بیترِ عنصرن
ہٕنٛدی ناو ہیوان۔ مگر ڈرامٕٹک ٹیکسٹ یعنے ڈراما نگار سُند متن کِردارن ہندی
ڈایلاگ یم اداکارن ہندِ زیوِ نیران چھُ، تمن ہُند چھُنہٕ ذکرے کران۔⁽¹⁾ وُنی کینس
چھُ سون موضوٗع کٲشرِس ڈرامہس منز کِردار ہنز شناخت۔ یہٕ شناخت لبنہٕ
باپتھ دِمو اَسی تتھی کٲشرِس ڈرامہس دوٕنٛرٕ ھیُس بڑانہٕ لکہٕ ناٹکہٕ یا اَزٕکین تھیٹرِکل
شالی تارکن نِش بیوٚن سو اکھ ادبی صنف چھُ یتھ منز متن، ٹیکسٹ سارِوے
کھوتہٕ زیادٕ اہمیتھ تھوان چھُ تہٕ یُس پڑنی کِنہٕ ڈراما ناوُک حقدار چھُ۔
نندہٕ لال کول سُند "ستیچ کہوٹ" تہٕ محی الدین حاجنی سُند "گریس سُند گرٕ

---

(۱) موتی لال کیمو، ترِنوو صفہ ۶۔

چھ کاشرس منز یتھین ادبی ڈرامہن ہندی پیشرو۔ یم دۄ نوے ڈراما چھِ سنہ ۱۹۴۰ء
برونہہ لیکھنہ آمتۍ۔ موتی لال کیمو چھُ ونان زِ محی الدین حاجنی سُند "گریسِ سُند گرٕ"
چھُ سنہ ۱۹۳۸ء یَس منز ایس۔ پی۔ کالجکس پرتاپ میگزینس منز[1]۔ ناجی منور تہٕ شفیع
شوق تہٕ چھِ ونان زِ سنہ ۱۹۳۹ء یَس منز لیوکھ حاجنی صابن گوڈنیک سماجی ڈراما
"گریسِ سُند گرٕ"[2] مگر اَمہِ ڈرامہک یُس کتٲبی روٗپ (طبع سوم۔ مول سوا آد روپے)
مےٚ وُچھمُت تہٕ پۆرمُت چھُ تَمہِ کِس اَندرمِس سرورقس پیٹھ چھُ ڈرامہکس عنوانس
تَل کنہِ لیکھتھ "سنہ ۱۹۳۹ء میں کشمیر کی دیہاتی زندگی کا حقیقی عکس" مون زِ ادبس چھ
منز کال درشٹی آسان۔ تیٚمہِ زٕ بصیرت چھےٚنہٕ ماضی، حال، مستقبل کانہہ فاد مانان۔
تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ یہِ مانُن وۆپھٕ ہے یہن گرٕھان زِ حاجنی صابس اَس ڈٲری برونٹھے
خبر زِ سنہ ۱۹۳۹ء منز کیاہ آسہِ کشیرِ ہنز دیہاتی زندگی ہنز حقیقتھ۔ خار یہِ چھے
اکھ لوکٹ کتھ تہٕ اَمہِ سِتۍ چھےنہٕ یتھ حقیقتس کانہہ فرق پیوان زِ کاشرس منز
چھ ڈرامہچ ابتدا ہیوے دۄ یوٗ تخلیقو سِتۍ سپزمژ۔ دپان اُتھی وقتس منز یا پتہٕ برونٹھ
چھ غلام نبی دلسوزن کینہہ سیکولر ڈراما لیکھمتۍ[3] یم کیاہ اَسی؟ ناو کیاہ اوسکھ!
اَتھ نسبتھ سپز نہٕ مےٚ کانہہ زانکٲری دٔستیاب۔

سنہ ۱۹۴۷ء پتہٕ بیوٗد قومی کلچرل محاذ قایم۔ اَمی محازچ شاخ اَس انجمن
ترقی پسند تھیٹرس یتھ پیٹھ ہندوستانٕچ کمیونسٹ تحریکہٕ تہٕ اپٹاک (IPTA)
اثر اوس تہٕ یتی اَسس جموں وکشمیر سرکارکہ اکہِ گروہچ سرپرستی تہٕ حاصل
یہِ اوس اکھ ہنگامی دور یتھ منز غار ملکی دُشمن، قبٲیلی حملہ آورن، امریکی سامراجی

---

۱۔ موتی لال کیمو۔ اژک اَنگی ناٹک۔ ساہتیہ اکادمی صفہ ۳۔

۲۔ ناجی منور۔ شفیع شوق۔ نۄو کاشر ادبک توٲریخ صفہ ۳۰۱۔

ین۔ ملکی غدارن، جاگیردارن، غلہ دارن تہٕ ہوکھ، سالاب، دراگ ہوین قدرتی بلاین خلاف جنگی، سیاسی، سماجی، انتظامی تہٕ اقتصادی سطحس کیہنہ کرنہٕ آو یانہٕ آو، مگر ڈراما تہٕ تھیٹرکس مادانس منز آیہ تمن پرٕ خچہٕ وُڈاونہٕ۔ "ڈالر صاحب" "چور بازار" "ترٛے بٹا ژور"، "زمین چھےٚ تسنز یُس کھیت کاو" بیترِ یم بسیار ہنگامی ڈراما لیکھنہٕ آیہ تمن پیٹھ تبصر کرِتھ تہندین کردارن ہنز شناخت بدٕکڈنچ کوشش چھےٚ فضول۔ یمن ہنگامی ڈرامہن لرِ لوٚر آیہ پریم ناتھ پردیسی، امین کامل سوم ناتھ زتشی، علی محمد لون، اختر محی الدین، غلام رسول سنتوش تہٕ ڈسی کیہنہ سنجیدٕ ڈراما تہٕ اوپیرا تہٕ لیکھنہٕ مگر بدقسمتی کنہٕ چھنہٕ یہندی ٹیکسٹ ڈسویاب۔ کیہنہ کال پتہٕ لیکھ دیناناتھ نادمن تہٕ کیہنہ اوپیرا یموٚ منز "بوٚمبر یمبرزل" تہٕ "وِتستا" سٹھاہ مقبول تہٕ مشہور سپدی۔ یمن اوپیراہن ہندین سکرپٹن خاصکرِتھ باتن منز اوس زوٗ یمہٕ کنہٕ یہندی ڈسی کاشُر اوپیرا عالمی معیارن نزدیک ووت۔ وِتستا اوپیراہک سکرپٹ چھُ چھاپ سپُد مُت۔

کھُلیبہٕ گوڈٕ جمس تہٕ پتہٕ سرینگرس منز ریڈیو کشیر کہ ناو آل انڈیا ریڈیو چہٕ شاخہٕ کیہنہ وقتہٕ پتہٕ آیہ ساہتیہ اکادمی، سنگیت ناٹک اکادمی تہٕ للت کلا اکادمی ہندِس طرزس پیٹھ ریاستس منز کنی کلچرل اکیڈمی قایم کرنہٕ ریاستی سرکارٕکی محکمہ اطلاعاتن تہٕ ہیوٚت کلچرل سرگرمیین منز حصہٕ نِتھ شہر گامہٕ تمدنی مشنن تہٕ ماتن ہُند اہتمام کرُن۔ یہٕ نوٚو ماحول بنیو کشیر منز ریڈیو سٹیج تہٕ کھُلہٕ ہوہس (OPEN AIR THEATRE) منز ڈراما گِندنہٕ خاطرٕ سٹھاہ سازگار۔ وارِیاہ ڈراما آیہ لیکھنہٕ یمن تفصیل وِزِ وِز لیکھنہٕ آمتین مختلف مضمونن منز میلان چھےٚ۔

یہ ادس کاشُر ڈرامہٕ ٹک زاین کال تہٕ اگر ڈرامائی اصطلاح
استعمال کرو اُسی ہیکو اتھ گوڈٕ واکھ یہ پرولوگ (PROLOGUE) تہٕ وَنِتھ۔
کاشُر ڈراما پھانچھلو پتہٕ مین ترٛہَن وَریَن منز پھانچھلو یوت پہٕ بلکہ بالغ
گژھتھ بنیوو سنجیدہ بحث تہٕ وِچھارُک حقدار تہٕ۔ ریڈیو ٹیلی ویژن یا پتھ
آسن یمن وَریَن منز۔ ہتہٕ بدی بلکہ ساسہٕ بُدی ڈراما لیکھنہٕ آمتی۔ تکیازِ اُکس
قلم کارس خاطرِ چھ ریڈیو یا ٹیلی ویژن باپتھ ڈراما یا سیریل تیار کرٕنی بیٚیہ کینہہ لیکھنہ
کھوتہٕ مالی حسابہٕ زیادٕ فائدٕمند روزان۔ مگر اہم کتھ چھیٚ یہ زِ یمن ترٛہَن وَریَن
منز چھپیہِ کاشرس منز تقریبن ڈوڈ درجن ڈراما کتابہٕ تہٕ یمن منز الہ پہٕ ترے
درجن معیاری ڈراما سوٚمبرتھ چھِ۔ یتھ پاٹھی چھپنہٕ یتہٕ کانہہ بڈ کتھاہ باسان۔ مگر
یہ زانِتھ زِ کاشرس لِکھارس چھ بنہٕ چندہٕ پانسہٕ خرچ کرِتھ کتاب چھاپنٕ تہٕ بیتہٕ
یارن دوستن منز مفت بیاگراونی پیوان۔ کاشرین ڈراما لیکھن والین ہُند یہ جوش
تہٕ حوصلہ چھ اکہ زمانہٕ ساز نیچ ہُند نیب دِوان۔ چھاپ سپزمژن یمن ڈراما کتابن
منز چھِ علی محمد لون، پُشکر بھان، سجود سیلانی، شمہ مفتی تہٕ ہری کرشن کول ہنز اکھ
اکھ کتاب، محمد سبحان بھگت سنزٕ زٕ کتابہٕ تہٕ موتی لال کیمو سنزٕ ستھ کتابہٕ۔ ممکن
چھُ بیٚیہ کینہہ ڈراما کتابہٕ تہٕ ما آسن درامژٕ یمن نِسبتھ مےٚ کانہہ زانکاری چھنہٕ۔
اَمہٕ علاوٕ چھپیہ یمنے وَریَن منز کینژَن رسالن جریدن ہندی کینہہ ڈراما نمبر
ساہتیہ اکادمی تہٕ چھ حال حالے کاشرین اوٗک انگی ناٹکن ہنز اکھ سوٚمبرن چھاپمژٕ

سون موضوع چھُ کاشرس ڈرامہس منز کردار ہنز شناخت۔ اَمہٕ
موضوعکو مختلف گوشہ گاشراونہٕ باپتھ اُس کاشرس ڈراماکس ارتقاہس پیٹھ تہٕ
بیٚیٹھی بیٚیٹھی نظر تراونی ضرورٕی۔ کاشر ڈراماکین کردارن ہنز سام ہینہٕ خاطرٕ چھ
یتہٕ ضرورٕی زِ تمن مخصوص وصفن ہنز نشاندہی یِیہ کرنہٕ یِم ڈرامہس باقے

ادبی صِنفو نش بیوّن چھِ کڈان ۔ ارسطو چھُ ادبس نقل ( MIMESIS ) مانان یُس مختلف ذریعو، مختلف شخصن، مختلف طریقو کرنہٕ یوان چھُ تہٕ اَدے چھِ ادبی صِنفہٕ اکھ اَکس نش بدوٗن گژھان اگر لفظوٚ ذریعہ معموٗل کھوتہٕ بہتر اصل ذاتٕچن معزز انسانن ہُند نقل کرنہٕ آموٗت آسہِ تیٚلی چھُ ارسطو ہندی کنہ سہٕ ادب پارٕ رزمیہ شاعری ( EPIC ) یا المیہ ناٹک ( TRAGEDY ) آسان ۔ اَتھ برعکس اگر لفظو ذریعہ معموٗل کھوتہٕ بدتر کم ذاتھ انسانن ہُند نقل سپدِ تیٚلہِ چھےٚ سو ادبی تخلیق کامیڈی آسان ۔ مگر اتھ درجہ بندی منز چھِ ارسطوٗہس پانس اکھ مشکل بُتھہِ یوان لس چھُ احساس زِ اکہ حسابہٕ چھ سفوکلیز ( SOPHOCLES ) تمی قسمُک نقال یا تخلیقی فنکار یَمہِ قسمُک ہوٚمر ( HOMER ) چھُ ہیکیاز دوشوٚے چھِ معموٗل کھوتہٕ بہتر اصل ذاتٕچ ہندین معزز انسانٕہ ہنز نقل یا تخلیق کران مگر بیٚیہ حسابہٕ چھِ سفوکلیز ارسٹو پھنیزس ( ARISTOPHANES ) ہتی زیادٕ رلان یُس "اوٚرٕ"، "ہنہٕ موندجہِ" ہِنٛز کامیڈی ین منز معموٗل کھوتہٕ یُس کم ذاتھ انسان پیش کران چھُ ۔ ہیکیاز دوشوٚنی ہُند کردار پیش کرنٕچ موضوٗع ورتاونُک طریقہٕ چھُ یکسان ۔

سنسکرت آچاریو چھُ ادبی صنفن پیٹھ وِچار کرنہٕ وِز ڈراما گوڈے باقٕے ادب ذاتٕچو نش الگ کوٚرمُت ۔ تمو چھُ ادب یا کاویہ دون قسمن ہُند موٚنمُت ۔ شروِیہ کاویہ ( श्रव्य-काव्य ) یانہٕ ادب یُس کنو ہتی بوزان چھ تہٕ دِرشیہ کاویہ ( दृश्य काव्य ) یانہٕ ادب یُس اَچھو ہتی وُچھان چھِ ۔ شاعری آکھیان یعنے نثرس منز وَننہٕ آمژ داستان بیترِ چھِ شرویہ کاویہ یس) منز شمار سپدان تہٕ ناٹک یا روٗپک تہٕ تمکی مختلف

قسم چھُ درشہٕ کاوِیہ یس منز گنر۔ راوِنہٕ یوان۔ ڈرامہچ یہ تعریف چھ زیادٕ دُرس باسان
ہکیازِ وُچھنس تہٕ بوزنس منز یوسہ بُنیادی فرق چھے سہ چھےٚ ڈرامہس دوٚیمین
ادبی صِنفن نِش بیوٚن کڈان۔ ( ووٚنی گوو اُزی کس زمانس منز ریڈیو ڈراما
بارسس ینہٕ ستی چھ ادبی صِنفس یہنز یہ تقسیم تہٕ بے معنے باسان۔) ارسطوٗ
ہندی پاٹھی چھ سنسکرت آچاریہ تہٕ ڈرامہس زندگی ہند نقل مانان۔
अवस्थानुकृतिर्नाट्यम اوستھا یا صورتِ حالک نقلے چھُ ناٹک
یا اداکاری، ارسطو ہندی پاٹھی چھ تموٚ تہٕ ڈراماکیو الگ الگ قسمو باپتھ الگ
الگ قسمکی کردار مقرر کری منز۔ مثلن ناٹک یُس روٗپک کیو دٔہو قسمو منز
سارِوے کھوتہٕ برس چھُ، چھ نائک یا ہیرو ہندس روٗپس منز کانہہ راز، راز
ریشس، یا دِوتا ہیوٚ تھوٚد تہٕ قابلِ احترام کردار پیش کران۔ प्रकरण پرکرنس
منز چھ یمو کھوتہٕ رُژھا ہنزمہٕ درجک کردار پیش سپدان۔ مثلن وزیر بئیہٕ
کانہہ بوٚڈ عہدِدار برہمن، بایاری، پُزاری بیتر۔ بیاکھ قسم چھُ بھان भाण
تہٕ اتھ منز پیش پیدان وول کردار چھُ نہٕ صرف دوٚیمین ہنز۔ چالاک تہٕ بددیانتی
نُنی کڈان بلکہ چھُ پننین عاۍبن پیٹھ تہٕ پانے وُرُن تلان۔ بطور اکھ ادبی صنف
ڈراماکس مختلف تہٕ مخصوص آسہ نس پیٹھ زور دِنک تہٕ اتھ منز کِرداران ہندین
روٗتین مرتبن پیٹھ یم اکھ زٕ کتھ کرنک مقصد اوس صرف اتھ صِنفہِ منز
کِردار سنز اہمیتھ، ہنز نشاندہی کرنٕ ی۔ ڈرامہس تہٕ کاشرس ڈرامہس منز
خاصکر تھ کردار سنز اہمیتھ ہُند کیا ہیٚکہ یمہِ کھوتہٕ بوٚڈ ثبوت آستھ زٕ کاشری پاٹھی
چھ ڈرامہس پاہتر ونان ( بانڈ پاتھرے یوت تہٕ علی محمد لون سُند "چاری پاتھر"
فاروق مسعودی سُند کاٹھ پاتھر تہٕ ) یُس سنسکرت پاتر पात्र یعنے کردار لفظُک
کاشر اوٚن تہٕ آمٕت روٗپ چھُ۔

کاشرس منز ڈراما لیکھن والی اکثر ادیب چھ جان پڑی متی لیکھی متی۔ تم چھ مغرب کین بڑین کہو نوین ڈراما نگارن ہنز تخلیقن ستی واقف۔ شیکسپیر ابسن گوگول تہ چیخوف ہندین کینژن ڈرامن چھ کاشری پاٹھی ترجمہ سپدمت۔ لازم چھ کاشرس ڈرامس پیٹھ آسہ یمن عظیم فنکارن ہند تہ کیہنہ اثر پیومت۔ مگر یہ اثر چھ ہیتھ (FORM) تہ کنہ کنہ جایہ مرکزی خیال (THEME) منزے نظر گژھان۔ یوتام کردارن ہند سوال چھ تم چھ پرتھ رنگہ کاشری۔ خواہ تم اُزی کین عام لوکن ہنز عکاسی آسن کران یا تاریخی شخصیژن ہنز۔ یوتے یوت نہ، کورس تہ سوتردھار ہی نیبر پیٹھ منگنہ اُنی متی کردار تہ چھ اسہ کاشراوی متی۔

یوتام نہ نو کانہہ تحقیق سپد توتام چھ "سنگ کھوٹ" گوڈنیک کوشر ڈرامایس کتابہ ہندس صورتس منز چھپیومت چھ شاید چھ یوہے اکھ واحد ڈراما یمکو کردار کشیر نیبرم چھ راجہ ہریشچندر، تسنز رانی تارا، تہند نیچو روہت، ریشی وشوامتریس راز ہندس پرزرس کھوجہ کھالان چھ تہ تسند کارندہ نکشتر۔ مگر ڈرامس منز چھ یم ساری کاشراونہ آمتی۔ راجہ ہریشچندر چھ کاشری پاٹھی ہرژند راز بنیومت تہ نکشتر نکھیتر۔ ییمے یاتی نہ سہ دلو نہ ییس ولنئ منز نکھیترس کھینہ چھ یوان۔ ہٹہ کرٹ۔

نکھیترس وچھتھ چھ دلوس آسس آب یوان تہ تس چھ ہکہ ژلان نیرتھ۔ " ترزنگہ لنگ لنجہ سان تہ تان / ساری انگ کیاہ چھس وییٹھی وییٹھی، وانجہ شیشہ نارس بلیہ لوکہ وچن / ژرونہ نیرنئ کم ٹیٹھ ٹیٹھ یہ دلو چھ دلوا سٹھ تہ کھینئ جینس منز کاشرین ہندی پاٹھی نفاست پسند۔ یہ چھنہ شرونٹھے انن ہرئ گوگلس والن وول کانہہ نیبر یم لو چھ تہ نیچھ دلو۔ یتہ چھ پننی شکار کھون پژھان مگر بگارمسالہ تہ مرژ وانگن ترٲوتھ ٹیوٹھ ٹیوٹھ تہ لذیذ بناوتھ۔

خار دِلوس وُچھتھ چھُ نکھبترس برونٹھے زوٗ ژلان نیرتھ۔ سُہ چھُ پننِس سوای
وشوامتر رِشِس یاد کران۔ ریوش چھُ بوان واتِھ تہٕ نکھبترس پرژھان
زِ اَز کتھ پیٹھ کوٚر ہِنس بہٕ یاد؟۔ نکھبتر چھُس درجواب ونان — "مہاراج، منے
روٗزِن تھٕہنز آش۔ درشنک اوسُم ابھلاش۔ تمی رتٕ آو اُچھن گاش۔" یہِ کتھ چھینہٕ
ہرٕ ژند رازِ نِس ینچوس روتس شرٔپان۔ سُہ چھُس یمن فقرن رتٕ بیاکھ فقرٕ جوڑان۔
"یہِ ما ووٚنتھس دِلوں ہاکر یوٚنم ناش۔" غور کرٕنی لایق کتھ چھنے یہِ زِ نکھبتر تہٕ
روہت دوشوے چھِ ڈایلاگن منز قافیہ ورتاوِتھ خوف کس گوٚبِس ماحولس ہلکہ
تہٕ اَسہٕ وُن بناوان۔ کتھِ کتھِ منز۔ پرٕزن منز۔ لیکن منز قافیک استعمال چھُ
کاشرِس مزاجس منز ظرافتُک عنصر غالب آسنُک ثبوٗت۔ بانڈ پاتھرس منز تہٕ
چھِ مسخرٕ کتھن منز اکثر چارٕ رک باس دِوان مگر رتی چھ قافیہ استعمال کرِتھ
ژیپہٕ تہٕ ہوان۔ ڈرزٕ پاتھرس منز چھُ پادشاہ غریب گریسِس پیٹھ پننہٕ
دبہٕ دبکُ روب تراوان فارسی بولان۔ "پدرم سُلطان بوُد" تہٕ پتہٕ گرز سلطان
تَس پرژھان "کجا بودی؟" دپان گریسہٕ تس نے فارسی توٚگ مارُن تہٕ ماووت؟
مگر بانڈٕ پاتھرک گرٕدُس چھِ زوٗ لرزٕ چارٕ گی منز یے پادشاہن سوالس جواب
دِنچ ہمتھ کران۔ اما پوز دوشونی جوابس منز چھُس "بود" تہٕ "بودی" ہندی
ہم وزن قافیہ استعمال کران گریسہٕ سنز حاضر جوابی ڈیشِتھ چھِ پاتھر وُچھن
والین اَسی اَسی ہلی پھٹان۔ کانہہ کانہہ ما آسہِ لیکھ زاٚنِتھ لَس تہٕ کھاران تہٕ اگر
لیکھے مانو، غریب کاشرِس رٕنش اوسا اَمہِ علاوٕ بیٚیہ کانہہ ہتھیار ییُٚس سُہ
ظالمن خلاف استعمال کرِتھ ہیکہِ ہے؟ محمد سُبحان بھگت سُند ڈراما "منٹہٕ
ییجہٕ پانزٕ و" چھُ بانڈ پاتھرکِس طرزس پیٹھ لیکھنہٕ آمُت۔ ڈرامہس منز سارنے
برونٹھ پیش سپدن وول کردار چھُ کرٕدار ییُس محمد سبحان بھگت ہندِ ونہٕ

سنسکرت ڈرامٕکِس سوٗترٕدھار سُند کاشُر روٗپ چھُ۔ اُمِس کردار یا کری دارٕ ہِندِس رخسِس منز، یکِنس منز، کتھن منز، اَسنَس منز چھِ مسخری یِمہٕ ہتی سٕہ سنجیدٕ تہٕ ٹیٹھِ کتھ تہِ قافیہِ چہِ چاشنی منز بوٗڈٕراوِتھ وُچھن والین برونٹھ کنہٕ پیش کران چھُ۔ مثلن۔ "مالہِ سُند بہٕ ماتان نیچوٗ تہٕ ماجہِ ہُنز بہٕ کوٗر۔ ڈیوٗ ییتھ چھُ دوٗ ٹھمُت ساری سے گیوٗر عاقلن ہنزٕ عقلِ چھُ گومُت سوٗر، ہے دیان چھس ژلہٕ ہا دوٗر، ٹلتھ پانَس سوٗر، نہٕ لارِہا کوہِ طوٗر، دیوٗ نہٕ تہٕ وُچھِہا ظہوٗر (اسان ہا ہا۔ ہا۔ ہو۔ ہو۔ ہو۔ ہی۔ ہی۔ ہی۔ ہی" محی الدین حاجنی ین چھُ "گریسی سُند گرٕ" ڈرامہِس پاٹھرٕ ناو تھوٗومُت حالانکہ اَتھ منز چھُ بانڈٕ پاٹھرکہِ فارمہٕ نِش پوٗرٕ انحراف کرنہٕ آمُت۔ یہ ڈراما چھُ نوِ دورکین ڈرامہن ہِندِس طرزس پیٹھ ایکٹن تہٕ سینَن منز بٲگراونہٕ آمُت۔ یمن حاجنی صابن عمل تہٕ منظر ناو چھِ تھوٗومتی۔ ڈیلاگن منز تہِ چھِ پاٹھرٕنِش بیوٗن شایستگی ورتاونہٕ آمژٕ تہٕ سارے کھوتہٕ اہم کتھ چھےٚ یہ زِ یہ تخلیق چھِ برِنہٕ خاطرٕ لیکھنہٕ آمژٕ۔ یتھ ڈرامہِس منز کردارن ہِندی اکثر ڈایلاگ اُڈِس اُڈِس صفس تہٕ کاہنہ کاہنہ ڈوڈِس ڈوڈِس دوٕن دوٕن صفن پیٹھ لیکھتھ آسہِ تتھ کُس اداکار یا پیش کار ہیکہِ پیش کٔرِتھ۔

باسان چھُ زِ حاجنی صابس آسہِ ہے کتھ تہٕ کردارن ذریعہِ ۱۹۳۹ء منز کشیر ہنزٕ گامی زندگی ہنزٕ حقیقت پیش کرنہٕ خاطرٕ موزوٗن ادبی قالب ژھانڈنُک مسلہٕ بوٗتھِ آمُت۔ سٕہ وٕنیپہ ہے نہٕ افسانہٕ کِس لوکٕٹِس قالبس منز۔ حاجنی صابٕ ہیکہِ ہے اَتھ موضوعس پیٹھ ناول تہٕ لیکھِتھ مگر تمن باسیوو ڈراماٹھیکھ۔ شاید اَمہِ کنہِ زِ بانڈٕ پاٹھرکِس صوٗرتس منزٕ سہی، کاشرِس منز اَس ڈرامُچ کاہنہ روایت۔ اَتھ برعکس ہیکہِ ہے نہٕ تمہِ وقتہٕ کاہنہ سوٗنچھتھ زِ کاشرِس منز۔ یمہٕ زاہنہ ناول تہٕ لیکھنہٕ۔ موختصر یہ زِ بانڈٕ پاٹھرٕس چیلنج کران لیوٗکھ محی الدین حاجنی ین اکھ ادبی پاٹھرٕ "گریسی سُند گرٕ"

یَتھ منز کٲشِر ہندِ اکہِ مثٲلی گامہِ کین بسکینَن ہنز۔ سوکھ دوٚہ کھچ کتھ (سوکھچ کھچ بِہن، دوٚہ کھچ زیادٕ) وَنہٕ چھنے آمژ۔ کردار چھِ گامہِ کین مختلف طبقن ہنز۔ نمائندگی کران اَکِس طبقس منز چھُ گرٕوس رزاق بٹ۔ تَسنٛد عیال، بیاکھ عیال یِہنز۔ کورِ ہتی رزاق بٹ نیٚچوس کھاندر چھُ یَژھان کرُن۔ مُنزم یور بیترِ۔ دوٚیمس منز چھ گریستیَن پیٹھ ظلم کرن واٲلی معتبر، نمبردار، زیلدار، چوٗکی دار، چک دار سوٗدرٕ بایٲرٕ ملہٕ بیترِ۔ بیاکھ اکھ طبقہٕ چھِ سیاسی کارکنُن ہُند۔ رزاق بٹ چھُ اکہٕ طرفہٕ چکدارو، بایارلو تہٕ سرکٲرِی کارندو تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ پننہٕ نبوے رسومات بدو پیٚسر اوٚنمُت۔ بےبس تہٕ کمزور رزاق بٹ تِہنز۔ تیز تہٕ زوٚید زنانہٕ۔

تِہند شُریُند کھاندر مٲرس ماجہِ خٲطرٕ بوٚڈ مسلہٕ چھُ بنیومُت۔ گریستیَن پیٹھ رنگہٕ رنگہٕ ظلم کرَن واٲلی زیلدار، چوٗکیدار، چکدار، شقدر۔ یِم سٲری کردار تہٕ پانہٕ واٲنی یِہندی رشتہٕ تہٕ عمل ردِ عمل۔ یہ سوٗرے چھُ پریم چندٕنی آخری تہٕ سارِوے کھوتہٕ اہم تہٕ زوٗدار ناول "گودان" ہتی سیٹھاہ ہشر تھاوان یوسہٕ "گریسی سُند گرٕ، بروٚنہہ ترٕے وٚری چھاپ گژھتھ سیٹھاہ مقبوٗل آمُس پیٚٹرمژ۔ یہ ہیٚکہٕ اکھ اتفاق آسِتھ۔ مگر ہتی چھُ یہ ہشر یَتھ کتھ کُن تہِ اشارٕ دِوان زِ از بروٚنہہ پنٛژاہ شیٹھ وٚری چھنہٕ سٲری ہے ہندوستانس منز گامن تہٕ گریستیَن ہنز۔ حالت کم وبیش ہشی آسمٕژ۔ حاجنی صاب لِس پاٹھرس منز چھِ تم کردار تہٕ یِمن آسی سیاسی کارکن ۆنِتھ ہیکو۔ کاشرس ڈرامہس منز چھِ سیاسی کارکُنن پیٹھ اکثر طنز۔ کرنہٕ آمُت۔ "تقدیرٕ ساز" (علی محمد لون) تہٕ "روٚ بیہِ روٗدٕ" (اسجوٗد سیلانی) منز۔ سیٚدٕ سیوٚد تہٕ "ناٹک کرُو بنٛد" (ہری کرشن کول) منز۔ ورگہٕ پاٹھۍ۔ "گریسی سُند گرٕ" ڈرامہس منز تہٕ چھُ اَتھ جماژ پیٹھ طنز۔ کرنہٕ آمُت۔ شہرٕ پیٹھ آمتی یِم والنٹیر چھِ پانس خبر کیاہ زانِتھ گریستیَن "ٹوٚپل بایو" ۆنِتھ مخاطب سیدان۔ لوٗکن ہندی یِم نمائندٕ

چھ کم تام اورچہ یورچہ کیتھ کران یمہ نہ لوکن فکری تران پھِٹے۔ خبر کیتھی نار دِوان۔ گریستین نہ چھُ تہُند ہوٹ فکری تران نہ لوٹ۔ ہندو مسلم اتحاد نارس چھِ اُڈی جواب دِوان 'زندہ باد' تہٕ اُڈی "خداین گول"۔ تلکھ پیٹھ "نارس چھِ 'زندہ باد' دوشوے جواب میلان۔ سیاسی کارکُن تہٕ عام لوکن درمیان خلیج ہاوتھ تہٕ چھُنہٕ ڈراما نگار سیاسی کارکُن یا تحریک پیٹھ پرٛتھ پھُٹنُک کانہہ باس دِوان شاید امہٕ کِنۍ زِ تمہٕ وِزِ آس سیاسی تحریک نۆوے نۆوے تہٕ لوکن آسہٕ اتھ تحریکہِ سٟتۍ سیٹھاہ وۄمید وابستہ۔ یہ آسہ تہٕ چھُ حاجنی صابن تمۍ وِزِ ژِلوٗنمُت زِ کینہہ خودغرض چھِ پننیو مفادو خاطر تحریکِ منز۔ شامل سپدی متۍ تہٕ تمن چھُنہٕ عام لوکن ہُند کانہہ ژٕک۔ گریستین ہندین اصلی ژٕکی درن منز۔ چھُ حضرت بٹ تہٕ یُس لوکل کمیٹی ہُند جنرل سیکرٹری بناونہٕ یوان چھُ۔ اسمال گنائی تہٕ چھُ اکھ سیاسی کارکُن یُس لوکل کمیٹی ہند صدر بنان چھُ مگر سُہ چھُ پننس پوس       خبردار۔ لوکن ہُند پوٚکھ رٹنہٕ بدلہٕ چھُ سُہ سرکاری ٹھگن سٟتۍ ژلیتھ غریب گریستین ہندین مفادن زکھ واتناوان۔

محی الدین حاجنی سُند "گریسی سُند گرٛ" چھُ اکھ سماجی ڈراما۔ ۱۹۴۵،۴۶ء الیس منز بنیہ یہ ہیوے نیٛچ کاشر ڈرامہِ مرکزی رول ییلہِ موہن لال ایمہ ہن سرینگر حبہ کدلس نِکھ دریاہِ یار مجلس منز۔ کنہ زن تہٕ کرٛن پیٹھ اکھ سٹیج استادِ کور۔ رام لیلا یا خبر کیتھ ڈراما منڈلی نش ووٚزم اُنۍ متین پردو سٟتۍ سجاوی متس سٹیجس پیٹھ یم ڈراما پیش کرنہٕ آیہ تمن منز آسی کاشرین بٹن ہنز۔ن سماجی بدعتن ہندی مسلہٕ تلنہٕ آمتۍ۔ یمن ڈرامہن ہنز۔ کامیابی وُچھتھ ہیٛتۍ کاشرین بٹن ہنز سماج سدھار سمتی تہٕ ییٛتھی ڈراما پیش کرٕنۍ یمن ڈرامہن ہُند موضوع، ماحول، مزاج، کردار تہٕ تہندی ڈایلاگ سورُے کینہہ اوس کاشُر۔ مگر کینہن ہندی ناو آسی اردو یا ہندی پاٹھی۔ امہ نِچ ہندی کینہہ اہم ڈراما آسی ترلوکی ناتھ وشنوی

ہندی لیکھمتۍ "چِتر" تہٕ "سماج کی بھول" یا سمن کشمیری سُند "وِدھوا" تہٕ دیناناتھ ندریر
سُند "ستہ راتھ" چُونکہ یِمن ڈرامہن منٛز اوس اکھ خاص طبقہٕ کِس سماجی بدعتن پیٹھ
وُزن تھوٚد تمہٕ یوان۔ لہٰذا آے یِمن ہندی کردار وِزد آسنہٕ تہٕ اکھ مخصوص ذہنیتھ
ہنٛز نمایندگی کران۔ مثلن شریف تہٕ پریشان کورِ مول بد تہٕ زوٚید گوٚبرِ موج،
گاوہش سینز تہٕ شریف نوش، یاو تہٕ زُھدٕرس لڑکہ یُس زنانہٕ ہُند سریہ
چھُ آسان نمرتُس تہٕ ماجہِ بروہہ کنہٕ نہٕ چھُ ہیکان کلہٕ تُلتھ نہٕ زلوے کھولتھ۔
تہٕ منٛزِم یور ہیوٚ معاون کِردار یُس پُشکر بھان ہوس فنکار ہِندِ اداکاری —
کِنہٕ یِمن کِردارن منٛز۔ سارِنے کھوتہٕ سِرس روٗد اُمس کِردار سُند اورچہ یورچہ
کتھہ وَنِتھ زال وہراونُک تہٕ تِتہٕ زالُس منٛز۔ دوشوے ڈٕری پھاسناوِتھ پانہٕ
شونٹھ ہیوٚ سرٛونٛدھے واپس نیرنُک انداز گوو یِوت مقبول زِ سُہ بنیوو اکھ
اورے تیار کِردار (STOCK CHARACTER) بروہہ کُن ییلہِ ریڈیو یا ٹیلی ویژن
بایچھ یِمَو نے موضوعن پیٹھ ڈراما لیکھنہٕ آیہِ تِمن منٛز آو ضرورتھ نہٕ آسِتھ
تہٕ منٛزِم یارۍ سُند یہٕ بروٚنٛدھے تیار سٹاک کِردار زبردستی ترٛاوُنہٕ۔
"لل بہٕ دراییس لولرے" منٛز چھُ موتی لال کیموٗ تہٕ یِمے کِردار پیش کران۔
مرد، زنانہٕ تہٕ کوٗر۔ مرد سُند رول چھُ اکوے اداکار کران یُس اُکس انگس
منٛز کورِ مول تہٕ بٔنیس منٛز گوٚبرِ مول بنان چھُ۔ یِتھے پاٹھۍ چھے زنانہٕ تِہ گوڈٕ
کورِ ماج تہٕ پتہٕ گوٚبرِ موج آسان تہٕ کوٗر چھے گوڈ ماجہ ہنٛز۔ تاکہ کوٗر تہٕ
پتہٕ ہنٛشہ ہنٛز اچھ منٛز کِنہٕ نوش آسان۔ (منٛزِم یور چھُ نار حاضر تہٕ تووے
ماچھ ڈرامہس منٛز سنجیدگی قایم روٗزمِژ) ۔ تھیٹر ژنگ اکھ نوٚو تجربہ آسنہٕ
علاوٕ تہٕ چھُ ترٛیشونی کِردارن ہِندِن ڈبل ڈبل رولن منٛز تھیمہٕ حسابہٕ
تہٕ اکھ خاص مقصد۔ ڈراما نگار چھُ اشارٕ دِوان زِ منٛزِمہٕ طبقہٕ کِس لُکن

منز یِہ کورِ واکی آسان چھِ تے چھِ گوٚبرِ واکی تہٕ آسان۔ موتی لال کیموٗ سُند ڈراما
چھُنہٕ سماج سُدھار کین پرانین ڈرامہٕن ہندی پاٹھی داج دِیہچ ہیوٚت دِیُت
تہٕ کورِ واہٕن پیٹھ گوٚبرِ والین ہندِ ظُلمُکی مسلہٕ ٹاسر اندازس منز پیش کران۔
یہٕ چھُ یمن مسلن سیتی والبتہٕ کردارن بدلونہٕن سماجی حقیقتن تہٕ رِشتن ہندس
لوٚت منظرس منز پیش کرِتھ تمن ترٚیاسل (THREE DIMENSIONAL) بناوان۔
ڈاکٹر للایہ ہندِ خاطرِ ییلہٕ واٚروٚن ہُند ظُلم ژالُن مشکل چھُ گژھان سو چھے
زہر کھیتھ خودکشی کران۔ مگر ڈاکٹر محبوٗبہٕ ہندس رُوٚپس منز چھِنہٕ تس ڈاکٹر
للایہ ہنز خودکشی اَمہِ بیمارٕ ہُند کانہہ علاج باسان۔ حالانکہ تِہنز ہش تہٕ
چھُنہٕ تس کم تنگ کران آسان۔

کاشر سماجی ڈرامہچ کتھ روزِ تووتام اَڈٕ پیٹھ یوٚتام نہٕ شمہ مفتی ہُند
ذکر سپدِ۔ شمہ جی چھے کاشرٕن زنانن تہٕ خاصکرِتھ کاشرٕن مسلمان زنانن
ہنز، تمہِ پتہٕ ہنز۔ شاندار مثال ییمہِ قدامت پسندی ہنز۔ وِ اَنہ گٔیہ کوٗٹھر یوٚہ
منز نیبر نیرتھ سکولن تہٕ کالجن ہندِس گاشس منز۔ ییٚنز شخصیت پرزناو۔
تعلیمِ نسواں ہُک یہٕ دٕریاو روٗدنہٕ کتابن تام محدود۔ اَمی کرٕی بحث
مباحثہٕ، سمپوزیم سیمنار، آرٹ تہٕ ڈرامہٕ دوٚیم ثقافتی مادان تہٕ ساراب۔
پروفیسر رحمان راہی سُند وَنُن چھُ۔ "شمہ جی پتہٕ چھے اَمہِ دریاوچ اکھ لہر۔
یہٕندٕن ڈرامہن ہُند موضوع چھُ کاشُر سماج، سون اَزٕیک سماج یتھ منز
ہدٕ ہدٕ مختلف قدرن ہنز ٹھوٚسہٕ ٹھوٚس نظر چھے گژھان... شمہ جی چھنہٕ
ژھرٕ یہٕ ٹھوٚسہٕ ٹھوٚس تہٕ ژھرٕپہٕ ژھرٕپے یارٕ ہاوان بلکہ اَمہِ منز نیرنک
سیر تہٕ بادان گاہے تِہندِ وانہٕ تہٕ گاہے اشارٕ پاٹھی..."
راہی صاب یمن مختلف قدرن ہُند ذکر کران چھُ۔ تِہند زِندہ جاوید

روپ چھُ اَسہِ شمہ جی نہٕ ڈسی تخلیق ہیپدی مٔتین یمن کردارن منٛز درینٛٹھ گژھان۔ خوجہٕ، خوجہ باے، محمد اشرف، مظفر جان، شفیق (اُکہٕ ہُند زٔچھیتھ تہٕ پوٗتر پان جواہر تہنٛز موج، سارٕ مول نورالدین۔ لیکچرار عبدالرحمان، محمد اسلم (جواہرہ) غلام محمد، دید راجہ منُیر، محمد سُلطان محموٗد (دید ڈزھ نینٛدر)

اختر محی الدین ہندِس "شیشہٕ تہٕ سنگستان" ڈرامہس منٛز تہٕ چھِنے "گریسی سُند گرٕ" ڈرامہکو پاٹھی اکہٕ کاٹیچ کتھ پیش کرنہٕ آمٕژ۔ حاجنی صابنہٕ ڈرامہکو پاٹھو چھُ اَتھ منٛز تہٕ کوٗر گوٗبرٕ سُند کھاندر اکھ یوٗڈ مسلہٕ بنان۔ مگر "گریسی سُند گرٕ" ڈرامہس منٛز چھُ مول موجی رُستم ہندِ خاطرٕ کوٗر ژھانڈان مگر اختر صابٕ نِس ڈرامہس منٛز چھُ کورِ ہِنٛز لون پانے ژھونڈمُت آسان۔ اَتھ لولہٕ بنیادس اندی اندی ووتنہٕ آمتس ڈرامہس منٛز چھُ گوٗسانی پاٹھٕ رُگ عاشق گوٗسانی رحمان ہندِس رنگس منٛز بُتھ ہاوان۔ سُہ تہٕ چھُ دوٗیمین ہنٛز کحالی منٛزٕ پنٛنس معشوقس ستی مِیُل مانان تہٕ گامہ والین ہندی جان بچاونہٕ موکھ چھُ سُہ پنٛن پان یِمس چھیپہٕ دِوان۔

اختر محی الدینن چھُ نارویے ہندِس بہلہٕ پایہٕ کِس ڈرامہ نگار ہنرِک ابسن بندِ (GHOST) ڈرامہُک کاشُر ترجمہٕ تہٕ کوٗرمُت تہٕ ناو چھُس "ژھاے" تھووُمُت۔ ابسن چھُ جدید ڈرامہُک بب مانہٕ یوان یُس حقیقت پسند اندازِک منٛز عصری زندگی ہنٛز سیٛز عکاسی کرِتھ تہٕ تتھ علامتی سنٛہر تہٕ بخشان چھُ۔ یوٗہے گوٚن چھُ روٗسی ڈرامہ نگار انتن چیخوف ہُندین ڈرامہن منٛز تہٕ میلان۔ کاشرِس منٛز یتھین دون ترٛین ڈہلین منٛز۔ لیکھنہٕ آمتین سماجی ڈرامہن منٛز چھُ یمن دوشوٚنی بہلہٕ پایہٕ کین ڈرامہ نگارن ہُند اثر درینٛٹھ گژھان تہٕ شاید ما چھِنہٕ اوے نِو نیچ کین کاشرِن ڈرامہن ہندی کردار سماجی بدعتو

ماری متی یا سماج سُدھارکی جوش زندہٕ کری متی شخص باسان۔ بلکہ بدلوونس سماجی
پوت منظرس منز انسانی رشتن ہنز کھری کانگر منز۔ ہینہ آمتی موتس تہ زندگی
منز باگ الوندی انسان آسان۔ کینژن ہندِ باپتھ چھے پرن والی ہندس یا
وُچھن والی ہندس دِلس منز ہمدردی وۄپدان۔ کانہہ کانہہ چھُ تس کھران تہ مگر
تسندِ خاطر چھُ یہ فیصلہ کرُن مشکل گژھان زِ سُہ کس وَنہ رُت کردار۔ کھری کانگر
ہنز کتھ وۄتھنہ ستی چھُ "یلہٕ وَتن کھریوان" ڈراما (ہری کرشن کول) تہ یاد پیوان۔
یہ ڈراما چھُنہٕ کتابہ ہندس صورتس منز دستیاب۔ مگر ریڈیو، ٹیلی ویژن تہ سٹیجس پیٹھ
بارہا پیش سپدنہٕ کنۍ آسہ یہ اَزتہ وارِہن لوکن یاد۔ ڈرامُک مرکزی کردار لالہٕ
صاب یُس کینہہ زَن نیچوِین رٔش یرِتھان چھُ تہ چھُنہٕ تس میلان۔ مگر تقصیر کٔم چھُ
تسندین نیچوِین تہ نہ تسٕ پانسے۔ تقصیر چھُ سیٚمیں یا شاید تس تہ نہ۔ ہرگاہ نہ
بدلہٕ تیلہٕ کتھ وۄنگھ سیٚمے؟ ڈراما بوزتھ یا وُچھتھ چھے لالہٕ صابس ستی ہمدردی
ضرور سپدان۔ مگر تسندین نوشن نیچوِین ستی نفرت کرنُک تہ چھُنہٕ کانہہ جواز لبنہٕ
یوان۔ سیٚمیٖس ستی بدلوِین انسانی رشتن ہنز سام چھُ ہری کرشن کول 'دستار'
ڈرامہس منز بدل اندازس منز ہیوان۔ دوِن اکھن ہندیہ ڈراماتہ چھُ داریاہ
پھر ٹیلی ویژنس تہ سٹیجس پیٹھ ہاونہٕ آمُت تہ اَمیُک گوڈنیُک اَنگ چھُ ساہتیہ
اکادمی طرفہٕ حال حالے شایع "اۆک انگی ٹانک" سومبرنہ منز چھپیومُت۔ اۆدۄر
کاشی ناتھ سپرانٹنڈنٹ چھُ دفترکی کامن منز۔ پرٛون ماکُن۔ مگر وقتُک تقاضہ
ستی ییلہٕ دفترن منز لڑکن ستی کورِن تہ نوکری میلان چھے تس چھ ڈلان۔
لسٕ چھُ باسان زِ جوان لڑکن تہ جوان کورِن ہنز اکھے دفترس منز تہ بہتہ
دفترکس اکھے کمرس منز کام کرُن گوو شورُک تہ درزوِنہٕ گندک نچہٕ ہند
اکھ اکس نکھہ آسُن ییمہٕ ستی ساری سے سماجی نظامس ناربگہ تہ سارنے اخلاقی

قدرن وُڈاَن ہیرِ کھچہِ ۔ مگر اَندرِی اَندرِی چھُ تس نوجوان پُیہِ ہُند اَزروُن
تہٕ یوان یُس تیسٕز. وتھِ وادرچوٚیورچِھ کھتوٚ رٕتیٕ نشان چھُ یمہِ سٕ پَیٚنس جوٚینر شفۂ لاَلس
رٕتیٕ کران چھُ ۔
" ییلہِ وَتَن کھُر یوان" یَتہٕ چھُ الہٕ یَلہٕ ژور وُہرِی "دستار" لیکھنہٕ آمُت۔
یمہِ ژوٚن وُرِیَن منز. چھُ شاید وَق یوٚت تیزی سان بدلیومُت زِ دوٚشوٚنی
ڈرامہن ہندی مرکزی کردار اکی ذٔتہٕ، اکی طبقہٕ تہٕ لگ بھگ اکی وٲلنہٕ ہندکٲستھ
(گوڈنکہِ ڈرامہک لالہٕ صاَب چھُ رٹایر گومُت تہٕ دوٚیمہِ ڈرامہک کاشی ناتھ چھُ
رٹایر گژھنس تیار) تہٕ چھُ بدلوٚنہِن حالاتن نسبت دوٚشوٚنی ہُند ردِ عمل
بیوٚن بیوٚن ۔ لالہٕ جو چھُنہٕ یہِ ماننہٕ خاطرٕ تیار زِ وق ما بدلیوو تس چھُنہٕ سونچنے
تگان زِ زندگی ہنز. کوٚیہ وَتھ پرٕ تسَ پانہٕ ناوِنی. تیٚمِس خاطرٕ چھُ سارِ نے
وَتَن کھُر آمُت ۔ اَتھ مقابلہِ چھُ کاشی ناتھ جلدے وقتُک بعض رٹان سٕ چھُ
قبوٗل کران زِ وز چھِنہٕ تیٚسنز ۔ سوٚ چھےٚ نوٚ برٕیہِ ہنزٕ یُس کردار گوڈنکس
انگ کس آخرس پیٹھ جوان کورِ کُسم لتا یہِ بروٚنہہ کنہِ پنُنٕ پان سمارٹ بناونہٕ
باپتھ دستار ترٕتھ (یا پانے پنُنٕ دستار وٲلِتھ) مستی سُم کڈان چھُسے
چھُ دوٚیمس انگ کس اَندس پیٹھ دُبارٕ دستار گنڈِتھ کُسم لتا یہِ پننہِ نوٚش
قبوٗل کران۔

"دستار" ہیٚکہِ اکھ مزاحیہ ڈراما آسِتھ ۔ مگر تمہِ کِس مرکزی کِردار کاشی ناتھس
ہیکوٚ نہٕ اَسی مزاحیہ کِردار وَنِتھ۔ کاشرِ ڈرامہک تھکن لایق مزاحیہ کردار چھُ
پُتِ کرِ بھان سُند مجامہٕ ۔ مجامہٕ ڈرامہکی واریاہ حِصہِ یمن منز یہِ رُتھ کانہہ حصہٕ
(قسط ہیکوس نہٕ وَنِتھ) اوس پانس منز. مکمل آسان ، آسی سِٹھاہ بروٚنہہ پیٹھ
ریڈیو کشمیر پیٹھ نشر سپدِتھ بقولِ دینا ناتھ نادم پھِر بدن کاشرِن ہنز. دلہِ

دُہرائے بیٹھتی۔ دسمبر ۱۹۷۵ء منز سپدی یمو منز اَٹھ "مچامہ" ڈراما کتاب ہندِس صورتس منز چھاپ "مچامہ" ڈراماہن تہٕ مچامہ کردار ہندی مداح چھ بے شمار کاشرِ۔ مگر تمن شخصن ہنز تہٕ چھےٚ کمی یم "مچامہ" ڈراماہن کم ظرف لوکن ہند خاطر لیکھنہٕ آمتٕ مسخری قرار دِتھ کھٹ چھ کڈان۔ کیہنہ پڑی متی لیکھتی کاشرِ چھ یہِ وَنان زِ مچامہ ڈراماہن ہند سلسلہ چھُ سروانتے (CERVANTES) ہندِس لافانی کردارکِ (DON QUIXOTE) نقل کرنچ اکھ ناکام کوشش۔ مگر اگر اَسی "مچامہ" ڈراماہن دِل شوٗد تہٕ دماغ یلہٕ ترٲوِتھ ستو اَسہِ ترپانے فکر زِ مچامہ پسند کرن وٲلی چھِنہٕ کاڈبو روس کم ظرف کاشر۔ اَمس کردارس منز چھُ کیاہتام یُیمہٕ کِنہِ تہٕ کاشرٕ یِت ٹوٹھ سپُد۔ مچامہ ڈراماہن ہکو نہٕ اَسی ہائی کامیڈی HIGH COMEDY) وَنِتھ یوسہٕ وُچھن والین، بوزن والین ہنز جذباتی غار وابستگی برقرار تھوِتھ تہندین وُٹھن پیٹھ اَسُن یادٕ کران چھےٚ تہٕ نہٕ ہکو یمن لو تہِ درجچ کامیڈی (LOW COMEDY) وَنِتھ یوسہٕ سستہٕ ٹھٹھو مخولو تہٕ حرکژو ستی پست ذوق کین تماشہٕ بینَن ہِلی پھاٹناوان چھ۔ مچامہ ڈراما چھ دراصل سیاہ کامیڈی (BLACK COMEDY) یم زندگی ہنز تلخ تہٕ المناک حقیقت مزاحیہ اندازس منز پیش کرِتھ وُچھن والین بوزن والین اساونس ستی ستی ودناوان تہِ چھ۔ مچامہ چھُ سُہ کردار یُس یتھ دُلہٕ تہٕ وُکھرتس دُنیاہس منز کُنہٕ کارس منز کامیابی نصیب چھِنہٕ ییس ہرُ زندگی منز کُنہٕ بال بچھ لگنہٕ خاطر چھُ سُہ وارِیاہ تدبیر سوٗنچان تہٕ وارِیاہ خواب دُچھان مگر اندان چھُپسہٕ رُکنی۔ مچامہ چھُ پانہٕ مرکزس منز۔ مگر ڈراماہس منز سُلہ گوبہٕ، رحمان ڈٕڈ، کاک، کاک دید، خنجی یم سٹالائیٹ کردارتُس اَندی اَندی نژان چھ تمن تہٕ چھےٚ پرژھے حالتھ۔ یلہٕ انانس معمولی کھوتہٕ معمولی ارمان

پۄر گرِشھن تہٕ تیٚلہِ وُچھنہٕ سُہ زۄنہٕ پیٹھ کھسنکی یا سِندباد جہازی بٔنکو خواب تہٕ اَدٕ کیاہ کرِ ؟ مگر خواین ہندِین یمن اسمانَن منز۔ وُڈنہٕ وِزِ تہٕ چھ تسندی یاتس اَندی اَندی نژن والین کِردارن ہندی پٔدی بُتراَتھ پیٹھے روزان ۔ اَکس ڈراماہس منز۔ییلہِ مجامہٕ زمینِس نِش سیٹھاہ دۄر خلاہس منز وُڈن چھُ ہوان زمینہٕ ہندِ کنٹرول روٗم چھُ تس سوال کران۔ مسٹر مجامہٕ ژۄن ژٕ کوٚت ووٚتکھ تہٕ وُچھان کیا چھکھ ؟" مجامہٕ چھُ جواب دِوان۔ "ہیلو۔ بہٕ ووتس چھُس بل ۔ وِپر تل چھے بھرٕ نیران ۔ اوور۔" مجامہٕ ڈراو سفرس' منز ییلہِ مجامہٕ کام ژھانڈنہٕ ہُشیار پور نیران چھُ ۔ زنانے یأژنہٕ مول موج تہٕ چھ تس پتے لاران۔ سامان وٚٹان وٚٹان ماٗرس ماجہِ ہندِین یمن ڈایلاگن پیٹھ کرِو غور۔

کاک دید ۔ بس بیٚنہِ ماچھے کیہہ تھوٗن صندوقس منز؟

کاک ۔ اَتھ منز کیاہ واتِہ دونی۔ کھوٗن بیاکھ۔ تتھ منز تھوٚوکھ یم کانگرِ کھوپرہٕ ۔

کاک دید ۔ کونڈلو ورآے ؟

کاک ۔ تم لاگنا ووس تتی۔ دَیھ چیز گرِتھ ہتی آسُن ۔

کاک ۔ اَدٕ کیا تہٕ تھَو پٔننی چیز۔ کیاہ کیاہ چھُے ؟

کاک دید ۔ دوکھل ژٕ۔ لرِٹہِ ہلی رٔدور۔ پٹہِ تہِ ترٕے ۔ دان کُٹھ پنچ۔ ترامہٕ شٔنے۔ ڈوبرترٕے۔ چونچہِ ژٕ۔ بیٚنہِ چھم سو دراہ ٔ لیجہِ ہٕن۔ سو ماترآو بیٚتی۔

یمن ڈایلاگن منز چھُ سُہ چارٕ بہٕ تہٕ سنزر۔ سو ستم ظریفی تہٕ اثر یَمہٕ سیتی پرن والین یوزن والین ہندی ڈُھیٹے یاتی کُملان چھنہٕ بلکہ اَچھ تہٕ چھکھ اَدران۔

اَزی کین کِردارن اَندی اَندی وونہٕ آمتین ڈرامہن ہنٛز کتھ کرنہٕ
یِتہٕ کرو اَسی تِمن ڈرامہن ہنٛز کتھ یہندی کِردار یتھ کالس ستی وابستہٕ چھِ تہٕ
یِمن تأریخی ڈراماونان چھِ ، میانہٕ زانکاری منٛز چھِ کأشرِس منٛز ناو ہینٛنی لایق۔
ترٕیے تأریخی ڈراما علی محمد لون سُند "سُیا" تہٕ موتی لال کیمو سندی زٕھاے تہٕ نگرُوداکھ
(دیپان اوتار کرشن رہبرن تہٕ چھِ بڈشاہس پیٹھ اکھ کِنہٕ زٕ ڈراما لیکھی مٕتی۔ مگر
تِہندی ٹیکسٹ یا سکرپٹ ہیٚدی نہٕ مےٚ دٔستیاب۔)

سُیا ، چھُ ۱۹۷۱ ہس منٛز چھاپ گومُت۔ ڈرامُک مرکزی کِردار سیا
تہٕ تِہنٛز دلیل چھےٚ راج ترنگنی ہنٛزِ ژٕوٗرِمہِ ترنگ کہ گوڈنکہ حصہٕ پیٹھ تلنہٕ آمٕژ
یتھ منٛز کلہن راژہ اونتی ورمن سندِ دورِ حکومتچ وٕکھنے کران چھُ۔ علی محمد لون
چھ ڈرامہکِس پوٚت منظرس منٛز دعوا کران زِ یُس سُیا راج ترنگنی منٛز اکھ
اسطوٗری کِردار چھُ، تیٚنس ڈرامہس منٛز کوٚر تمۍ سُہ انسأنی رنگس منٛز پیش۔ سُہ
چھُ لیکھان زِ اَزی کہ زمانُک مادٕ پرس آسہٕ کِنہٕ ونٛزھ تہٕ تس کلہن سنٛز یہ کتھ ہٕنہٕ
زِ سُیا اوس نہٕ انسان سُہ اوس پانہٕ پتی یہ چھُ پزر زِ لون سُند سُیا چھُ اکھ
انسان ، اکھ آدم زاد. مگر یتہٕ چھُ پزر زِ کلہن سُند سُیا تہٕ چھُنہٕ کانہہ دِوتاہ یا
کُنہٕ یدلے دٕیہک بشر۔ شاید چھُ لون صأبن کلہن سندِ تِمہِ استعارُک لفظی معنے
نیومُت زِ مشہوٗر تہٕ ممتاز سیا اوس بُترآژ پیٹھ ان سُند اوتار۔

(THE ILLUSTRIOUS SUYYA, WHO WAS THE LORD OF
FOOD PERSONIFIED WAS BORN ON EARTH —
R.S. PANDITS TRANSLATION)

وونی گوو لون صأبن چھُ سُیا کلہن سند لو حدوٗد و منٛز۔ تِہنٛز کوڈمُت تہٕ عشق
تہٕ دنیاداری ہندِس زالس منٛز۔ وولمُت، یتھ سُہ کشیر ہنٛز۔ بجائی تہٕ کأشرِن

ہتن ہنز دور دشا بوچھ موکھ دروجر تہٕ دراگہ - ژھنان چھ ژٹھ پانے خاطر جائی پایہ ہنز وُچھتھ یوسہ دگ ہیا ہندس دِلس تہٕ دماغس منز ووتلان چھے تمی ستی چھے ڈرامہس منز ڈرامایت تہٕ ووپدیمژ۔ ڈرامہس منز چھِ ہیاہس علاوٕ تہنز موج ہیا جنڈ اُلی تہٕ اکھ اہم کردار۔ کُنہِ ساعتن چھُ باسان زِ تسند رول چھ ہیا ہندِ کھوتہٕ تہٕ تھوٚد۔ ڈراما نگارن چھِ تس منز تِم وصف ہاوِ منزٕ سو چھنہٕ ییمہِ لوٚکچ مخلوٗق باسان سُہ چھُ بالا فطری کِردار سُند برم پاد کران تہٕ یتھ پاٹھۍ ڈرامہس اسطوٗری سوٚتھرس پیٹھ تہٕ واتناوان اتھ منز چھنہٕ حالانکہ ہنز کانہہ کتھ زِشعوٗری طور پننس پانس ماد پرس نانہٕ تہٕ چھُ علی محمد لون زِکہ اکھ ادیب تہٕ ادبس منز چھُنہٕ کُنہِ تہٕ کُنہِ طریقہٕ اسطوٗر ورتاوہٕ نرائے کانہہ چارے۔

موتی لال کیموٗ ہندِ ن تاریخی ڈرامہن منز چھُ "ژھاے" ۱۹۷۲ء منزٕ تہٕ نگر وُداسی ۱۹۹۷ء منزٕ چھاپ پیومُت۔ تاریخی ڈراما آسنہٕ علاوٕ چھِنہٕ "ژھاے" شاید کیموٗ صابن واحد تخلیق یتھ منزٕ ڈراما تھیٹرکہ تکنیکی غلبہٕ نِش آزاد بطور اکھ ادبی صنف برونہہ کُن یوان چھُ۔ ڈرامہک موضوٗع چھُ کارکوٹ خاندانکس مشہوٗر للتادتیہ مکتاپیڈ راز ِس اندی اندی ووتنہٕ آمُت۔ نگر راز للتادتیہ چھُنہٕ ڈرامہس منز پانہٕ کُنہِ جایہِ تہٕ بوٚد گژھان۔ عملہ ہندس مرکزس منز چھِ رازہٕ سنز سیناہِ ہندی زٕ فرد - پرانہٕ پوٚژ ہند بھوٗپت، یُس ہندس ذہنس پریو ایزلو اعتقادو ستی تھوٚپ چھُ لوٚگمُت تہٕ نوٚ پیہِ ہند ژندر، ذہن بالکل صاف آسنہٕ موکھ یُس ہندِ باپتھ کُنہِ تہٕ کتھِ پیٹھ پزٕ تھ کرنی مُشکل چھُ گژھان۔ یم دوشوے کِردار چھِ ڈرامانگار سنز تخلیق۔ راج ترنگنی منز چھِنہٕ کُنہِ جایہ یہنز ذکر۔ للتادتیا ہندِ علاوٕ چھُ ڈرامکین صرف دوٚن کردارن ہند ذکر راج ترنگنی منز میلان منتری مترشرمن تہٕ بھلشو سروگیہِ منزٕ یمن ہندی ناو تہٕ چھِ ڈراما نگارن کم کاسہٕ ڈالمتۍ۔ گوڈنکس چھُن منزشرما ناو تھوٚومُت تہٕ دوٚیمس سروجن منتر۔ ڈرامہچ ساری عمارت چھے راج ترنگنی ہندس تتھ شلوٚکس پیٹھ استادٕ کرنہٕ آمژ یتھ منزٕ کلہن رازٕ للتادتیہ سند آریانک دیشس منز شینہ طوٗفانہٕ پیٚدی گژھنک اِشارٕ چھُ دِوان۔ ڈرامانگار

چھُ اَتھ ڈرامہس تأریخی ٹریجڈی قرار دِوان مگر تأریخ چھ صرف پوٚت منظر
تہٕ ماحول تیار کران۔ یہ چھےٚ انسان ہنز ازلی ٹریجڈی یێلہِ پرٛتھ پیٚٹھ ڈٕرتھ
تھٲز عمارت بزرٕ کرٕ واوٕ وَکہِ ستہِ تِس برہ نہٕ کنہٕ وٕستھ پیوان چھےٚ۔

"نگر اُدٲسی" ڈرامٕٹک آگُر چھُ راج ترنگنی منز درج اننت دیوٕکٕس
دیوٕ تہٕ ہرش دیوٕ ہنٛدِ دورٕکۍ حالاتھ۔ ڈرامہس منز چھِ یمن ترٛین شخصیتن
علاوٕ اَلہٕ پلہٕ ترٛےٚ درجن تأریخی کیو فرضی کردار "ژھاےٚ" نِسبتھ چھُ یہ ڈراما
یوٗنانی ٹریجڈی زیادٕ نزدیک۔ اَمیُک پلاٹ چھُنہٕ اَنگن تہٕ منظرن منز تقسیم کرنہٕ
آمُت بلکہ ضرورتھ مطابق چھُس منز منز ژھین آمُت دِنہٕ۔ "نگرودٲسی" منز چھُ کورس تہٕ استعمال کرنہٕ آمُت۔
کلاسکی یوٗنانی ڈرامہس منز چھُ یہ کورس جماعتہٕ منز اَزان تہٕ کُنی آوازِ منز ڈائلاگ بولان۔ "نگر اُدٲسی"
منز چھِ کورسس منز شےٚ برٛہمن مگر شےٚنٕوٕنی ہنٛدۍ ڈائلاگ چھِ اَلگ
اَلگ۔ "ژھاےٚ" ہنٛدۍ پاٹھۍ چھُ نگر اُدٲسی، منز تہٕ موتی لال کیمو یتھ کارچ کتھ
تُلتھ از کارچ بے قراری، پریشٲنی تہٕ پشیمٲنی (ANGST) پیش کران۔ بٕ کتھ چھےٚ
یہِ زِ ڈرامٕکۍ کردار چھ بێنی وَقتچ کتھ کران مگر پرٛن وٲلۍ یا وُچھن وٲلۍ
پہ چھےٚ یمن کتھن منز اَزکہ وقتچ گنگراے تہٕ اَتھ لبوان۔

کاشرس منز چھِ واریاہ تِتھۍ ڈراماتہٕ لیکھنہٕ آمتۍ یہنز تخلیق یاتہٕ لوٗکہ
کتھن تہٕ اسطورن ہنٛدِس بُنیادس پیٹھ ہنز چھےٚ یا یمن منز روایتی یا خیالی
کردار اَزکین حقیقی کردارن ستہِ رلتھ ڈرامٕٹک عمل برونٛہہ کُن پکناوان
چھِ۔ یم روایتی اسطوری کردار چھِ لوٗکن ہنٛدِس اجتماعی لاشعورس (COLLECTIVE
UNCONSCIOUS) منز آدن رٕژن ہندٕ لو نموٗنو (ARCHETYPAL
PATTERNS) رنگۍ موجوٗد آسان۔ یہند ورتاو چھ ڈرامہس پرٛاثر
بناونہٕ علاوٕ تِھمک زاوی جار تہٕ پرٛن وٲلِس وُچھن وٲلِس تام ٹھیک پاٹھۍ

واتاوان ۔ محمد سُبحان بھگت سُند "اکہ نندُن" تسُند مول موج تہٕ جوگی، سجود سیلانی ہندِ "روپیہ روٗد" ڈرامہکو نارو مُنی لکشمی تو ہ ٹھگ، منگن ٹھگ بنسی زردوش ہندِ آکاش پاتال ڈرامہکو یمہ دوٗت، سمن بردار بیتر ۔
موتی لال کیموٗ ہندِس "منزِلی نکہٕ" ڈرامہس منز سودِ بردر تہٕ بودِ بردر یمن ناٹک کارن سرکاری اہلکارن ہُند رول ڈیپمٹ چھُ ۔ یمن ٹیٚن ہن دون کِردارن ہُند ماخذ چھُ اکھ پرٛون وشواس یا اسطوریٚہ مطابق یم ترٛیٚ سیٚ بھیرن واگِہ زِ دِوتا مانپنہ پوان آسی ۔ اکھ بدھن (کامیابی) ہُند دِوتا تہٕ بیاکھ بدھی (عقل) ہُند دِوتا ۔ دِوتاہس چھِ کاشرِ یاکٹھی برور تہٕ وَنان ۔ ہاری پربھ کس دامنس تَل جایہ چھِ دلوی آنگن تہٕ وَنان تہٕ برارِ آنگنُ تہٕ ۔
نگر رنگ منچ گروپ کہ طرفہٕ پیش منزِلی نکہ ڈرامہس اوس سرکاری اہلکار مانتھ تہٕ یمن کِردارن ہندِس بُھتین پیٹھ براری ماسک لگاونہٕ آمتی ۔ سودِ براری بودِ براری سُند استعمال چھُ سجود سیلانی ینہ تہٕ اکس ڈرامہس منز کوٗرمُت مگر تتھ منز تہٕ چھِ یم پیاری روٗپس منزے پیش ہیدی متی ۔
موتی لال کیموٗ ہندِس "طوطہٕ تہٕ آنہٕ" ڈرامہس منز چھُ اکھ اسطوری کِردار راز وکرم پکونس انسان ہندس روٗپس منز تہٕ تہٕ وُڈونس طوطہ ہندس روٗپس منز تہٕ پیش سپدان تہٕ ڈایلاگ تہٕ ادا کران ۔
وُہمہِ صدی منز ڈرامہس متعلق نظریس منز انقلابی تبدیلی اَنہٕ اکہ طرفہٕ جرمنی ہندی مشہور ڈراما نگار، شاعر، تھیٹر ساز تہٕ دانشور برٹولٹ برخت ہنز احتمزِ متعلق تھیوری (THEORY OF ALIENATION) یا (ALIENATION EFFECT تہٕ بییہ طرفہٕ مہمل تھیٹر چہ (THEATRE OF THE ABSURD) تحریکہ کاشرِس ڈرامہس پیٹھ یمن تحریکن ہُند اثر پیوٚن اوس لازمی ۔

برخت یوسہ ڈرامہچ تھیوری پیشن وارہین تحریرن منز بیش کران چھُ تمیک اکھ اہم نوقطہ چھُ دوپرآزی ہُند اثر (ALIENATION EFFECT) تمچ چھُ اکس جایہ مزاحیہ اندازس منز۔ وضاحت ڈراما وُچھن والی گرٚژھن نہٕ پننین صاحب ٹوپن (HAT) سٟتۍ پننہ کلہ ہیرتہ ڈراما ہالہ نیبر کٔڑن الونز تھون۔ مطلب چھُ یہ زِ ڈراما وُچھن وول گرٚژھنہ ڈرامہچہ کتھہ یا کردارن سٟتۍ جذباتی طور وابستہ سپدُن۔ تس پزِ پننہ تنقیدی دوٗر بر (CRITICAL DETACHMENT) قایم تھون۔

ڈراما نگارس تہٕ پزِ ڈرامہک ساخت (STRUCTURE) تتھ پاٹھۍ استاد کرُن زِ وُچھن وٲلس روزن حِس تہٕ ہوش برقرار زِ یہ سُہ وُچھان چھُ سُہ چھُ ڈراما۔ صرف ڈراما۔ کاشُری پاٹھۍ دُنوز وُچھن وول گرٚژھہ نہٕ ڈراماکس عملس سٟتۍ ییر گرٚژھن تہٕ نہ گرٚژھہ ڈراماکین کردارن منز پننہ شناخت ژھانڈُن۔ برخت سُند یہ نظریہ اگرچہ کلاسیکی ہندوستانی (اسنکرت) ڈراماکس "سادھانی کرن" اصولس تہٕ رس سدھاتس خلاف گرٚژھان چھُ، مگر ہندوستانی لکہ ڈرامہس منز آس برختس بروٗنٹھ تہنز۔ تھیوری پانہ ناوِتھ وُچھن والی سُند بزم پھیرٹاوٕنچ تکنیک اکثر ورتاونہ یوان۔ تمۍ توٚن پننۍ بانڈ پاتھر تہٕ ہیتون سُہ کانہہ سین یتھ منز چکدار، ذیلدار یا پھٹواری گریستس پیٹھ ظلم کران چھُ۔ سینکس آخرس پیٹھ چھِ سینکی ساری کردار۔ تہٕ باقی کردار تہٕ فنکار تہٕ یکہ وٹہ باتھ گیوتھ چکدارن، ذیلدارن تہٕ پھٹوارن ہند ظلمچ وکھنہ کرتھ تمن بد رد ونان۔ پھٹوارس بد رد دُننس منز چھِ پھٹواری سُندے رول کرن وول اداکار پھٹواری ہندی پوشاکس تہٕ میک اپس منز شامل آسان مگر یہ وُچھتھ چھُنہ وُچھن والین کانہہ حیرانی سپدان۔ دوپرآزی ہند عملہ کنی چھِ تمن جذباتی وابستگی نِش پوٗرہ پاٹھۍ مُچھ آسان۔ جدید ڈرامہس پیٹھ نظر تھون والہ اوُدیو

کرِ برخت سُند یہ اے اِفکٹ (A EFFECT) یا ہ ناوِتھ کاشرِس ڈرامہس
منز نوو تجربہ۔ علی محمد لون ہندِس چارِ پاٹھ ڈرامہس منز چھ کُل ترے کِردار۔
اکھ زنانہ تہٕ زٕ مرد۔ زنانہ چھ ناوس سحاب اَکس مردس چھ ناو جمال تہٕ بیاکھ
چھ تمہ ڈرامہک پرڈیوسر ییمہ کہ ریہرسل ستی ڈرامہک عمل شروع گژھان
چھُ۔ جمالس چھ آدم سُند تہٕ سحابس چھُ حواہ ہند رول کرُن۔ مگر رول کران
کران چھِ تمن ڈایلاگ مُشتھ گژھان۔ رول مُشتھ گژھان تہٕ منزٕ منزٕ ینیٚ
ناو جمال تہٕ سُحاب تہٕ مُشتھ گژھان مگر یہ پرزٕ ژھکھ بہ مُشتھ گژھان زِ تِم چھِ ژٕکہ
اکھ مرد تہٕ اکھ زنانہ۔ فقط مرد تہٕ زنانہ۔ فاروق مسعودی چھُ "کالج پاٹھۍ"
ڈرامہس منز اکھ قدم برونہہ پکمُت۔ چارِ پاٹھرِ کی پاٹھی چھُ "کالج پاٹھ" ڈرامہک
موضوع تہٕ ڈراما۔ بلکہ ڈرامہس منز ڈراما۔ ینبرِ مس پلاٹس ستی اکھ اَندرم
پلاٹ تہٕ۔ یِم کِردار اتھ عملس ستی وابستہ چھِ تِمن چھنہٕ سُحاب یا جمال ہی فرضی
ناو دِنہٕ آمتی۔ تِم چھِ پننی اصلی ناو ہیتھ ڈراما گِندان۔ اَکس کِردارس چھُ
ناو لکھن لال صراف بیٚیِس غلام حسن راتھر بیٚیِس ہنڈو، یہ وَنُن چھینہ
شاید ضرُوری زِ یِم چھِ اداکارن ہندی حقیقی ناو۔ ڈرامہکِس ینبرِ مس پلاٹس
منز پیش کار، ہدایت کار تہٕ اَندرمس پلاٹس منز پروفیسر سُند رول کرن
وول کِردار چھُ پرٛان کشور یُس ڈرامہکِس آغازس منزے وُچھن والین کُن
یتھ پاٹھی مُخاطب سیدان چھُ:۔

پرٛان کشور۔ (سٹیجس پیٹھ لِوان) عزت مند وُچھن والیو خبر تُوہہ
چھا میانہٕ زان؟ یہ گوس پرٛان کشور۔ فاروق مسعودی
ہندِ لیکھمتہ ییمہ پاٹھرُک ہدایت کار تہٕ پیش کار۔
یتھ پاٹھرس منز کرن ترے اداکار پاٹھر کِین اداکارن

ہُند رول ادا۔ مکھن لال صراف، غلام حسن رٲتھر تہٕ ہنڈو، مگر تم زن چھنہٕ
کُنی۔ خبر کوٚت چھِ گامتی۔ ہے مکھن لال؟

نیٖبرٕ یُم ۔ اُندرٕ یُم تہٕ اندرٕ نیٖبرٕ یُم ۔ ترٛیشوے ڈراما چھِ لرٕ لوٚز بروٚنہہ
بروٚنہہ پکان۔ مٔنز مٔنز چھکھ پٮ۪ن تہٕ راوان تہٕ سوٚتۍ ہارسُند فرض
پوٗرٕ کران چھُ پران کشور رٲوِ متی سوٚتۍ یعنی پٮ۪ن پٮ۪نہِ سوٚمبراوان۔

پٕران کشور .... "یتھ پاٹھؠ س منز مٔنزی مٔنزی شعوٗری دخل
دِنک چھُ سون یہ مقصد زِ بوزن وٲلؠ گرٕ تھن تہٕ پاٹھؠ
کٔمن واقعاتن ستی جذباتی طور کُنؠ سیدی ..."

کردار پران کشور پنٕنِ زیوٚ ڈراما نگار یُم بٔرخت پنٕنی لفظ دُچھن والین
بروٚنہہ کنہِ تھوان چھِ تمن چھےٚ ضرور پنٕنی اکھ اہمیتھ مگر پٮ۪ٹھ کنہِ ادبی صنف
تہٕ خاصکر یتھ ڈرامہس منز ہاوٕنہٕ بدلہٕ ونُن کٲم ہینہٕ یس تیلہِ چھِ تمۍ دلچسپی تہٕ
تمیُک اثر سیٹھاہ کم گژھان۔

ہری کرشن کول پنٕنِس "ناٹک کرُو بند" ڈرامہس منز چھُ برخت
سُند یہ اے۔ افیکٹ (A. EFFECT) بٮ۪یِس اندازس منز ورتاوٕنہٕ آمُت۔
کردار چھِ رام لیلاہ ہندی رام لکشمن، سیتا، راوَن تہٕ ہنومان مگر یِمی چھِ تم
رام لیلا منڈلی ہندی اداکار تہٕ۔ تمن ستی چھِ ڈایرکٹر اسسنٹ ڈایریکٹر، پرامٹر،
میک اپ مین بیٹر۔ ہیروٕ ہس پتھےٚ ڈایرکٹر ستی تہٕ لوکٹس اداکارس، یس
ہنومان سُند رول دِنہٕ آمُت چھُ چھےٚ دہ شوٚنی منز ژران تہٕ یہ مُشترکی
چھےٚ تِہندِن رام لیلا ہندِن رولن پٮ۪ٹھ تہٕ اثر انداز سپدان۔ نتیجہ چھُ یہ نیران
زِ رام، سیتا، لکشمن تہٕ خاصکر یتھ ہنومان سُندیس روٗپ سٹیجس پٮ۪ٹھ بیٖس چھُ سپدان
سُہ چھُ یِمن کردارن ہندِن روایتی روٗپن نِش مختلف۔ یوت تہٕ تِہند مخالف تہٕ

آسان یمیلہِ ڈرامہٕک رام تختس پیٹھ چھُ یہان تسَ تہٕ راوٕنس پتھ کیٚہ فرق روزان۔ امہِ ستہِ چھ اکہِ طرفہٕ سماجی تہٕ سیاسی تفادن تہٕ تصادمن پیٹھ وُرُن تھوٚدوٕ وٕتھان۔ بیٚییہ طرفہٕ چھُ کرِدارن ہٕنزِ شناخت بروٚنٹھہ کنہٕ سوالیہ نشان لگان۔ پرٛن وٲرس یا وُچھِن وٲرس چھُ احساس گژھان زِ سُہ تہٕ چھ سمارکس سٹیجس پیٹھ ووٚزم اَنی مٕژ شناخت پیٹھ نژان تہٕ سُہ چھُ سونچنہِ لگان زِ یمہِ پرٛزنتھ خاطرٕ انسان پریشان تہٕ حالِ حاران چھِ آسان سو ما چھےٚ تسَ پشراونہٕ آسان آمٕژ۔

برخت ہنٛزٕ تھیوری ہتہ ستہِ چھُ مہمل تھیٹر۔

THEATRE OF THE ABSURD چہِ تحریکہِ تہٕ کاشرِس ڈرامہس پیٹھ اثر ترٛوومُت۔ زندگی ہنٛدِس بے معنے آسنہٕ کِس یِتھ نظریاتی بُنیادس پیٹھ یہ تحریک درٛتھ چھےٚ سُہ اوس بروٚنٹھے کافکا کامو بیترِ لکھار پنٛنین ناولن، افسانن تہٕ مضموٗنن ہٕنٛد موضوٗع بنوومُت۔ مگر ابسارڈ تھیٹرچہِ تحریکہِ ستہِ وابستہٕ بیکیٹ ایِنسکو اڈموف تہٕ جان جینی بیترِ ڈراما نگار چھُ یِتھ کتھِ پیٹھ زور دِوان زِ اگر موضوٗع زندگی ہنٛزٕ نامعقولیت چھےٚ تیلہِ ڈرامہٕک اظہار معقوٗل تہٕ با معنے بناوُن چھُ غلط۔ لہٰذا آیہِ تتھی ڈراما لیکھنہٕ یمن بظاہر نہ کُنہٕ ہوٚٹ چھُ آسان تہٕ نہٕ کُنہٕ لوٚٹ۔ یِتھ کوٚو اگر یمن بے معنے ڈرامہن ہنٛزٕ سوٚدگ ییہ پانٕے اَتھہ یوٚیہ اَتھہ مٕژرس تل گَژھتھ آسان چھےٚ بے معنے آسنٕک احساس یا ابسارڈٕک عنصر چھُ وارِہین کاشرِن ڈرامہن منٛز درینٛٹھہ گژھان۔ مثلن علی محمّد لون سُنٛد "تقدیر ساز"، محمد سُبحان بھگت سُنٛد "پاتھر ساز"، ہردے کول بھارتی سُنٛد ریڈیو ڈراما "تجارتُک آسان طریقہٕ"، نثار نسیم سُنٛد "سٕری پیٹھ"، بنسی نردوش ہنٛدِن ریڈیو ڈرامہن، سجود سیلانی ہنٛدِن راتہٕ کریلا بیترِ ڈرامہن منٛز۔ کاشرِس ڈرامہس پیٹھ مہمل تھیٹر (THEATRE OF THE ABSURD) تحریکہ ہنٛد اَثرُک سار وِے

کھوتہٕ زوردار نموٗنہٕ چھُ موتی لال کیموٗ سُند ڈراما" حرم خانک آنہٕ" یتھ پاٹھۍ چھُ ڈراما نگار ہندِ ناٹک" ترٛژ" سوٗمبرٕ نہٕ منز شامل اَتھ ڈرامہس واریاہ رنگ۔ سنسکرت ڈرامہکۍ پاٹھۍ چھِ اَتھ منز تہٕ سارنے برونٹھ اکھ مرد تہٕ اکھ زنانہٕ نژان نژان رنگس اژان۔ پانہٕ وٕنی دونٕہی دونہہ کرنہٕ علاوٕ چھِ یم ڈرامہکس عملس تہٕ کردارن پیٹھ تبصرٕ تہٕ کران۔ سنسکرت ڈرامہکین اہم کردار سوٗتردھار تہٕ نٹنی ہُند نقل اَستھ تہٕ چھ یمَن باندٕ پاٹھۍ کین کردارن ہندی ناو دِنہٕ آمتۍ۔ ماگن تہٕ گیالی ڈراما چھِ راز دربارک تہٕ دربار چھُ اڈھنگ دیس کس بے دھنگ راز سُند درباری چھِ تماشہٕ بین لوٗکو منز تیرتھ رنگس منز اژان یِمہٕ ستۍ ڈرامہس منز وُچھن والین ہنز شمولیت پیدہٕ تہٕ ستۍ بے تکلفی ہُند ماحول تہٕ بنان چھُ۔ راز چھُ راز اَستھ تہٕ تی کران یہ تس یڈٕس وزیرسند طرفہٕ حکم چھُ میلان۔ بوٚڈ وزیر چھُ تس صرف روایتھ یعنے پرٛتھا بالتک حُکم دِوان۔ روایتھ تہٕ چھے راز ہندی پاٹھۍ بے ڈھنگی۔ رازس چھُ حرم خانہٕ کس آنس منز بُتھ وُچھن، بُتھ وُچھان وُچھان چھے سو صورتحال پادٕ گژھان یِمہٕ کنۍ راز مران چھُ۔ اکھ لکٹہٕ ترییہ لٹہٕ مران تہٕ پرتھ لٹہٕ بیییہ زند گژھان تہٕ وزیرہندس ونِنس پیٹھ روایتھ نیاوان چھُ۔ یتھ آنس منز راز بُتھ وُچھان تہٕ پتہٕ پننی شکلہٕ بین دشمن زانان سُہ چھُ شیشہٕ روٚس فریبے لوت آسان۔ راز چھُ دربارس منز زانانس کیتھ یوان یتھ قُلف دِتھ آسان چھُ۔ قُلفٕچ کُنز چھے وزیرس اَتھ آسان۔ رازہٕ رینہٕ چھے کھٹین کیتھ یوان تہٕ کھٹین ہنز کُنز چھے رازس اَتھ آسان۔ ڈرامہس منز چھِ بسیار کردار — راز، راز رینہٕ بوٚڈ وزیر، ژھوٚپ وزیر درباری، علم بردار ماگن، گیالی، سٹیج ورگر۔ یتر علاوٕ اینکو ہند "کرسیہ" ڈرامہکۍ پاٹھۍ ادرینٹھ لوٗکن ہنز جماتھ راز یا تسند دربار۔(THE CHAIRS)

سوٗرے چھُ پتھ کالک ۔ مگر پتھ کال کِس خیالی ماحولس منز کٔنہ کٔنہ جایہ از کالکیو حقیقی مسلہٕ تہٕ تم تہِ اَزکِکِس لفظن (JARGON) منز۔ ژانپہ ہیتی چھُ اکھ نتہٕ آب یادٕ گرٛزھان ۔ خبر ڈرامہک مرکزی کردار چھا حرم خانک ٲنہٕ کٔنہ رازٕ، ٲنہٕ چھُ شیشہٕ روٗتے ۔ پتھ روٗد رازٕ ییس کردار سُند نہ زند روزنے پوٗرٕ چھُ تہٕ نہ مرنے ۔ تہنز شناخت کیاہ ہیکہِ پیدٕ تھ ؟ ڈرامہکس روٗلس منز سے سماج تہٕ سمارج یوسہ واراٰنی اَسہِ درینٹھ گرٛزھان چھے سو تہٕ تٔھ منز بے معنے کردارن ہنز بے مطلب ژھرٕ ژھرٹ وُچھتھ چھِ شاید میانی شناخت تہٕ رادان ۔ مگر یہِ کتھ تہِ ہیکوٗ نہٕ مشرٲوِتھ زِ پرٛتھ کانہہ ادبی تخلیق سو کوٗنہ آسہِ ہمل ڈرامہے چھُ ژٕکِہ اکھ استعارٕ (METAPHOR) آسان تہٕ پرٛتھ کٔنہِ ڈرامہس منز۔ خواہ سُہ با معنے آسہِ یا بے معنے، کردارے یا ٹی تہٕ سیٹ تہٕ سامانک سُہ کانہہ حصہ تہِ ییتھ اہمیتھ دِنہٕ آسہِ آمرٕ، چھُ علامتھ آسان۔ بیکیٹ ہندِس "گوڈو سُند انتظار" (WAITING FOR GODOT) ڈرامہس منز چھُنہٕ گوڈو کُنی بوٗد گرٛزھان تہٕ کرِتھ تہٕ چھِ ازتام گوڈو ہتر شناخت پیٹھ بحث جٲری نوٗ حالہٕ حرم خانک ٲنہٕ، ڈرامہک رازٕ چھُ سٹیجس پیٹھ ییتھ عملس منز حصہ نوان ۔ سُہ زن چھُ تی کران یہ تِس وَنہٕ چھُ یوان ۔ مگر کیہنہ نہٕ کیہنہ چھُ کران تہِ لہٰذا چھُنہٕ تہنز شناخت کیہنہ مشکل ۔ دوٗنی گوو پرٛتھ کانہہ پرٛن وول یا ڈراما وُچھن وول چھُ پننہٕ پننہٕ حسابہ یہ شناخت بدٕ کڈنہٕ خاطرٕ آزاد۔

•

# ڈرامہس منز مکالمچ اہمیت

گُلشن مجید

اکھ سٹھے مقبوٗل ڈائلاگ یُس اُردو زبانی ہندِ سٹیجہ پیٹھ بوزن والین ہنز، واقفیژ یا تِمن ہنٛز خاطر خواہ ردِ عمل حاصل کرنہٕ موکھہٕ یامِن بوزن والین اَکِس خاص کملِ تل رٔٹنہٕ موکھہٕ جأری سپُد، اوس "ہندوستانچہٕ زٕ الہامی کتابہٕ چھِے وید مقدس تہٕ دیوانِ مرزا غالبؔ" ظاہر چھُ زِ اَمہٕ ڈائلاگُک سورُے زور چھُ دیوانِ غالبس پیٹھ۔ باوتھ چھِے مرزا غالبنِ ہنٛز شاعری ہنٛز پٔلِن، لانچھ تہٕ اَمیک باڈو تہٕ اَمہٕ شاعری ہنٛز جہژ اَتھ کتھہِ متعلق سون زٕویہٕ تہٕ روزِ چھا غالبس تامے محدوٗد۔ یُودوے أسی گٔرِس یتھ اَمہٕ ڈائلاگ کِنِن سارنے اجزاہن بیوٗن بیوٗن سنوٗتہٕ اکھ اَکِس پٔتہٕ ہشر اَوِتھ زانُن یِژھوتیلِ بیٛیہٕ اَمہٕ گوڈٕ ہندوستان ژھارُن۔ وجوٗدِ بٔرما برونہم ہندوستان کِنہٕ وجوٗدِ پاکستان برونہم۔ تِم سیاسی حدوٗد یِہنز سرکأری زبان ہندی چھِے کِنہٕ کنگایہٕ ہُند مادأنی علاقہ۔ اَمہٕ بۆتہٕ بٕنن

اَسہِ ژھارنہٕ الہامی کتابہ۔ کیا واقعی چھا وید الہامی۔ کوس کوس وید چھےٚ الہامی۔ یجروید تہٕ اتھروید چھےٚ الحاقی ماننہٕ یوان سام وید چھےٚ فقط رسوم۔ شیو سو تر کتھ کھالتھ تراوو۔ اَمہِ پتہٕ چھ یاتہٕ الہامی لفظس بدل معنے ژھارنی نہٕ چھُ مرزا غالب ہندس مذہبس (شاید آسہِ یہ کانہہ نوو مذہب) پیٹھ بوز شوٗژ کرن۔ اتھ سارے ہے علمِ منز چھُ یہ اغلب زِ سُہ سورُے مزے راوِ یا سو سارے لطافتے موکلہِ یوسہ دیوان غالبس اکھ انسانی کارنامہ (تخلیق) آسنہٕ کنی چھےٚ تہٕ اُسی سارے سپد و اکہ انتہائی بے رحمی تہٕ بے انصافی ہندی مرتکب نہٕ صرف مرزا غالبس ستی بلکہ اَمہِ ڈائلاگ کِس خالقس جناب عبدالرحمٰن بجنوری صاحبس ستی تہٕ۔

ممکن چھُ زِ اتھ ڈائلاگس پیٹھ سپدِ ہندو مسلم تہٕ (اَنہٕ چھا اتھ بہانہ حاجتھ) ہیٚندن تہٕ ہیٚندن مابین ئیدِ (گوڈٕ چھٕنہٕ سراتہ یٹس منز لڑاپہ ہُند تصورُے) تہٕ بین المسلمین فساد تہٕ (ذر! یرژار ڈورا چھکھ) یوٚدوے نہٕ اُسی اَتھ بظاہر بے ضرر، معصوم تہٕ سیدارٕ ڈائلاگس پنُن خاص محل دِمو، پنُن صحیح حوالہِ دِمو، تھو دِمو تہٕ بیٚنہِ اگرنہٕ اُسی یہ پٚننہٕ (اردو زبانی منز) اکِس خاص روایژ ستی مشروط کرو۔ گو ونا سو کانہہ تہٕ کتھ یتھ وتن وول آسہِ، بوزن وول آسہِ چاہے جماعتی طور، چاہے انفرادی طور تہٕ یوسہ کُنہِ تہٕ سٹیج پیٹھ وقوع پذیر سپد چاہے سو گریلو رنگ منز آسہِ، سیاسی آسہِ مذہبی آسہِ یا سماجی نوعیتک آسہِ۔ یژھ پرتھ کانہہ کتھ چھےٚ پابند تمن رسمن یم اتھ خاص رنگ منجس سٹیجس ستی وابستہ آسن۔ اَمہِ کتھ ہُند مثلے رٕوژ تابین اَمہِ کتھ ہندس وقتکس چوکھاٹس۔ یمو رسمو نیبر تہٕ اَمہِ خاص وقتہٕ کہِ چوکھاٹ نیبر کتھ یژھ ناونچ کانہہ تہٕ

کوشش کرنٕوی ژٔرتہ تیار نہٕ توٚصف بندی۔ ہیٚندرٕ ہنٕز۔ اُکس دیوی سرسوتی ہندس موضوٗعس پیٹھ ایم ایف حبین سنٛزن پینٹگن پیٹھ یس واد و واد (دوٚکھ دوٚبچھ) سارٕی ہیے مُلکس منٛز۔ وۄنتہ نہٕ یوسہ ہوٚل ہانگے شیوبینا نہٕ اکھو حوالو تٕہ سوٗ آسہٕ اُسہٕ سارنے ژٕ تیسے۔ یہ چھُ حوالہٕ ہنبر اکھ ڈائلاگ زانٛنچہٕ کوٚشنٕہ ہُندنتیجہ (پینٹنگ ہٕ چھے پننو رنگوٚ، رٕکھو سیتی پننس وچھن دارس سیتی ہمکلام سپدان)۔

اوٚتام اُس اکھ وسیع سٹیج کتھ۔ وۄنی یھیرو آسی خاص ڈراما یا پاٹھس کن ترن وقتن ہندس تاۂدس منٛز۔ پاٹھ کس رنگ منٛجس پیٹھ چھُ مکالمس ترن بُنیادی شٔرطن سیتی سمجھونہٕ (اتھ واس) ہیوان کرنٕ۔ (یا ترن شرطن گنٛڈتھ ہیوان روزُن) ۱۔ یہ چھُ ڈرامہکس انجامس تاپین۔ یہ کتھ ہیکو ییتھ پاٹھ نہٕ ڈٕنتھ زِ مکالمہٕ چھُ پاٹھ چہ کلہم منصوبہٕ بندی ہُند حصہ ۲۔ یہ چھُ کردارہٕنز شخصیژ سیتی وابستہ۔ گوڈٕ زِ کردار ہنٛز شخصیتھ چھے پانہٕ نہٕ پاٹھ چہ کلہم منصوبہ بندی سیتی وابستہ۔ مگر خطِ مستقیم کِ اکھ نوقط پیٹھ شروع سپدتھ خطکس اندہٕ مس نوقطس پیٹھ اند سپدن واجنہٕ شخصیژ ہلکہ چھے کردارس اکھ بیاکھ شخصیتھ نہٕ آسان۔ یہ شخصیتھ چھے اکھ اکھ منظر پتہٕ پننی نوٚی نوٚی وِیہہ ہاوان تہٕ اُمی (ELLID) سیمابی شخصیژ کِنی چھے کردار ہنٛز۔ عملہ منٛز سوٗ بے ساختگی نہٕ سوٗ "بے ثبق" کیفیتھ پاۂد گژھان، یوسہ وُچھن والین مختلف قیاس آرائی کرناوان چھے نہٕ کِنہ پاٹھ باپتھ تہنٛز۔ دلچسپی محفوٗظ تھاوان چھے۔ ۳۔ یہ چھُ ماتحت تنہٕ زانکاری یوسہ کانہہ ڈراما وُچھن والین چھے۔ یہ چھُ تاپین تنہٕ زانکاری ہنٛز۔ تفاوژ یوسہ اُکس کردارس نہٕ پاٹھ وچھن والین درمیان چھے۔ مکالمہ چھُ پرن والین یا پاٹھ وُچھن

والین پاٹھرکہ اکہ کلہم تاثر باپتھ ضروری لفظت ( شبد کوش ) ہتہ مہیا
کران ہتہ تہندین ذہنن منز. دہ تلن والین سوالن اکھ ترتیب شکل ہتہ ترائے دِوان
یوسہ ڈرامچہ کامیابی باپتھ اکھ مثبت حصہ ادا کران چھنے۔ یمے دہ تلن
والی سوال چھہ پاٹھر وُچھن والس پاٹھرس منز حق ہتہ پرزر تھاریہ باپتھ
ضروری تجسس چہ وَتہ بیچھ ثابتھ قدم تھاوان۔

کلیساہس منز قتل ( THE MURDER IN CATHEDRAL ) ناوکس منظوم
ڈرامہس منز. چھنے زنانن ہنز. اکھ ٹولج ینہ اختیار کرِتھ متہ سفرچ بے اعتباری
(ہتہ امہ کِنہ بے معنویت ہتہ ) ینہ والین حالاتن ہند بے پرتھ آسن ہتہ ینہ
اوری نتہ یوٗر اعتقاد یتھ پاٹھی باوان۔

ARE WE DRAWN BY DANGER? IS IT THE

KNOWLEDGE OF SAFETY THAT DRAWS

OUR FEET TOWAARDS CATHEDRAL

پلنین اندرین شکن ہتہ شبہاتن ہند اظہار کرِتھ ہتہ ینہ زبانی ہند
حسب مقدور ورتاو یتہ چھہ یہ مکالمہ براہ راست ( اسید سیود ) وچھن والین
منز. پاٹھرکین ینہ والین واقاتن متعلق نوانمایہ سونچناوان ہتہ تہندین ذہنن
منز. نوی سوال تلان۔ وُچھن دول ( یتھ ڈرامہس متعلق وُچھن دول کے
ہتہ بوزن دول زیادہ ) چھہ یکدم ینہ برائی کسلمندی ہتہ ذہنی تھکاوٹ
منز راوتھ ہمہ تن گوش سیدان۔ یتھے پاٹھی چھہ شیکسپیرسندس ڈراماہ ہنری
ششمس منز. وُچھن والین ہندی کن کھڑا گرتھان یتھے تم. بیوفارٹ سند
سہ بیان بوزان چھہ یس سہ گلاسٹر ینس الزام ترا شی ہندس جوابس
منز. ( ہمس ) دِوان چھہ۔ گوڈ چھہ یورہ گلاسٹر اُمس لالچی؛ آنتہ ہتہ کینہ ور

ونان"

اوڑ چھُس بیوفارٹ ونان۔

THOU WIFE IS PROUD, SHE HOLD'TH THEE IN AIR

MORE THAN GOD OR RELIGION CHURCHMAN MAY

یتھ پاٹھٕ چھُ دُچھِن وول گلاسٹرس لاکم چارِتھ رٹن واجنہٕ تس آشنہٕ سِتۍ متعارف سپدان یوس ہنزی شنشم ناوکِس پاٹھرس منٛز۔ گلاسٹرس یعنے ہینرس اوٚش ہندِس تنزلس منٛز تہٕ تسنٛزِ ناکامی منٛز بوڈ حصہ ادا کران چھےٚ۔

یتھ پاٹھٕ چھُ بیوفارٹ سندِ یہ ڈائلاگ سیٹجس پیٹھ ٹلی کانہٕ ہنٛز۔ تشریف آوری نہ صرف آسان بناوان بلکہ اُمی سٕتۍ شخصیژ حسبِ حال اکھ ہوا تہٕ قایم کران۔ اُمی سٕتۍ پرچھ کانہہ حرکتھ، چاہے سو زبٲنی ہنٛز چھےٚ یا انگن ہنٛز چھےٚ، دُچھن وٲلۍ چھِ فوراً اتھ اُمی سٕتۍ۔ شخصیژ ہندِس اولین تاثرس تابین تھاوِتھ محظوظ سپدان۔ یہ ڈایلاگ چھُ گلاسٹر ہنٛز شخصیژ تہٕ گاش راوان تہٕ بیوفارٹ ہنٛز تہٕ یس گلاسٹر ہندین الزامن ہنٛز تردید کرنہٕ بجاے تس یور پامہٕ دِوان چھُ۔

مکالمہٕ چھُ مکالمہٕ ونن وٲلۍ سٕتۍ شخصیت یمِس کُنہ کتھ وَننہٕ یِیہٕ تمۍ سٕتۍ شخصیتھ، یمِس متعلق وَننہٕ یِیہٕ تمۍ سٕتۍ شخصیت ترلیشوٚنی ہنٛز باوتھ کران۔ دٔرلبھ تہٕ تمۍ سندِس نٲلۍ سٕتۍ شخصیت۔ یمن دۄن ہندی پانہٕ وٲنۍ تعلقات۔ گرس منٛز یمن دۄن ہنٛز۔ نشست وبرخواست (POSITION) پتھ چھےٚ اکثر وتام ڈائلاگو سِتۍ مشخص سپدان۔

حمید، موہن تہٕ دٔرلبھ چھِ تاس گندان۔ کاک چھُ دٔرلبھ بینڈٕ مول۔

حمید چھُ پپل کڈان .....

دوربھ۔ کہو دراو

حمید (بیزاری سان) یوّہے ہا اینٛہ بادشاہ

دوربھ (رازداری منز) زورٕ ماون

موہن کہو زِوُنہٕ

دوربھ۔ یہٕ ہا پھٔٹے کاکس کرتام ریڑھ آس منز

حمید۔ ہا بدلحاظ۔ مٲرس نہٕ چھُک نہٕ بخشان

دوربھ (زورٕ) کاک، توٚہی مہرا گندِوا

کاک۔ یی ییٚکیا ساٚ گوڑ موکلاون یہٕ ڈار صاب

دوربھ۔(لوتہٕ) کاک ہا پھٔٹے ینہٕ وقتہٕ زبردس پپلی باز اوسمٕت دِیان ہاوڈ خرچ اوسُس اُتھی کمایہٕ پیٹھ چلان۔

---

برونٛہہ پٔہن

کاک (موہنُن تاس دُچھتھ) پپل کیا چھُ

موہن (بابنرن خبر مہرا مٔے نہٕ خبرٕے

موہن یہٕ مہرا کوّڈ حمیدن

(دوربھ آرامہ سان) اینٛہ پڑ مہرا

کاک چھُ کھوّد گرٛہان وُچھتھ

کاک کیا

دوربھ اینٛہٕ پڑ۔ کنگ آف ڈائمنڈس

ڈائلاگ چھُ سوضروٗری زانکٲری تہٕ باخبری یوسہٕ پلاٹس واقعس تہٕ کردارس ینٛس صحیح تناظرس منز پرزناونہٕ باپتھ سون اتھ روٚٹ کران

چھنے۔ واقاتن ہندِس بہاوس تہٕ کردارن ہنٛز علہٕ چھُ مانے تہٕ صحی پرزنتھ ڈائلاگ ہیٚتہٕ میلان ڈائلاگ چھُ اکھ بند تاریک کمرٕچ دارٕ یپارٕ ی سو گاشہٕ لے اژان چھنے یوسہٕ اتھ کمرس تہٕ کمرس منز ڈٔہرتھ چیزن اکھ پرزنتھ بخشان چھے۔ پأترس منز چھُ ہٕر ہُند گوڈٕے ڈائلاگ۔ اَمی پیٹھٕ چھُ شہٕ تصادم چلیے سہٕ شخصیژ ہُند آسہٕ یا واقعاتن ہُند شروٗع سپدان۔ ژرکہٕ چھِ واقعاتن ہُند بُتھی بھیرٕ گژھن تہٕ شخصیتن ہُندٕے تصادم۔ منزٕ لی نچہٕ چھُ یتھ پأٹھٕ شروٗع گژھان۔

(جوان مسخرہ لکو منزٕ ی اژان۔ تَس چھُ ڈول نالٕیس چھِ ڈول
وایان یوان تہٕ سٹیج کِس بروٗنہہ مس پاسس پیٹھ بہتھ لوگُن وَنان)

جوان مسخرہ۔ (ڈم۔ ڈم۔ ڈم) ہے خلقو۔ بیٚنِن جاییٚ بہو خاموشی سان۔ ییٚمہٕ علاقُک بُڈ مسخرہ چھُنہٕ ستو دہ ہو پیٹھ گرٕ واپس آمُت۔ لہٰذا چھِ تَس ژھارنہٕ موکھ ساری پانڈ یتھ علاقس گردشس دراہمٕتی۔ بیٚنِن بیٚنِن چندن کرٕ و جیس یتھ نہٕ سون بُڈ پانڈ ژھل کرِتھ تہندِن چندن منز۔ بہیہ گژھتہٕ وُچھن وأل چھِ یکدم یموٗ کرٕ ژوتام لفظو ہیٚتی بیٚنہٕ بیٚنہٕ دنیا منز ینیر پیٚرتھ پأٹھٕ دُنیاہس منز اژان۔ تمن چھُ بیٚنہٕ سنجیدگی ہُند تہٕ نقلی نفاسژ ہُند لباد ووٗل تنگ باسان ہتہٕ لکہٕ پأٹھٕ کہٕ بے وایہٕ بے ٹھاکھ ہٕ لکُ تہٕ مرٕ حک مٕژلان۔

ابسن سُند اکھ ڈراما چھُ روزمرشوم ROSMORSHOLM۔ امہٕ ڈراماکین ابتدأیی ژھین منزٕ ے چھُ ابسن کرٕ ژوتام ڈائلو گو ہیٚتی نہ صرف اَسہٕ ڈراماکین دوٚن کلیدی کِردارن ہیٚتی متعارف کران بلکہ چھُ کینہہ اہم اطلاع دِتھ ژُہ تناو تہٕ ووتلاوان یتھ منزٕ یم کردار پانہٕ وأنٛی متصادم سپدان چھِ

MRS. HELSETH: HADN'T I BEGIN AND LAY THE

TABLE FOR THE SUPER, MISS?

RABEECA : YES, DO. MR. ROSMAR OUGHT TO BE IN DIRECTLY.

MRS. HELSETH : ISN'T THERE A DRAUGHT WHERE YOU ARE SITTING MISS?

RABEECA : THERE IS LITTLE, WILL YOU LOCK UP PLEASE

(MRS HELSETH GOES TO HALL DOOR AND SHUTS IT, THEN SHE GOES TO WINDOW TO SHUT IT AND LOOKS OUT)

MRS HELSETH : ISNT THAT MR ROSMAR COMING THERE!

RABEECA : WHERE? (GETS UP) YES IT IS HE (STAND BHIND THE WINDOW CURTAIN) STAND ON MY SIDE, DONT LET HIM CATCH SIGHT OF US.

MRS HELSETH : (STEPPING BACK) LOOK MISS. HE IS BEGINING TO USE MILL PATH AGAIN (TR. R.F SHARPHEST)

ہم کرٕ تام ڈائلاگ چھ اتھ ڈرامہس متعلق کینہہ سوال وۄتلاوان۔ ربیکا کیاز چھنے پرٛاران۔ مسٹر روزمیرن کیاز اَمی وتھ بدلاوِہ۔ وۄنہ کیاز کرٕن بیٚنیہ

پرٲنی وَتھ اختیار۔ ربیکا کیاز چھِنہٕ یِرٛشھان زِ روزِمرٕ گرنھ تِمن وُچھِن یِتھ پاٹھۍ زٕ ژران۔۔
وُچھِن وول چھُ یِمو ڈائلاگو ہٕندِ مدتہٕ ڈرامہس سیٹھ منز س واتان۔ یِتھ پاٹھۍ چھُ
تِمس کِرٕدارن سٕتۍ اکھ ذٲتی رشتہٕ قٲیم سپدان ہتہٕ سُہ چھُ بنین سوالن ہٕندی
کھری کاسان ڈرامکِس انجامس واتان۔
ڈائلاگ چھُ کِرٕدارن اکھ ماضی اپٕتھ کال ہتہٕ بخشان۔ یہ چھُ اُمس اکھ یاد داشت
دِوان۔ یِمہٕ کِس تناظرس منز وُچھن وول کرٕدارن درمیان تناوٕچ وٕ مید تھاوان
چھُ۔ کِرٕدار ہٕندی موجوٗدٕ ویوہارتہٕ واتن ترایہ پتھٕ اُمی یِتھ کاٹِج تہٕ اُمی یاد داشتہٕ
سٕتۍ معنےٰ خیز۔
تیٛلہِ چھام نتےٚ ڈراما منز اکھ اقتباس :
( اشرف چھُ کلرکس باے ہتر ڈیتھ سرٹیفکیٹ منگان۔ )
کلرک چھُ سارنی ٹکیٹہ بنڈلہ منز اکھ کڈِتھ اُمس دِوان تہٕ اشرف چھُ وُچھان۔
اشرف مگر۔۔۔۔۔ یہ۔۔۔ یہ۔۔۔ جناب۔۔۔۔ یہ کیا دلیل چھے۔ جائے تاریخ
تہٕ ایڈرس چھُ سورُے صحی مگر یہ چھنہ میانِس بابہ ہتر۔
کلرک ۔ اَدٕ کیا میانی چھا۔
اشرف ۔ نہ جناب۔ تہنز تہ نہ۔ یہ چھے میانی۔ یہ چھُ میون ناو ہیکتھ یہ
چھے میانی DEATH CERTIFICATE
کلرک ۔ تہٕ جناب گو وتو یہ دوٚن باین ہُند بنیٛ مسلہ۔ اتہ کیا اَتھ ہتی۔
اشرف ۔ مگر تہٕ کیتھ پاٹھۍ سپدِ۔ بہٕ چھُس زندے۔
کلرک ۔ تہٕ چھکھ ژٕ وَنان۔ لوکھ تہٕ گرشھنا ونی کیہ نہ۔

اشرف۔ مگر بوے گذریوو میون۔ بہ نہ

کمارک۔ تہ پیو گوڈ گرکھن پرزنھتھ زِ مۆدکُس۔ تفر بدلی آسو گامُت۔ اَسہِ

کیاہ پے زُچھکھا ژٕکنہٕ ژٕ مُچھکھ چون بوے!

عام کتھ باتھِ مقابلہٕ چھ ڈراماہس منز۔ ڈائلاگ زیادٕ بڑتھ۔ ژٕلتھ چارتھ

آسان ( LOADED ) ڈراماہس منز چھُ اَتھ تمہٕ کنہ یا زیادٕ

شدت ہتہٕ جہتہٕ آسان یمہ زن اتھ عام کتھِ باتھِ منز آسن۔ اکھ محاورٕ یادیتھ

پیٹھ ایکٹر ورتاوٕ اَتھ۔ چھٕ بدلی بدلی معنے نیران۔ بیٹھ اوتھیلو ژ ونگ ژھیوراونگ

حکم کرر دوان چھُ اَتھ چھنہٕ صرف یتے مطلب زِ گاش کرٕو۔ ژھیتہٕ بلکہ چھُ

یہ اشارٕ کران DESDEMONA ہنز زندگی ہندِس ژاگس کُن ترِ۔

OTHELLO: PUT OUT THE LIGHT AND
THEN PUT OUT THE LIGHT

●

# کاشرِس ڈرامہس منز

# جدیدیَت

رتن لال شانت

اُزکِس پوسٹ ماڈرنسٹ POST MODERNIST فکری ماحولس منز جدیدیچ کتھ کرٕنی چھےٚ بے وقت بحث تِہ کیازِ ییٚلہِ تہٕ کانٛہہ فکری تبدیلی ییہِ سو چھےٚ صرف یاگوڈ ادبس منٛز ے یوان بلکہ سو چھےٚ بیک وقت ساری ے ادبس آرٹس، فلسفس تہٕ سائنسی کیونیم سائنسی لیکھ پرٕ ہندِس ACADEMIC ماحولس منز یوان۔ کُنہِ زمانہٕ سازسونچُک ایجادُک یا تحریکہٕ ہُند مادی کیو رُوحانی اثر یوٚدزن یورپتے یہَن واتان چھُ، یمن ہُند آوآو چھُ ہوس منز اینٛھرکی پاٹھی زینہٕ گرِ پتھےٚ بیران آسان۔ بییہِ چھُ دُنیا یوت شرو کان زِ اَسہِ کیاہ چھےٚ پتاہ زِ یوسہٕ زندگی اَسِہ زچھِل معمولی رَد کرنس لایق باسان چھےٚ، پننی مسلہٕ اُنز۔ رادیخ یوسہٕ تہٕ یرٕتھ کوٚشش اَسی کران چھ سو کاژاہ اہم چھےٚ تہٕ عالمی سوٚنچ متاثر کرنُک کیٚتھ سام تھ چھےٚ تتھ۔ اَسہِ پزِ یہ اندازٕ آسُن زِ ییتھ اَسی پوسٹ ماڈرنزم ونان چھِ تمیُک واریاہ کینہہ چھِ اَسی تہٕ پننی پاٹھی ژینان آمتی مثلن یہ زِ انسان چھُ پننِہ خالص بُتراژ ہُندے پاداوار تہٕ تسنز شخصیچ پرزنتھ چھےٚ بُتراژ تہٕ نسلہٕ کہ بیاکس منز موجود آسان۔ دوٚن گوو عملس تہٕ عملہِ کِہن اظہارٕ ڈسلین منز۔ لوٚب کُن نہٕ پھکور

آسہٕ کینٛہہ یہِ اُسی سونچان آسانے چھہِ تہٕ چھُ باضے باقین مرکزن منٛز لیکھنہٕ تہٕ آمُت آسان۔ تہذیبک یہِ اتفاق چھُنہٕ اتفاقیہ بلکہ یوہے چھُ اکھ امیک عمل۔

## ارتقا

سونچ چھُ فطری آزادی ہنٛز۔ منگ کران تہٕ فطرت چھےٚ پرانہٕ رٕکھ مانٛدِتھ پنُن جہار لگاتار نیبر تراوان۔ مگر یہِ کرتہٕ خاطرٕ چھُ اَتھ نوٚو نشانہٕ تہٕ نوٚو رٕکھ مقرر کرنہٕ یوان۔ پرانی بیمانہٕ لگاتار پھُٹرنی تہٕ نوٚی گرٕنی چھُ فطری ژٕنشٕرٕلنایہِ ہنٛز خصوصیت۔ جدیدیت MODERNISM آیہٕ تیٚلہٕ سرس ییٚلہٕ ادبی سونچن اکھ خاص قسمٕکس سماجی افادیتس تہٕ سماجی آویزگی ہندس نظریس پان پیٚشرٕ حالانکہ بیٚیو علموٚ فزیکس، بیالجی، نفسیات بیترِ ڈسی حاصل سپدیمتہٕ تجربہٕ تہٕ اطلاعاتو اُسی سونچکو ساری پرانی حدٕ پھُٹرٕ اوٚی مٕتی۔ یہِ تہٕ بیٚیہ اَسہِ مانُن زِ ترقی پسندی اوس اکھ مثبت پہلوٗ تہٕ یوٚدوٚزن سُہ معمولی اوس۔ سُہ گوو یہِ زِ اُمی دِژ تتھس ادبس دِنن ییمہِ ادب عود کفیل گژھہ لدُکوٹھرٕ ہنٛز۔ خود کلامی یا سریت بنو مُت اوس۔ مگر امیک یوہے پہلوٗ بنیو امہِ بابتھ شاپھ تہٕ کیازِ دِنن دِیِخ ترقی پسند عمل آسنہٕ فطری سوچن علس دوہ تھوٚو دِوان۔ اوے گوو یہِ نوکتے نگاہ تضادُک شکار۔ ترقی آسنہٕ مسلسل ژھانڈِتھ لگاتار بروٚنٛٹھ پکنس ناو بلکہ اُکس گوڈے طےٚ شُدہ لیہ پیٚٹھ یِدی تراوٕنی۔ امہِ مقابلہٕ کوٚرٕ جدیدیتن اعلانیہ پاٹھی امہِ تضادہ ستی استفادٕ تہٕ ادب موکلوٗ وکھ اُمِہٕ نظریاتی حدٕ بندیوٚ منٛز۔۔ امہِ ستی میوٗل کلچرل ارتقاہس مدد۔ جدیدیتن دیُت موٗلہٕ انسانی آزادِیہ تہٕ آزاد سونچن نیہ ہندس ابدیتس پیٚٹھ زور تہٕ فکری سفرس منٛز۔ کانہہ تہٕ میلہٕ کنٛی تھوٚنس کرٕن مخالفت۔ یہِ وۄتھلیہ بحیثیت اکھ ژوٚدیہ یُس پرتھ شیٚہ عقیدس سوال کران اوس۔ سوال کرِتھ نوٚ کھوتہٕ نوٚی جواب ژھارنس دیُت امہِ وُتش۔ جواب ژھارنک یہِ ژوٚدیہ تہٕ گوو پتہٕ شٹھینارس کنُ تہٕ ہیوٚتُن فلسفیچ شکل اختیار کرن۔ پرتھ فلسفس چھہِ ترکیبی عنصر آسان تہٕ جدیدیتس تہٕ ہیٚژن کینہہ لازم موضوعاتی

کیو اسلوبیاتی خصوصیتہٕ تشکیل سپدان۔ مگر انسانی سوچ چھُ انسانی زندگیہ ہندی پاٹھی مسلہ پاد کران نہ کہ تمن حل فراہم کرتھ تمن لارِتھ گژھان۔ منظم آسنہ کھوتہ چھُ انسانی سوچ زیادٕ منتشر آسان اَو کنہِ کرٕ جدیدیتن نہ تتھے پاٹھی قلعہ بندی یوتانی رچھہٕ گژھنہٕ لجس۔ شاید اوس نام نہاد پوسٹ ماڈرن اِزمک اکھ وجہ یہ تہٕ۔

## ادبچہ لکھم ترایہ

برٕزٕ حسابہٕ چھُ کاشرس نثرس منز ڈراما افسانس پتہٕ تہٕ باقی صنفہٕ مثلن ناول، انشایہ، ڈایری سفرنامہ بیترِ ڈراما پتہٕ۔ مگر یمہ ترتیبک مطلب چھُنہٕ یہ ہرگز زِ کانہہ تہٕ صنف تتھہٕ ژھر براسی تن یا برٕزٕ کیاہ چھے فکری تبدیلیو نشہٕ مُچہٕ۔ تہٕ اگر آسہے تیلہِ سانہٕ کرٕ تانی ناولہ آسہٕ ہٕن تہٕ پننہٕ زمانچ نُمایاں تصویر پیش کران۔ ووں گووہ یہ تہٕ چھُ پرزٕ شاعری چھے ادبچہ نمایندٕ ترایہ ہنز پارٕ زان کرنٕ وِتھ ہیکان۔ یہ چھُنہٕ صرف کاشرچ بلکہ سارنی ہندوستانی ادبن ہنز خصوصیتھ۔ کاشر شاعری چھے اَسہِ پے دِوان تمہٕ مرکزی پریشانی تہٕ سروکارک پتہٕ عام اُدیبس چھُ۔ باقی رُد اُدیب افسانہٕ نگار آسی تن یا ڈایری لیکھن وول، سفرنامک مصنف آسی تن یا ڈراما نگار۔ تیلہٕ ناوُم "حالس چھُ رتل حالس چھُ پرٕارُن"۔ ڈنہِ وقتس برونٹھ کنہٕ بے صلح سامانہٕ کھڑا آسنک تقدیر باوان چھُ، راہی ونان۔

مے لنا دیت سونتس آو

گودکھ پھیری تن مولن سریہہ

پرٕا اٹھ کیاہ ہیکہٕ؟۔

تیلہٕ چھم زالن سورے باغ۔

ڈنہِ مولویہ کانہہ متبادل آسنہٕ بے آسنہٕ کس امکانس منز پننہٕ منک انتشار تہٕ بے چارگی وُچھان۔ کامل چھُ ژینان زِ "گاشس تہٕ آخر سراب، گاشس تہٕ آخر سراب" باسان

چھ زِ کاشرِس شاعرس چھ کنڈی تار پھٹتھ ینک تہٕ پان عصری حقیقتس ستۍ متصادم
مُدرایہ منز۔ وُچھتھ زبردس صدمہ واتان ییمہٕ خاطرٕ سُہ اُمی دَمہٕ تیار چھُنہٕ مگر ییمہٕ نشہٕ
سُہ دوٗر تھہٕ ہیکہٕ نہٕ۔
ڈرامہ جشنَس منز پیم ڈرامہ ییمہٕ صدی ہندِس اند ستۍ مس تہٕ گوڈ اکھس ڈہلس یعنی
پیٹھ کنہٕ ذکر کرِی متِس وقتس پیش کرنہٕ آیہٕ، اگرٕ اَسی تم تہٕ تمن منز پیش کاری ژتس یاد وو
اَسہٕ ین تم منظر بروٚنٹھ کُن یمن منز اداکار چو کاپھٹھ PROSCENIUM حدبندی
پھٹراوتھ گرا وُچھن والیو نکو منزٕ دہ تھان اَسی گرا سٹیجک مصنوعی ماحول ٹُکن ہنزٕ
اصلی زندگیہ منز واتہٕ ناونکو نوٚی نوٚی سنز کران اَسی۔ علی محمد لون سُند "تقدیر ساز" اوس
ڈرامابدلہٕ اکہٕ پبلک جلیبح شکل اختیار کران تہٕ رادھے کرشن برار و سُند "یاہو" اڈ تاینک
غار شہری تہٕ غار مہذب بانڈ پاٹھر منز زِ شہرین ہنزٕ سنجید محفلہٕ منز والان تہٕ تمن حاژتھ
زدہ کرِتھ تراوان۔ یہ کتھ چھےٚ ییتن ژتس تھونی لایق زِ جدید سوچ چھُ بُنیادی طور
موضوع یا مفہومہ کِس سوٚتھرس پیٹھے زور دِوان امایوٚز ڈرامہس منز چھُ یہ ہمیشہٕ
ڈرامائی عملس تابع آسان۔ عملے چھُ ڈرامہ کِس مطلبس تہٕ مقصدس حدٚے کران۔
مغربی ڈرامہس منز ییتھے ستانسلوسکی ایلیا کزان، پیٹر بروٚک تہٕ گروٹوسکی تھیٹر آرٹس
انقلابی تبدیلیہ اَنان چھا دِچھ جان جابارلن، سیمویل بیکیٹ، یوجین آئینسکو، آرتھر ملر تہٕ
برٹولٹ برخت ہی جدید ڈرامانگار بارسس یوان۔ ڈراما چھُ بُنیادی طور ڈایریکٹر یا
تھیٹر آرٹسٹہٕ سُند ذریعہٕ یتھ کنۍ شاعری اَدبیہ ہُند ذریعہٕ چھُ۔ شاعری تہٕ ادبس درمیان
چھُنہٕ کانہہ ترژیم وُتشَل یا سیٹرل عنصر آسان ییلہٕ زن ڈرامانگارس تہٕ ڈرامہس منز
باگ تھیٹر چھُ یُس واحد چھُنہٕ بلکہ جمع الجمع چھُ۔
وُکھ پاٹھو کُک زِ دیہ :-
کاشرِس ڈرامہس منز۔ جدید نظر دو تلنس اگرٕ کانہہ بوڈ وجہ متشخص کرُن

آسِہ سۄ چھُ یہِ زِ اَمۍ کۆرٕ لُکہٕ پاٹھرُک اسلوٗب تہٕ رٕویہٕ قبوٗل۔ ییٚتھی وأنۍ چھُ یہِ بیان متضاد باسان مگر اگر ےسنوٗ تہٕ اَسہِ تنہٕ پزٕ رکیاہ ہیکہٕ آسِتھ۔ کأشرٕ لُکہٕ پاٹھر چھُ انسأنی سوٗنچہٕ کِس فطری رُجحانس پھولنہٕ دِنس منٛز۔ یقین تھٲوان ییٚمیُک ذکر ہیٚرکنہٕ سپُد تہٕ ییٚمہٕ کنہِ کینہہ آخری تہٕ حتمی مانٛنہٕ چھُنہٕ، پرتھ قایم دأیم رلواتیٚن تہٕ نہجہِ ہیکہِ سوال کرنہٕ یِتھ۔ یوٚد زن اَسُن تہٕ اَسہٕ ناوُن تمہٕ سوالچ شِدت کم کرِتھ وَیہٕ وُن تہٕ شرٕ یہٕ وُن بناوان چھُ۔ حقیقی لُکہٕ پاٹھر چھُنہٕ زندگیہِ ہنٛز سنجیدگیہِ مازان بلکہ ژِہہ ژِہہ بدلوٚنہٕ انسأنی رٕوِیَن تأیید کران۔ یہٕ رٕویہٕ بنیوو کأشرٕ ڈرامہُک کارگر ہتھیار لوٗن تہٕ کیٚموٚ ہِندین ڈرامہن منٛز، خٲلی تہندِس پاٹھس TEXT منٛزے یوت نہ بلکہ گِندنہٕ تہٕ پیش کأری وِزِ تہٕ۔ یہ چھُ اکھ منفرد اکھ مثبت پرٲوُت۔

"سیانہٕ" "ژٕھاے" چھ تقریبن اَکے دورس منٛز ویٚتھی پوٚتھی پاٹھی اَکے موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ آمتۍ حالانکہ تِھم چھکھ الگ۔ یِم زٕ ڈراما چھِ اَسہِ گوڈنیتھے باس دِوان زِ جدید حیثیت چھےٚ کأشرِس ناٹکس منٛز قبوٗل سپدیمٕژ۔ یِمن دوٚن پیٹھ مُدلل کتھ کرنہٕ برونٹھ چھُ کیٚموٚ ہِندِ "ژٕنوٗو" ڈرامہُک ذکر ضروٗری۔

ژٕنوٗو استحصالُک بأدیک رٕوپ

"ژٕنوٗو" چھُ ترقی پسند دورٕ پتہٕ گوڈنیُک سۄ ڈراما ییٚتھ منٛز ژینہٕ وِن دِنہٕ آمٕژ چھےٚ زِ سأنی بُنیأدی اقتصأدی کیو سمأجی مسلہٕ یِم سمأجی وابستگیہِ ہِند اصوٗل ثأبت کرن وألۍ ادبن طےٚ شُدٕ نیم سیأسی فارمولاہن حوالہ کرِمتۍ اَسۍ نہ چھ سہل تہٕ نہ چھ ٹھوس ٹھوس مطلب ٹاکارٕ تہٕ ویٚدی، ونیتھی پوٚتھی، زٕ جمع زٕ ژور سوالکی پاٹھی حتمی جوابس گِنڈِتھ۔ اقتصأدی استحصالُس چھِ بےشک گامس منٛز۔ موافق زمین میلان اوے اوس سماج واوٚدی انقلابس تنۍ پیٹھ شروٗع گژھن تہٕ کرِتھ تہٕ گوو نہٕ تہٕ کیاز زمانہٕ تہٕ زندگیہِ کھٕوٗدار بنہٕ لِس سِتۍ گیہِ استحصالچ شکل تہٕ پیچیدہ۔ استحصالچ پیچیدہ شکل ڈرامأنی استعارس

منز پیش کرنچ کوشش چھےٚ "ژ ُ نوو" وس منز کرنہٕ آمژ۔ چنانچہ ڈراما چھ باس مان
تہٕ دریٹھان صورتس تہٕ عملس کام ہیوان اَدکنۍ چھ اَتھ منز۔ استحصال مختلف شکلو باسو
تہٕ تارَو ییوان۔ تہٕ کرتھ تہٕ چھ آخرس تام مبہم روزان۔ تتھ چھ بییہ تہٕ واریاہ
رۄپ دارنس گنجایش باقے روزان۔ تہٕ چھ سانہٕ زندگیہ منز۔ پدرس ہدس پیٹھ
موجود۔ موضوع چھ سے مگر زوِیہ (موضوعس کُن لکھاری سند اپروچ) تہٕ نظر چھےٚ
مختلف۔ نظر چھےٚ جدید۔ ناٹک کار چھ یتہٕ وَنان زِ زندگی چھےٚ بے ثبات قلعلن
تہٕ قلاین منز تہٕ غار محفوظ خبر چھا کتین دِیہ یہ سرِ پھ لٹھ پھ۔ مزاح چھ اَتہٕ طنز ک
وۄلت (لیۄب) کرتھ یِی وَنان زِ چیزن ہندی ناو تہٕ صِفتھ چھنہٕ حتمی۔ متبادلچ
گنجایش چھےٚ ہمیشہ موجود آسان بلکہ وارِہن متبادلن منز۔ کانہہ اکھاہ ژارُن چھ
انسانہٕ سند لوگ لون۔

## رسمی زندگیہ ہنز پردکشائی

"ژ ُ نووکی" پاٹھی دیُت "حرم خانکی آن" کاشرس ڈرامس یہ اہم دیُت زِ پانس
پیٹھ، پننین نام نہاد سنجید انسانن ہنز بنیادی چارگیہ پیٹھ اَپہٕ ناوَن ودل ذریعے اظہار نیو
پتہٕ کارگر ہتھیار ناٹک کارہ سندِس اَتھس منز۔ "حرم خانک آنہٕ" چھ بیک وقت کاشر
بانڈ پاتھر، اُتر پردیشی نوٹنکیہ تہٕ گجراتی بوائی اسلوبہٕ کین لکہ تھیٹرہ کین اثرن تل لیکھنہٕ
آمُت۔ باضے لوژ بیانی OVERSTATEMENT تہٕ باضے گوب بیانی UNDERSTATEMENT
بتہٕ چھ یہ ناٹک رسمی زندگیہ تہٕ زندگیہ ہندین مسلن رلوأستہٕ حل ژھانڈنچ نہجہ دُبارسام
ہنس ترغیب دِوان۔ کتھ چھےٚ سوے پرانی راز تہٕ رانین ہنز، وزیرن تہٕ دربارن
ہنز مگر اپروچ چھ مختلف۔ راز چھ اُنس سوال بنتھ بُتھ لگان تہٕ حف ہیوٚ تتھ اپار
ییور ڈسِتھ ییوان۔ عام انسانہٕ سند قسمتھ گرن والی چھ پانہٕ تہٕ قلف بند بٹارن
منز تہٕ قلف کرن والی طاقتھ تہٕ چھنہٕ مطلق ABSOLUTE طاقتکو مالک۔ رسم بناون

داکہ تہٕ چھہ رسم بناوان تہٕ زندگیہ ہندِ المیہٕ ٹک وجہ تہٕ ذمہٕ دار انسان چھُ پانہٕ تہٕ رووُمُت۔
جدید سونچُک مُتھ شدید اظہار اوس ناٹکس منز پننہٕ قسمُک گوڈنیُک۔

ورگیہ تفاوتھ تہٕ انسانی لون۔

"سُیا" تہٕ "ژھاے" چھہ کاشرِ ڈرامچ ژٕ اہم میلہ کنہٕ۔ یہ چھُ قابلِ غور زِ دون مختلف لکھارین ہندین دون مختلف تحریکن تل لیکھنہٕ آمتی یم ژٕ ڈراما چھِ مُلہ تکہ زمانہ شناسی ہند اکوے تیور ہاوان۔ حالانکہ مُدرایہ چھکھ بیوٚن بیوٚن۔ دوشوے چھہ توارِیخس کاٹھکرس پیٹھ کنہٕ کھڑا کرِتھ شہادت تارٕناوان مُتھ ایٚہ پنُن زمانہ بہتر پاٹھی سمجھ ہیکہٕ یتھ۔ موضوعس کُن اُدی یہ تہٕ چھُ یمن بیوٚن۔ "سُیا" ہس منز چھےٚ اکس شخصہٕ ہندین ژمتکار کرنہٕ کین طاقتن پیٹھ پرٚتھ برٚان تہٕ "ژھایہٕ" منز چھےٚ یرتھ پرٚتھ اُبران۔ "سیا" ہس منز چھُ مرکزی ڈرامائی نوکتہٕ یہ زٕ نام نہاد نچہٕ ذاژٕ ہُند انسان ہیکہٕ تہٕ کرِتھ یہ ٹھدِ کوٚلو کتھ کتاکی کرنس یتن نہٕ۔ ڈراما نگارٕ سُند مفروضہ چھُ یہ کہ ٹھدی خاندانی ورگن چھُ سماج نیوٚکھس تل روٚٹمُت حالانکہ تمن چھُنہٕ لوٚنیمُ ورگ دبأوِتھ تھونہٕ علاوہ کینہہ مفاد۔ اَوٚ موکھ چھُ سماجُک ردکرنہٕ آمت طبقہٕ بروٚنٹھ انُن تہٕ رہبری تسٕی حوالہ کرنی۔ یمن طبقن رُ اُبروے واپس کرُن یُس یمن نیوٚمُت چھُکھ مگر یمکی حقدار یم چھِ، چھُ بے شک سون اُزیُک زندمسلہ مگر امیُک روٗپ آسہِ بدلوٗن۔ جدید نظر وول قلم کار اگرے ایٚہ مسلک لازم بنیاُدی، ابدی حل دِیہ یا حل پرٚاونُک دُتھ ہاوِ یا حل پرٚادنہٕ چن کوٗشش ہنز عمل تمہِ عملہٕ ہُند دُژھ یا تضاد امکانی صوٗرتحال یا مقدر DESTINY وِرٚتھناوِ، دِرٚتھنے ہیکہِ لافانی ادبی شاہکارس زنم دِتھ۔ "ژھاے" تہٕ چھُ اکِ حبابہٕ اکس معموٗلی سپاہہٕ ژٕندرسندین دسواسن تہٕ شکن وِرٚتھنے کران۔ حالانکہ اتھ منز چھہِ معجزہ راز للتادتس کُن منسوٗب کرنہٕ آمتی۔ یہ معموٗلی سپاہ تہٕ ہیکہٕ سماج کہِ یتھ کھورِ ورگک اُستھ مگر ڈراما نگار چھُنہٕ تتھ بیٹھ زور دِوان۔ زور چھُ یتھ بیٹھ کہِ لیسندین ژمتکارن

ہُند ماحول تیار کرنہٕ آمُت اوس تہٕندی حوٲری چھِ ژمتکارُک طٲبا بہٕ پھُٹراوان تہٕ بیلہٕ پرٛژھ
پھُٹان چھےٚ سو چھُنہٕ لوکٹِس تہٕ بڈِس "اصل ذاتس" تہٕ "کمینس" خاندانس تہٕ "ہنچس منز
کھنیٚ فرق کران۔ ژوواپٲری ولنہٕ آمُت شینہٕ طُفان چھُ اکی انمانہٕ سارنے وڈراوان۔
محال، موتھ تہٕ سوتیمژ زندگیہٕ ہُندِس شیطان واو کوندلس منز۔ پھسے مچ انسان چھِ اندرُونی
کشمکس تہٕ بیرُونی لاچاری منز ژُوان۔ یہ بے بروسہ گی تہٕ لاچاری چھےٚ ڈرامہس منز
گوڈ پیٹھہٕ آخرس تام موجود۔ کیمو سہٕنز نظر چھےٚ تواریخی پسِ منظرس منز۔ دراصل جدید
سوٚنچ لگہٕ ہٲری دِرژھناوان۔

## تواریخ جدید تشریح۔

"سیاہس" منز چھِ نتیجہٕ گنڈنہٕ تہٕ طے۔ یہ چھُ ڈراماچہِ عملہٕ منز شروٗع پیٹھہٕ آخرس
تام موجود۔ سیاہسنز ماجہِ تہٕ تسندس گورس چھِ برونٹھ پیٹھےٚ پے زِ یہ لڑکہ کرِ بڈِ تھ کانہہ
معجزٕ تہٕ لکن دیاوِ بو چھِ لنشہٕ نجات۔ تی چھُ سپدان۔ کانہہ مخالف طاقت یا کانہہ ناموافق
اِستھی SITUATION چھنہٕ سوایہ تمہِ لوبہٕ ایہِ خبر چھےٚ۔ "ژھاے" منز چھُ ڈرامٕہک
ڈراماے اِستھی ہُند جدلیات گوڈ پیٹھےٚ سرس۔ اکھ اند چھِ قدرتی قووتن تہٕ اسمانی
اشارن ہُند DEFINITENESS پیٹھ مستحکم پرٛژھ ییمیک شکار آخرس تم سپدان
چھِ۔ بیٚیہ اند چھِ معمولی سیاہن بروہہ کنہٕ سپاہ سالار تام ونان زِ راز ہسنز۔ قدرتی شکتی
ہُند ڈول اوس تمی وایہ نو ومُت۔ سپاہ سالارے چھُ رازس قتل تہٕ کران۔ یہ چھُ
نوٲریخس بدل تشریح دِنچ کوشش۔ تواریخی واقعہ بدلاونک سوال چھُنہٕ۔ واقعہ چھُ ضرور
یہ زِ "سیاہن" بچاوی کُلکھ سہلاب بُرٛزکرِ گرِ شھنہ لنشہٕ تہٕ للتادت مود شمالی مہمس منز کتھ تام
پاٹھی۔ دوشونی ڈرامہن منز چھِ مولہٕ واقعہس راچھ کرنہٕ آمُت۔ مگر دوشونی منز چھُ سلوک
الگ الگ تہٕ یہ بیٚنر چھُ سوٚنچن رُوِیہ تہٕ متعین گومُت۔ نو تشریح ہُند خطر چھنہٕ
"سیاہکی" لکھاری تکمُت۔ یہ اوسنہٕ ضروری زِ شہ ہاوِہے سیاہس کم۔ ور کردار مگر تہٕ

اوس ضروری زِ تہٕ کرِہے اَمہٕ کِردارچ پوٗرٕ پاٹھۍ و پرشھنۍ ۔ صرف روزِہے تہٕ بیٚین ہنٛدِ
تعریفن ہنٛدِس تاپس منٛز تھٔوِتھ شاوان ، پانس بروٛنٹھ کنہٕ ہیٚیہِ ہے پانس تہٕ سام بطور اکھ
انسان اکھ فرد بشر ۔

## پاتھِر ناٹوی ڈراما

لوٚن صابنۍ چھِ بیاکھ ڈراما "چارٕ پاتھر"۔ اَمہِ ستۍ چھُ اَتہِ تنان زِ ڈراما نِگار و آبہٕ
ووٚنۍ نوٚوِس تجربس باوتھ دِنہٕ باپتھ اظہارچہِ نوٚوِ وتہٕ ژھارنہٕ ہیٚژمژہ ۔ اَتھ کتھِ چھُنہٕ کانہٕ
شکھ زِ علی محمد لوٚن اوس بیٚنِس ریڈیو ڈرامہٕ وِکنہٕ تہٕ پَنِنہٕ موثر شخصیژ کِنۍ تہٕ بیٚیہ یمن
لِکھن والین ہنٛدِ خاطر ماڈل ۔ اَوے تہٕ گےٚ ڈرامہِ منٛز پاتھر زنگی یا پاتھر ناٹوی لِکھنہٕ
کُن نوٚن ڈراما نگارن رغبتھ پادٕ ۔ "چارٕ پاتھرس" منٛز چھِ ترٛےٚ کردار اکی وقتہٕ دوٚن
زندگین ہُند کردار متوازی بَکہٕ ناوان ۔ ناٹک کارُسُند مقصد چھُ زِ ALIENATION
پرٛژھنہٕ برک باس دِتھ کینژن ہم عصر مسلن کیو ابدی سوالن کُن سون ظوٗن پاوُن ۔ مرد
تہٕ زنانہٕ لول تہٕ وارُگ زندگی تہٕ موت چھِ تتھۍ مسلہ یمن آبِ حیاتچ واتس چھِ مگر جدید سوچن
دِتۍ یمن نوٚو معنے ۔ وجودی فلسفن ورژھنا و ابدیت تہٕ ژِہِ وادکُ مسلہ بدل پاٹھۍ ۔ خداے
ہنٛدِ آنگنہٕ آسنک تجربہ بوٚو اکی وقتہٕ فلسفیو بیوٚن بیوٚن طریقو تہٕ بیوٚن بیوٚن زبانن منٛز ۔ جدید
سوچن بیٚلہِ انسانہٕ ہنٛز مرکزی اہمیژ ے سوال کوٗر ، پیمانہٕ بدلیہِ ۔ چارٕ پاتھرس منٛز چھُ کردار
ونان ۔۔ سون وجوٗد چھُنہٕ کانہہ حقیقت باوان ۔ یہِ چھُ گُستانی ۔ … ڈراما نگار
تخلیق کران ۔ "تخلیق کار چھُ تقرین ولن ہیوٚ ژہتراونہٕ یوان یُس آدمس تہٕ حواہس رِلنس
تھوس انان چھُ یتہِ چھُ مانہٕ آمُت زِ دشمن چھُ پنُنے سوچ او موکھ زِ انسان چھُ
بذاتی اکھ نامکمل کردار یُس مِتی باقین نِش الگ تہٕ صرف پانس ہوٚوے چھُ ۔ پَنِنہٕ تواریخہٕ
تہٕ تنوظرِ نِشہٕ آزادیہٕ منٛزے چھُ اَمِس نجات ۔ یتھ کِنۍ چھُ یہِ ڈراما جدیدہٕ شعورکہِ سوچکُ
پے دِوان ۔

## پاتھرُک تخلیقی ڈویہٕ

اگرے کاشُر یوٚ ڈرامانگارو لکہ پاتھرکہٕ اسلوٗبُک اثردار ورتاو کرُن ہیوٚت اُتھ اوس نہ صرف یہٕ وجہ زِ امہٕ سِتۍ تل تموٗ پاتھرکہٕ جل مقبول گژھنُک فایدہ بلکہ یہٕ تہٕ زِ یہٕ چھ حقیقت پند چوکاٹھ سیٹجہٕ جہ حد بندی یہٕ منز۔ ممکن اوس تہٕ اوس لکہ پاتھر کس کھلہٕ ماحولس منز سہل۔ کیمو تہٕ لوآ ہندی پاتھٕ کوٚر سجوٚد سیلانی ین ( رہ یہٕ رؤد ) پُشکر بھانٕن مچامہِ بھٹن) محمد سُبحان بھگتن (دوٚیہٕ رنگ ) بیتر لکہ اسلوٗبُک کیہہ نہ کیہہ استعمال۔ یتھ ضمنس منز چھ یہٕ وُچھُن زِ یموٚ کریا لکہ پاتھر کہ ڈھلے یائی استعمال کیہہ موضوع عس کُن تخلیقی ڈویہٕ سِتۍ باسیوو یمن پاتھرُک پراکار تہٕ ساخت زیادٕ موزوٗن۔ مگر یہٕ بحث چھ الگ تہٕ کیازِ اَتھ بییہِ خیال کشمکش تہٕ سونچہٕ کھوتہٕ یعنے ڈراما کھوتہٕ تھیٹر زیر نظر تھوُن یُس سون مُدعا چھُنہٕ۔ نہٕ چھُنہٕ سون موضوع بحث۔

## ریاروٚس ڈوٚیہٕ

لکہ پاتھرس چھے بییو ڈرامائی رلوایتو نسبت جدید رُوٚیس سِتۍ زیادٕ قُربت۔ صرف ساختہٕ کنی نہٕ بلکہ موضوع تہٕ تھیمہ کنہٕ تہٕ۔ اَتھ ضمنس منز ہیکوٚ اَسی جدید ہندوستانی ڈرامہن منز بہج سازِ شخصیتن ہُند حوالہٕ دِتھ۔ مراٹھی وِجے تیندولکر ( گھاسی رام کوتوال) کنڈ گریش کرناڈ ( گری بُتھ ) بنگالی بادل سرکار ( پاگل گرٕ ) گجراتی مدھورائے ( کُنہٕ پوشُک ناوِ ہے) ہندی یُگ دھرم ویر بھارتی ( اذن زمانہٕ ) لکشمی نارائین لال ( گیٹہٕ شہر ) تہٕ سروِیشنو دیال ( ژھاوج ) درتوو لکہ ناٹکُک بے لاگ بے ریاکاری روٚس ڈوٚیہٕ تہٕ تھین انسانی رشتن تہٕ اندرُنی پُر رس دِژکھ دوٚنترھ یمن یاتہٕ اظہارے اوس مشکل یا تہٕ اوس ٹھاکھ۔ بانڈ پاتھر چھُ مصنوعی قایدہ پھٹراوُنس تہٕ کھلہٕ اظہارس گوڈ بران یہٕ چھُ تتھو سوال تہٕ تُلان یم EMBARRASSING اَستھ ہیکن۔ جدید مسلن ہُند اکھ وجہ چھُ تم اندرُٹی یمن اَکہٕ تہذیب ناو کوٚر مُت چھُ۔ سانی انفرادی کیو اجتماعی زندگی

چھنہٕ شفاف یُتھ اَپارٕم بیاری بوزنہٕ یِیہ۔ جذباتن ہُنداظہار چھہٕ اُسی موقعہٕ محلس تابع تھوان
نہٕ کہٕ فطری وِیکاسس۔

## کیموٗ تہٕ بانڈٕ پاتھرٕک سونچن ژوٗیہ

موتی لال کیمو چھُ بانڈٕ پاتھرکہٕ موضوعاتی رٗویہٕ تہٕ پیش کارِیہٕ ہٕندٕ اسلوٗبُک
دوٗشونی ہُند باشعورٕ تہٕ موثر استعمال کران۔ سُہ چھُ امہِ کِن کتابی تہٕ علمی امکانات
ہُند اکیڈیمک مطالعہٕ تہٕ کران تہٕ عملی ورتاو تہٕ۔ کاسٹرس لُکہٕ رنگس کردارن تہٕ پیش کاری
پیٹھ اُمُک مطالعہٕ تہٕ تحقیق چھُ سیٹھاہ اہم۔ کیموٗ ہس پتہٕ کوٗر کیتوباشعور لکھاریو تہٕ یِہ
فن کنہٕ نہٕ کُنہٕ رنگہٕ استعمال۔ یِمو منز چھُ فاروق مسعودی سُند "کالج پاتھر" رادھے کرشن
برارو سُند "ریشِہ وار" نثار نسیمُن "سِری پیٹھ" رتن تلاشی سُند حالس چھُ پرارُن "غلام علی
مجبورُن پاتھر چھُ جاری" وون گوو کُنہٕ کُنہٕ چھ جدید سونچن ژوٗیہٕ بدلہٕ جدیدیتھ بطور
فلسفہٕ ہیوٗ باسان آمُت۔ یِہ فلسفہٕ زِ تنہائی مولیوٗسی تہٕ نِم مرزہٕ منزے نیرِ اُزچہِ زندگیہِ ہُند
جواز حالانکہ حقیقت چھےیہ زِ یِم ہکن موجوٗدٕ کلچرل ہیتجان سمجنس اَکِہ مدد کٕرِتھ،
زندگی چھے ہمیشہ جواز ژھاران نوٚے نوٚے جواز۔

## بانڈٕ پاتھرٕک تخلیقی استعمال

"کالج پاتھرس" منز اگر ے تھیٹرکی ول نظر انداز کرِ وکھ لکھاری سُند یِہ مفہوم چھُ
صاف زانہِ چھ چیزن تہٕ رشتن ہٕنز خارجی صوٗرژ منزی تہٕ تِمن اپور ترِتھ نقلی
ٹھاب یِہ پھُٹراونٕچ مجبوری۔ واقف کار تہٕ بنہٕ وقتہٕ کِن ویدِن شخصن ہندی ناو دِتھ
تِم پیتھ نتیجس واتہٕ ناوتی زِ تِم چھِنہٕ تہٕ یِہ تِم آسُن یژھ ہان نہٕ چھ تہٕ یِہ تِمن ونہٕ آمُت
چھُ، چھُ بے شک یرزنتھ چہِ CRISIS ہُند اشارٕ دِوان۔ یژھ نتھ پڑاونٕچ کشمکش
روزِ پوسٹ ماڈرن ژس منز تہٕ موجوٗدٕ تہٕ وُنی کس تہٕ چھےیہ اونٕچ اکھ اہم تحریک۔
"چاری پاتھرُک" لکھاری چھُنہٕ ڈرامائی رسم پھُٹراوِتھ کانہہ درس دِیُن یژھان بلکہ

انسانی انتشارس زبو دِوان یُس تِس لُون چھُ۔ شاد رنسیمہ سُند "سرِ کِ پیٹھ" چھُ جسمانی تہٕ ذہنی ارتقاکہ ہموار قدرتی عملہٕ باوجوٗد زندگیہِ ہنٛز بُنیادی افراتفری ہُندِ پے دِوان یِمیُک وجہ اکھ بے وجہ تہٕ بے تشریح وونہٕ واراۓ چھِنے۔ رتن لال تلاشی سُند "حالس چھُ پرارُن" چھُ یتھ سوالس زِ رلوٗ ایتھ چھا صرف روٗٹ کران، بلکہٕ سوال کران تہٕ برژھان زِ مطلق آزادی چھا سارنے جدید دادبن دواہ۔ انسان چھُ تہٕ روزِ تہٕ بُنیادی طور کمزور ادموکھ ہنیکہ نہٕ امس ہمیشہ مُسلسل سوال بنتھ نجات میلتھ۔ "دوِیہ رنگس" منز چھِ کوشش یہ و پہنچ زِ مادی زندگیہ ہندین تقاضن برُون کرنہٕ کین طریقن ہُند موہ (امار) ہیکہِ انسانی کردارس نہکہ خیر۔ حدس تام عریان تہٕ ننگہٕ کرِتھ۔ "رنیشہ وار" چھُ ازکین حالاتن ہندس پسِ منظرس منز۔ انسانی رشتن ہندِ زندہ روزنُک سوال تُلان۔ یموٗ تہٕ یتھوبیوٗ ڈرامہو کوٗر بانڈ پاٹھرُک تخلیقی استعمال تہٕ جدید سونچ وُزنووکھ۔

## ہم کال حالاتن ہنٛز تشریح

یتھی تنوظرس منز چھُ کیموٗ ہندین "ڈکھ یِیلہٕ ژلن" تہٕ "شاہ پاٹھر" ڈرامہن ہُند ذکر ضروری۔ "لنتہٕ ہند سوال" (اختر) بڈشاہ (رہبر) "تُسیا" "ژھاۓ" یا "گاشہٕ نارکھ" (سجود) بیتر ستہٕ اوس تواریخی پسِ منظرس پیٹھ ڈراما لیکھنُک دس ووٗتھمُت۔ مگر عام پاٹھی اوس تواریخُک حوالہ معتبر مانتھ سہ نوٗ سر زندہ کرنہٕ آمُت نہ کہ تتھ ہم کال زمانہٕ کِس تنوظرس منز۔ نوٗو معنے دِنہٕ آمُت۔ "شاہ پاٹھرس" منز آو تواریخُک واقعہ اکہِ معاصر مسلہٕ کِس ضمنس منز۔ تتھے پاٹھی تہٕ یتھ پاٹھی "ژھاۓ" منز کیموٗ ہن سہ نیوٗمُت اوس۔ اَتھ منز چھُ ازکس تہٕ بڈشاہ ہندس زمانس منز۔ مشترکہ لوکتہٕ تہٕ منتوٗ ازی رکھ بد کڈنہٕ آمُت۔ مگر یہ چھُ "ژھایہ" لنتہٕ یمہٕ کنہٕ بیوٗن زِ یہ چھُ ناٹکس منز۔ ناٹکہ ڈسی پیش سپدمُت تہٕ ذریعہ چھُ بانڈ۔ سانہٕ ازکل کیو حالاتھ لنتہٕ تحریک لگتھ چھُ بانڈے ہم کال زندگیہ ہنٛز تشریح کرنس دس تُلان۔ پاٹھر چھُ تمن زندگی نہٕ تہٕ فن نہٕ۔ خراب

حالاتو کنٛ گیہ تمن یم دوٚ شوے بُنیادی وجوٗدکین سوالن منٛز تبدیل۔ یمن سوالن چھ تم پاٹھو کرِ ذریعہ جواب ژھانڈنٕچ کوٗشش کران یُس اکھ فطری عمل چھُ باسان۔ "ڈکھ ییلہِ ژلن" چھُ تِہندِ وجوٗدُک بیاکھ تہٕ زیادٕ اہم سوال پیٚدٕ کران۔ اتھ منٛز چھُ تواریخ ہم کال تہٕ اَزچھُن سِلسِلہٕ تہٕ۔ اکہِ ننٛدُن چھُ کاشُر آرکی ٹایپ ARCHETYPE تہٕ اَمی ڈٔسی چھُ ہم کال شرُکین معنے ژھارنٕچ کوٗشش کرنہٕ آمٕژ۔ معنے ژھارنچہِ اَتھ کوٗششہِ تہٕ پتھ چھےٚ مولہٕ تحریک درگٕہٕ پاٹھٕ تواریخچہِ شیخ العالمہٕ سُندِ یہِ فکرانگیز دیپُت "ڈکھ ییلہِ ژلن مندورِ ژسن" چھُ حالچہِ زندگیہ ہِندِس انتشارس بہتر تشریح کران باسان۔

## جدید کاشُر ڈراما چھُ فلسفہٕ نِشہٕ بُچھ۔

جدیدیت اگرے کاشرِس افسانس تہٕ شاعری منٛز کُنہٕ کُنہٕ قائب بند فلسفچ صوٗرت اختیار کران چھِ ڈراما چھُ کلہم پاٹھو اَمہِ نِش بُچھ۔ ڈرامہس منٛز چھُ جدیدیت بصوٗرت ژوٗریہٕ یُس مرکزی ڈرامایی ژہس ارتقاپہٕ دٔکھ کٔتھ ٹے کران چھُ تہٕ پلاٹ، پلاٹہٕ ژھر یہ PLOTLESSNESS کردار نگاری یا بے کردارٔ یتھ CHARACTERLESSNESS مشخص کران۔ یوٚدوے سٕہ ڈرامہٕ نگار فلسفچہِ پریشانیہ ولنہٕ ییہِ ہے تس روزِہے درس بازی ہنٛز کل۔ کاشُر ڈراما چھُ جدیدیتُک یا اَمہِ پتہٕ کُنہٕ فلسفکُ مبلغ بننہٕ نِشہٕ بچان۔ یہِ چھُ اَمہِ چہِ زندگی ہنٛز ضمانتھ۔ وۄں گوٚو اگرے اَتھ سٹیج تہٕ بافت آسہٕ ہے تیلہِ ییہِ ہے یہِ ژوٗزہٕ بٔرتس ژہس زیادٕ نَکھٕ تہٕ زیادٕ مصدقہٕ بنِہ ہے۔ ییٚتہٕ سٹیج اوس تہٕ کاشرِس ڈرامہس اَتھ ژٔلس آو تہٕ کوتاہ پھانجھلیوو یہِ تہٕ کٲتیاہ ہم کال معنے دِتن تہٕ چھُ حالے دِلہِ منٛز۔ "ڈکھ ییلہِ ژلن" ہنٛز "بھانڈ دُہائی" ناوٕ ہندی ترجمہٕ جرِیتھ کٔتھہٕ ہاوِتھ دیمُت۔

●

# ٹی، وی ڈراما کیاہ گوو؟

فاروق نازکی

ٹی، وی ڈراما گوو کیاہ؟ اَمہ سوالُک جواب دِنہٕ برونٹہہ چھےٚ یہِ کتھ ورٕژھناوٕنۍ لازِم زِ ڈراما گوو کیاہ؟ ڈرامٲٹک فن چھُ ادبُک اکھ حصہٕ۔ مگر یہِ ڈراما ہیکہٕ نہٕ توٚتام بحیثیت اکھ صنف قایِم روٗزِتھ، یوٚتام نہٕ تھیٹرکہِ ذریعہ تماشہٕ بینَن تام یا وُچھن والین تام واتہِ۔ مطلب غرض چھُ یہِ تماشاییٚن پیٚٹھ چھےٚ ڈرامٲٹک جُزٕ وِ اکبر۔ اسٹیج ڈراما چھُ ابتدا ہس منٛز ترٛین کتھن ہُند مطالبہ کران۔ ڈایلاگ، گِندن گرٕی نہٕ وُچھن وٲلۍ۔ ڈراما لیکھن وول چھُ ڈایلاگہٕ ذریعہ، ڈرامہٕ ٹک ہدایت کار چھُ کردارَو، ساز و سامانہٕ (STAGE PROPERTY) نہٕ اسٹیج چوٚ دوٚیمیو اہم ضروٗریاتوَ ذریعہ تماشہٕ بینَن ستۍ پننُ راٲبطہٕ قایِم کران۔ دُنیہس اندر یُس فن وُنی کیٚنہ ڈراماکِس صوٗرتس منٛز دُستیاب چھُ، تمیُک بُنیاد چھےٚ یوٗنٲنۍ نہٕ ہِندوستٲنۍ سنسکرت ڈرامایُس آنہٕ روٗستس سرمایس پیٚٹھ قایِم نہٕ دایِم چھُ۔ یوٗنٲنۍ ڈرامٲٹک کرٕنز یعنے STRUCTURE چھُ ترٛین وَحدتن پیٚٹھ دٔرِتھ۔ وحدتِ خیال، وحدتِ عمل نہٕ وحدتِ زمان یعنے UNITY OF THOUGHT, UNITY OF ACTION نہٕ UNITY OF TIME۔ یمن ترٛین وحدتن ہِندِس بُنیادس پیٚٹھ چھےٚ داستان قایِم سپدان تیمِک

پلاٹ ڈٕرِتھ روزان۔ اکھ تھیم بارسَس یِوان۔ داستانہٕ یا کہاًنی اکھ ارتقا سپدان تہٕ اَکس

کلائمیکسس کُن ڈرامہس پکہٕ ناوان۔ روایتی ڈرامہن منز چھُ مرکزی کردار یعنے ہیرو، ہیروینہٕ

ہُند تصور سیٹھاہ قدیم۔ یِم دۄنوے کردار چھِ زندگی ہندِ کُنہٕ خاص موضوعچ باوتھ کران

تہٕ یمن سٟتی وابستہٕ کردار یعنے SUPPORTING CHARACTERS چھِ اَمہِ موضوعکی مایاتی معاملات

واضح کرنس منز مدد دِوان تہٕ ڈرامہس اندر اکھ تیُتھ فضا پاَدٕ کران، ییٚلہِ زندگی ہنز تصویر

کشی کرنس منز مددگار ثابت سپدِتھ، ڈرامہس حقیقتس یا پزرس تام واتنس منز کارگر گژھان

چھُ۔ یِہ پزتھ جان تہٕ معیاری ڈرامہس منز چھُ کردارن ہندِس انفرادیتس پیٹھ زور دنہٕ یِوان۔

یعنے پرتھ کانہہ کردار گژھِ زبانی سٟتی، کتھ باتھ ہندِ تکہٕ تراوِ سٟتی، طور طریقو سٟتی، وطیرہٕ سٟتی، پلوو

دٔلوو سٟتی، حرکتو سٟتی، پنٕنۍ انفرادیت قایم کرُن تہٕ تمہِ کردارچ نمایندگی کرُن، ییٚمیُک رٕ نقل

آسان چھُ۔ اَمہِ سٟتی چھِ یِہ کتھ تہٕ صاف سپدان زِ کردارن ہُند تعلق گژھِ کہاًنی ہندِس

بُنیادی ڈانچس سٟتی براہِ راست آسُن تہٕ سُہ کردار یُس نہٕ کہاًنی سٟتی براہِ راست تعلق آسہِ چھُ

ڈرامہکس تاثرس نوقصان واتناوِتھ ہیکان۔ کہاًنی اندر شامل کردارن ہُند تعلق بدکنہٕ

باپتھ چھُ یِوان ابتداہس منز کہاًنی ہندِس منظر واضح کرنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ چھِ واقعات شروع

سپدان تہٕ پتہٕ اَدٕ CONFLICT یا تناو پاَدٕ سپدان، پتہٕ چھُ کردارن ہُند باہمی تصادُم

یِوان بارسَس۔ اَمہِ ٹکراوِ سٟتی چھُ پرتھ کانٕسہِ کردارُک اصلی چھوٗت کرُن نۄن نیران

تہٕ یوٗنانی ڈرامہس منز چھُ ڈرامانیکی تہٕ بدی ہُند جنگ یتھ اندر انجام کارٕ نیکی زیِنان تہٕ

بدی ہاران چھُ۔ جان کردارن ہُند جر، پزر تہٕ سزر چھُ، خراب کردارن ہندِس کھوچرس

تہٕ بدی پیٹھ غالب سپدِتھ دیوتاہن ہُند شکرانہٕ کران تہٕ یتھ کنۍ چھُ پاٹھ اَنٕد واتان۔

ارسطوہن دیُت کلاسکی ڈرامہس منز وحدتِ زمانُک تصور تہٕ اَتھ آیہ واریاہ

تاویل کرنہٕ تہٕ عام خیال چھُ زِ ارسطو ہند یو اصولو موجوب گژھِ اکھ ڈراما ۲۴ ہن گانٹن

منز مکمل سپدُن۔ چونکہ وحدتِ عمل تہٕ وحدتِ زمانُک تصور اوس یوٗنانی ڈرامہس

منز موجود، تۄہے سپد اتھ اندر وحدتِ مکانُک تصوٗر تہٕ شامِل ۔ ارسطوٗ چھُ بوطیقاہس منز
المیہ ڈرامہُک فن یِتھ کٕنۍ وٕژھناوان ۔
" المیہ (ٹریجڈی) چھُ اکہِ تیتھہ کارنامُک نقل ۔ یُس اہم آسہِ ، مکمل آسہِ تہٕ مناسب
پاٹھۍ طوٗل آسہِ ، یتھ شوٗبہٕ دار زبانۍ منز باوتھ کرنہٕ آمٕژ آسہِ ۔ یُتھ زن سُہ بوزتھ ذہنی
مسرت حاصِل سپدِ ، مگر دردمندی تہٕ دہشتکو منظر بارسس انٕنہٕ پتہٕ ہیکہِ امہِ قسمہ کین
ذہنی ہیجانن اصلاح تہٕ کٔرِتھ تہٕ تربیت تہٕ ۔" غرض یوٗنانی ڈراما اوس ارسطوہندِ وقتہٕ
اُکِس تیتھ منصبس پیٹھ ووتمُت ، یِیتہِ سُہ سماج ، زندگی تہٕ انسانٕنکہِ اصلاحُک اکھ
ذٔریعہِ تسلیم کرنہٕ آمُت اوس تہٕ ترٛین وحدتن ہندیُس زال ڈرامہس اندی اندی وہرانہٕ
آمُت اوس ، اَمیُک مُدعا اوس ڈراما حقیقتس سیٹھاہ نزدیک تھاوُن تہٕ یُتھ کانہہ
واقعہ نہٕ ڈرامہس اندر شامِل کرُن یُس خارِج از امکان باسِہے ۔

ژوٗرِمہِ صدی اندر چھُ یوٗنانی ڈراما کامیڈی کُن یوان ۔ امہِ دورُک بایہٕ بوڈ
ڈرامانگار ، ایرسٹوفینز چھُ بٔنِس دورِس پیٹھ زبردس نوکہٕ چینی کران ۔ روایتی تہٕ اساطیری
آوازن ہنز جایہِ چھےٚ سماج تہٕ امچہِ پیچیدگی وُتھ لبان — مغربس منز رۄد ڈراما یوٗنانی
ڈرامہس نِشہٕ فیضان حاصل کران تہٕ واریاہ سٕنی وہ گیہ پراوان ۔ رۄمانی تحریکُکی بایہٕ
بٔڈی ڈرامانگار شیکسپیر ، وکٹر ہیوگو تہٕ گویٹے چھہِ گوڈنچہِ لِٹہ ترٛین وحدتن ہندس تصوٗرس
انکار کران تہٕ خیالس ستی ستی چھہِ تمہِ ڈانچس اندر تہٕ تبدیلی ہندی تجربہٕ شروٗع کران ،
جُزوی پلاٹ تہٕ جذباتن ہنز رنگارنگی چھےٚ تِمن ڈرامہن منز شامِل سپدان ۔ پتہٕ چھُ
عالمی تھیٹر واریاہ کاڈ کڈان ۔ ڈراما چھُ رنگس پیٹھ رنگ بدلاوان ۔ دُنیہُک کانہہ حِصہ
چھُنہٕ ڈرامانِشہِ خالی رۄدمُت ، کانہہ زبان چھنہٕ امہِ عظیم فنہٕ ورای بروہہ پکمٕژ ۔
ازکل ییلہ زن ABSURD تھیٹر یا THEATRE OF ABSURDITY
ہنز کتھ چلان چھےٚ ۔ تمہِ ستی چھےٚ یہے کتھ واضح سپدان زِ زندگی ہنز بیشتر پُراسرار

تہٕ کھُری دار بنان چھے، ڈراما چھُ تیوٗت تیوٗت اَتھ پیٚتھ پکان۔ ڈراما چھُنہٕ کُنہٕ دوٗرس منز
زندگی نِشہٕ الگ روٗدمُت تہٕ اظہارُک یُس بہٕ کانہہ نوٚو ذریعہ آدمن تخلیق کوٚر، ڈرامہن
رٕٹ تتھ منز سرس جاے۔ وُہمہٕ صدی کوٚر اظہارُک اکھ ہوش رُبا ذریعہ ریڈیو ایجاد۔
یتھ منز ڈرامہن پننی ہندی ٹھہراوی تہٕ بنُن وجوٗد کرنوٗن تسلیم۔ ریڈیو چھُ آوازِ ہندِ
ذریعہٕ تم تمام ضروٗریات پوٗرٕ کرنٕچ کوشش کران روٗدمُت، یم اسٹیج ڈراما باپتھ
ضروٗری چھِہ۔ اَمہٕ پتہٕ آو ٹیلی وِجن بارسس تہٕ اَمی کوٚر ٹی وی تھیٹرُک تصوٗر بیٚش تھیٹر
ڈرامہس منز یہ کینژھا اوس، تہٕ ہیوٚک ٹیلی وِجن ڈرامہن زیادٕ آسانی سان قبوٗل کرتھ
ہتیاز آوازِ ستی ستی آیہ شکل تہٕ بوزن وٲلِس تہٕ وُچھن وٲلِس بروہہ کنُن۔ ووں گوو تھیٹر
چھُ سہہ سمتی THREE DIMENSIONAL میڈیم تہٕ ٹی وی چھُ وُنہٕ تہٕ دوٗ سمتی یعنے
TWO DIMENSIONAL میڈیم گنزراونہٕ یوان، یہ چھُ اکھ بحث طلب معاملہ
روٗدمُت تہٕ ماہرن ہُند اکھ گروپ چھُ دیان زِ ٹی وی تہٕ چھُ بہرحال اکھ سہہ سمتی میڈیم۔

یہ سوٗے پس منظر واضح کرنہٕ پتہٕ کرہ بہٕ توہہ بروہہ کنہٕ ٹی وی ڈرامہچ وضاحت
کرنٕچ کوشش، یہ کتھ گژھہ یاد تھاوٕنی زِ ٹی وی ڈرامہکی مطالبات تہٕ چھِ تمے
یم اکِ سٹیج ڈرامہکی مطالبات آسان چھِہ۔ وَیٚتھ پوٚتھ فرق چھے صرف یہ زِ اسٹیجس پیٹھ
چھُ اداکار، وُچھن وٲلِس بروہہ کنہٕ سہ ثبوت موجوٗد آسان تہٕ ٹی وی ڈرامہس منز چھُ
تمُنٛد عکس تس بروہہ کنہٕ اداکاری ہندی جوہر ہاوان۔ داستان، پلاٹ، کردارن ہنز
باگے، لباس، ساز سنگار، سیٹ، لایٹ تہٕ حرکت یعنے MOVEMENT یم تمام چیز
چھِ اسٹیج تہٕ ٹی وی ڈرامہس منز مُشترک۔ اکھ برطانوی ٹی وی ڈراما نگار DANNIS
POTTER چھُ ہنا ظریفانہ اندازس منز ٹی وی ڈراما یمن لفظن منز وَرتھاوان۔

THE TELEVISION PLAY HAS OFTEN BEEN
SCORNED AS NEITHER FLESH NOR FOWL NOR GOOD

RED HERRING. IT CAN BE A METICULOUSLY PHOTOGR-
APHED STAGE PLAY, COMPLETE WITH PARTING THE
RUSTLE OF CURTAINS AND LITTLE GLOBULES OF
SWEAT UNDER THE MAKE UP. IT CAN BE A CRABED
AND SHRUNKEN FILM MADE WITH THE SORT OF
BUDGET MORE APPROPRIATE FOR A FRUITE GUM
COMMERCIAL, WHERE THE LIGHT DOSN'T QUITE
MATCH AND "MOVEMENT" IN THE BIG WIDE WORLD
CAN BE REDUCED TO A COUPLE WALKING HAND IN
HAND DOWN A CITY STREET WHILE A POP RECORD
YAMMERS IN THE BACKGROUND. SINCE YOU DON'T
EVEN PAY YOUR MONEY TO TAKE YOUR CHOICE, THE
DEFINITION IS PERHAPS JUST AS WELL, SINCE
T.V. PLAYS SO PLENTIFUL AND OFTEN SO UNAMBI-
TIOUS, DONOT GET AND SCARCELY DESERVE THE
KIND CRITICISM WHICH CAN EVEN BEGIN TO
GRAPPLE WITH GENERIC ELUCIDIATION. NOBODY
CARES VERY MUCH.

ڈینس پوٹرن یۆدوَے بَڈ ظریفانہٕ طرٖیقٕس پیٹھ کتھ کرٕمژ چھےٚ۔ مگر اَمہِ ستٕۍ
چھےٚ کینژن اہم نوقطن ہِنز وضاحت پیدان۔ مثلن امریکہ ہِچ تہٕ یوٗرپٕچ سو
سوسایٹی ییتہِ زن ٹی، وی ورأے سماجُک تصور تہٕ ناممکن چھُ، چھِنہٕ ٹی، وی ڈراما

لِنہٕ مُطمین تہٕ تِتہٕ کہِن تنقید نگارن ہِندی خیالات چھِ لگ بگ تتھی یِتھو سانِہن تنقید نگارن ہِندی چھِ، یِمو حال حالے ٹی، وی کِس دُنیہس منز پٔدی تراوِی مِتی چھِ۔

دوٚیِم اہم کتھ چھےٚ یہِ بارسس یِوان زِ ٹی، وی ڈراما چھُ سٹیج ڈراما۔ مگر اَتھ اندر گژھہِ اعلیٰ معیارچ فوٹوگرافی یتہِ آسنۍ تہٕ ناقص فوٹوگرافی ہیکہٕ ٹی، وی ڈراما کُنہٕ تہٕ صوٗرتس منز برداشت کرِتھ۔ اَتھ منز تہٕ چھےٚ میک اَپس سوے اہمیت یوٚیہ اسٹیج ڈراماہس منز چھےٚ۔ لایٹ چھےٚ اَتھ منز بُنیادی حیثیت تھاوان۔ اَمہِ علاوٕ چھُ ڈینس پورٹر یہِ اہم کتھ تہِ وَرتھاوان زِ ٹی وی چھُ بذاتی کلوز اَپُک میڈیم تہٕ یمہِ سانہِ اَتھ اندر آسی فلمہِ ہِندی پاٹھیٚ لانگ شارٹ استعمال کرنچ کوٗشش کران چھِ، تمہِ وِز چھُ اَسہِ دوٗن باژن ہندِس کُنہِ بارس منز یکہِ وٕٹہٕ بکِنس تام فضا محدوٗد بیوان کرُن۔ اَمیک وجہ چھُ یہِ زِ ٹی، وی سکرین چھُ سِٹھاہ لوکٹ آسان تہٕ اَتھ اندر چھنہٕ تمہِ تفصیلہِ لانگ شارٹہٕ ذٔریعہٕ ہاوُنہٕ یِوان، یِم اَکِس فلمہِ منز ہاوُنہٕ ییتھ ہیکن۔ یوٚہے چھُ سُہ اہم موڑ یتھ نِس ٹی، وی ڈراما فِلمہِ، ریڈیو تہٕ سٹیج ڈراماہ نِشہٕ الگ وَتھ اختیار کران چھُ۔ ریڈیوس اندر چھُ صوتی تاثر تہٕ SOUND PERSPECTIVE مختلف معاملات واضح کران۔ سٹیجس پیٹھ چھُ کردارن ہنز حرکت تہٕ پیش کارٕی ہندی بیوٗن بیوٗن اوٚسلوٗب تفصیلاتن ڈٔل دِوان۔ مگر ٹی وی سکرینس پیٹھ کردار پیش کرنُک بہترین تہٕ بااثر طریقہٕ چھُ کلوز اَپ یعنے کردارٕ سِنٛد بٔتھیُک مکمل فوٹو۔ اَمہِ پتہٕ چھےٚ ٹی، وی ڈراماہس منز حرکت یعنے ــــــ موٗمنٹچ تعریف بلکُل بدلان۔ اداکارن ہِندی حرکات تہٕ سکنات چھِ گوڈے کرنہٕ یِوان۔ اداکارہِ سنز اہم حرکت چھےٚ کلوز اَپہٕ کہِ ذٔریعہٕ سکرینس پیٹھ یِوان۔ یِم فنی ضروٗریات پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ چھُ ضروٗری زِ ڈراما نگار گژھہِ ٹی وی میڈیمچ تکنیک زانن وول آسُن، تس گژھہِ یہِ خبر آسنۍ زِ سُہ یمہِ میڈیمہ باپتھ لیکھان چھُ تمیُک تقاضہٕ کیا چھُ۔

ڈراما لیکھن والیس چھےٚ بنصف مشکل تمہِ وِزِ دوٗر گژھان، ییلہِ تس ڈرامہ ہکِس پروڈیوسر

ستی، مکمل ذہنی ہم آہنگی آسہ۔
یتھ کنہٕ فلمہٕ ہند باپتھ اکھ جان کہانی بُنیاد بنان چھےٚ، تتھےٚ کنہٕ چھےٚ اکہٕ ٹی، وی ڈراما باپتھ تہٕ اکھ جان تہٕ زوٗر ہتہٕ دار کہانی، اُمچہٕ کامیابی ہنز ضمانت ثابت سپدان۔ البتہ شرط چھُ اتھ کہانی ٹی، وی ڈرامہک رنگ روٗپ بخشُن۔ یُتھ زن یہ میڈیمس ہنز وسہٕ تہٕ ٹکنیک کین تمام زاوی جارن ستی ہمسری کرِتھ ہیکہٕ۔ فلمہٕ ہنز کہانی یمہٕ وِز تہٕ ٹارہٕ لوان چھےٚ، تمہٕ وِزِ چھےٚ محض اُکس افسانوی فارمس منز آسان۔ تمہٕ پتہٕ چھُ اتھ اکھ سکرین پلے بنان تہٕ پتہٕ اکھ TREATMENT سِکرپٹ، گوڈنکہٕ زچیز چھُ لکھاری تہٕ ڈایریکٹر رٕلتھ سٕمتھ کران تہٕ TREATMENT چھُ صرف ڈایریکٹرُ سند منصب آسان۔ ٹی، وی ڈرامہس منز چھُ ڈرامانگار کہانی ہُند خاکہ تیار کرِتھ یہ مختلف سینن منز باگراوان۔ پتہ چھُ اَد ستوری بورڈ کہ ذریعہ پروڈیوسر اتھ TREATMENT دِوان۔ ستوری بورڈ چھُ دراصل ٹی، وی پروڈیوسر سُند TREATMENT چارٹ آسان۔ اگر ڈرامانگارن ڈائیلاگہ علاوٕ ڈراماکین تمام ضروریاتن پیٹھ نظر آسہٕ تھومُت، تیلہٕ ہیکہ پروڈیوسر سکرپٹس ستی زیادٕ جان پاٹھی انصاف کرِتھ۔ تفصیلات تہٕ جُزیات یوٚت زیادٕ واضح آسن کرنہٕ آمتی، تیوٚت چھُ ڈراما زیادٕ شوبہ دار گژھان۔
اکھ کتھ گژھہِ یاد تھاوٕنی زِ کانہہ تہٕ سٹیج یا ریڈیو ڈراما ٹی، وی باپتھ تکنہٕ وِزِ گژھہ یہ میڈیم کہو تقاضو موجوب نوٚ انمانہٕ لیکھنہٕ یُن، نتہٕ چھُ یہ بے وٹھہٕ پاٹھی ٹی، وی یس پیٹھ نموٗدار سپدان۔ وارِیاہ ریڈیو ڈراما چھِ ٹی، وی یس پیٹھ وٲتتھ ناکام سپدان۔ وجہ چھُ اُسی چھِہ تم تتھی فارمس منز ٹی، وی یس پیٹھ پیش کران، یتھ فارمس منز تمہٕ ریڈیوہس پیٹھ بوزنہٕ آسان چھِہ۔ ساینن وارِیاہن ڈرامانگارن چھِہنہٕ ٹی، وی ڈراما لیکھنہٕ وِزِ ریڈیو ڈرامہچ گرفت یلہٕ گژھان۔ مثالے اکھ ڈراما گوو مےٚ کیہنہ کال برونہہ نظرِ، تتھ اندر اوس اکھ ڈرائنگ روم —— یتھ اندر ترےٚ کردار آسی۔ زٕ بارٕ تہٕ نوکر۔ سین اوس یتھ کنہٕ: زنانہٕ صوفس پیٹھ بہتھ۔

مرد کمرس منز ووٚدٕنۍ

اور ژاو نوکر ژٔرِ اندر زٕ پیالہٕ تہٕ چایہٕ کیتلی ہیتھ

زنانہٕ : ماما ۔ اتھ منز کیہو چھےٚ ؟

نوکر : چاے حضٕ بیگم صاؔب ۔

زنانہٕ : اَدٕ تھَو یتھٕ ۔

مرد ۔ ( زنانہِ کُن پھیرِتھ ) اچھا چاے وآژ پھرِ وتیلہٕ داماہ ۔

توٚہی اگر دارِ سٔنو یہٕ چھُ اکھ ریڈیو سین ۔ یتھ منز چوٚنکہ وُچھن وول چاے وُچھان چھُنہٕ ۔ کیتلی تہٕ پیالہٕ نظرِ گژھان چھیسٕ ۔ اسلئے چھُ کِردار ڈائیلاگ کِہ ذٔریعہِ تمام چیزن ہندی ناوہٕ ہنس پیٚٹھ مجبوٗر ۔ پیالس منز چمچہٕ ہلاوُن ضروٗری ۔ یُتھ زن صوتی تاثر میلہٕ تہٕ سین گژھِ قائم ٹیلی وِژنس پیٚٹھ سین یتھ کنۍ پیش کرُن گیہِ لیکھن وآلس کیو پیش کرُن وآلی ہنز خام کآری ۔ تکیازِ یُس چیز دیدہ مان سپدان آسہِ ، تمیک ذکر کرُن چھُ غآر ضروٗری ۔ ٹیلہ وِژنہ باپتھ ییلہِ لیکھآرس یوٚہے سین لیکھُن آسہِ ، سُہ لیکھِ صرف سینک DISCRIPTION تہٕ ڈائیلاگ تھاوِ بالایہ طاق ۔ البتہٕ یُتھےٚ چاے چوان کانہہ SITUATION ووٚتلہِ سُہ کرِ اَدٕاہ VISUALISATION رٕتہٕ تہٕ اَدٕاہ ڈائیلاگہٕ رٕتہٕ بیان ۔ سانین اکثر ڈرامانگارن چھُ ڈائیلاگ وُنہِ تہِ ٹی ، وی ڈرامہُک بُنیادی عنصرُ باسان ۔ یہٕ چھُ دراصل ریڈیو ڈرامہُک سُہ اثر یُس یِتہٕ مشوٗلگ بگ ۳۵ ہو وٚری یو پیٚٹھ تمن پیٚٹھ غالب رُودمُت چھُ یتھ ورک شاپس منز موجوٗد لِکھآری ہیکن اتھ سِلسلس منز سیٹھاہ مُفید کآم کٔرِتھ ، تمن چھُنہٕ وُنہِ ریڈیوُک یا سٹیجک کانہہ اثر ۔ اس لئے اگر تمہٕ ٹی ، وی ڈرامہس دِس تُلن ، تیہنز کوشش آسہِ ساڈ دوار تہٕ سرتاز ، پرسیتھ کنہٕ بنتہٕ آزاد' ــــــ ٹی ، وی ڈراما لیکھنہٕ وِزِ یِنہٕ کینٹن کتھن

ہُند خاص پأٹھۍ خیال تھاوُن۔

ٹی وی ڈراما چھُ اکھ عوأمی رأبطُک میڈیم۔ اَتھ چھےٚ وُچھن وألِس سٟتۍ اکھ COMMUNICATION آسان۔ اَکھأرۍ ییلہِ ٹی۔ وی باپتھ لیکھہِ تس پزِ وُچھن وول مدِ نظر تھاوُن۔ ییٚنۍ کتھ تہٕ پأٹھۍ باوٕنۍ یتھ زَن بوزن وألِس کردارن ہُند، تہندِ بوٚنت منظرُک تہٕ کلٲم ڈرامہُک مُدعا تہٕ مقصد کنہِ تہٕ صورتس منز یِروٚ نہٕ کُنہِ یِیہِ۔

مطلب چھُنہٕ زِ ڈراما گرٕژھہِ لابُدی کرٕنۍ خاندأنی منصوبہ بندی، رشوت ستأنی خلاف نارہ بأزی یا داج دیٚنَس خلاف جنگ کرنُک پأغام آسُن، بلکہ یہ کینژھا ڈراما لیکھن وول وَنُن یژھان چھُ سُہ گژھہِ واضح تہٕ ٹاکارہٕ آسُن ــــ کانہہ تہٕ مشکل کھوتہٕ مشکل فارم آسی تن مگر ڈرامہس منز چھےٚ اکھ MESSAGE ضروٗر آسان تہٕ یہ کأنسہٕ تام واتناوٕنۍ چھُ ڈراما نگارُنْد فرض منصبی۔ اگر ٹی۔ وی ڈراما نگار اَتھ منز ناکام سپدِ، سُہ چھُ ییلہِ ناکام ڈراما نگار، ــــ تجربأتی ڈرامہن منز کتھ چھےٚ وَکھ۔ مگر تجربہ چھُ وَنان زِ عام فہم تہٕ صاف اندازٕس منز یم تہٕ ٹی وی ڈراما ازتام ہاوٕنہٕ آے، تِم روٗدۍ کامیاب تہٕ کھرۍ دار تہٕ موضوعاتی تکنیکس منز یم تہٕ ڈراما ہاوٕنہٕ آے، تِم گےٚ نہٕ عوامس منز مقبوٗل ــــ میڈیم چھُ بیاکھ باپتھ وُنہِ واریاہ نوٚو، توے پزِ اَتھ گوڈٕ وُچھن وألۍ سُند مزاز تیار کرُن۔ یتھ تیتھ ڈراماہٕ یِن یتھ منز تس بینہِ زندگی ہندۍ خولہٕ خط واضح پأٹھۍ لبنہٕ یِن تہٕ تس باسہِ ییٚنۍ پان ڈرامہُک اکھ حصہٕ۔ ڈرامہکۍ واقعات تہٕ کردار گرٕژھن زندگی تیٚتۍ نزدیک آسنۍ زِ وُچھن وألِس باسہِ زِ تِم چھِ تسندِ شخصیتکۍ واریاہ خأمی خانہٕ پُرناوان تہٕ واریاہن گٹھن گاشراوان۔ یہ ہیکہِ تیلی ممکن سپدِتھ ییلہِ زن ڈراما نگار ٹی وی ڈراما چِ بصری تہٕ سماعتی ضروٗرتو نشہٕ واقف آسہِ۔ اگر ڈراما نگار کیمرہ، مائیکروفون تہٕ لایٹ ہندین نوقطن سٟتۍ، سُہ ہیکہِ سکرپٹس منز اکھ انقلاب پاد کرِتھ۔

ڈراما لیکھنہٕ باپتھ گرٕژھن یم کتھ تہٕ یاد تھاوٕنہٕ!

۱، سین گژھن ژھوٚٹۍ آسنہٕ۔ زیٹھۍ سین چھِ ٹی وی ییٚس پیٹھ کھران۔

۲، سینَن منٛز تقسیم کرنہٕ وِزِ گژھہ ڈرامانگار یہِ کتھ واضح کرُن زِ دوٚیمہِ سین گژھیا کردارن ہنٛز حرکژ پیٹھ شروٗع سپدُن، کِنہٕ ڈائیلاگ ختم گژھتھ تمہِ کِس ٹُکرکِس ڈائیلاگس پیٹھ۔

۳، موسیقی ہُند استعمال تہٕ SITUATION باپتھ موسیقی ہُند واضح تصوُر۔

۴، ڈراما کتھ اسٹوڈیوہس منٛز ییہِ کرنہٕ۔ تتھ منٛز کیا تکنیکی سہوٗلیات چھِ۔

۵، سہوٗلیات مدِ نظر تھاوِتھ ڈرامہٕک تھیم ژاڑُن۔

سہوٗلیات تہٕ اسٹوڈیوہکہِ دُسجارُک ذکر کران ییوٚد مےٚ یاد۔ بہٕ اوسُس جرمنی منٛز ٹی، وی ٹریننگ کران۔ اسٹوڈیو ہیمبرگس منٛز اوسُس بہٕ اُکِس کمرشل ڈرامہس منٛز آسٹریلیا کِس مشہوٗر ٹی وی ڈراما ڈائریکٹر ہرمین لاٹٕرس سِتیٚ بطور اسسٹنٹ کٲم کران۔ ڈرامہس اوس ناو" ناخ بارن" یعنے ہمسایہ تہٕ اتھ اندر آسۍ زٕ مشہوٗر و معروٗف اداکار کٲم کران۔ پیٹر اسٹونوف ( PETER USTONOV ) تہٕ ہنس رومان (HANS ROMANN) سٹوڈیو ہیمبرگکۍ مینجرن ہوو ڈائیریکٹر ہرمین لاٹرس سُہ اسٹوڈیو یُتھ اَتھ ڈراما رِکاڈ کرُن اوس۔ ڈائیریکٹرن کوٚر اسٹوڈیو پسند۔ مگر ییمۍ ڈرامانگارن یہِ ڈراما لیوٚکھمُت اوس۔ تمۍ کوٚر یتھ نہٕ ہس پیٹھ اِنکار زِ تمۍ ییمہِ ساعتہٕ ڈراما لیکھنُک فیصلہٕ اوس کوٚرمُت، تمۍ اوس بدل سٹوڈیو زیرِ نظر تھوومُت۔ آخر کار پیٚو فیصلہٕ زِ ڈراما یِیہِ تتھی سٹوڈیوہس منٛز رِکارڈ ییُن زیرِ نظر تھاوِتھ ڈراما نِگارن ڈراما لیوٚکھمُت اوس۔ یہِ واقعہ ییتِن یاد پاونُک مقصد چھُ یہِ کتھ واضح کرٕنۍ زِ ڈرامانگار اگر سٹوڈیو تہٕ تکنیکی سہوٗلیات نظرِ تَل تھاوِتھ ڈراما لیکھن، تیلِہ ہیکن محدوٗد وسیلن منٛز تہِ سیٹھاہ جان ڈراما گنٛدنہٕ

پتھ ٹیکنیکی سہولیاتو علاوہ چھُ یمن فنی ضرورتن ہُند خیال تھاوُن تہٕ سیٹھاہ ضروری۔

کِردار نِگاری:۔

سٹیجکس پاٹھۍ چھُ ٹیلی وِجنس پیٹھ تہٕ کِردار درینٹھان آسان تہٕ ڈراما لیکھن واٲلس پزِ کِردارٕنٛد قد، خولہٕ خط پوٗرٕ پاٲٹھۍ واضح کرُن تہٕ تِہنٛز شکل وصوٗرت یوٗسہٕ تس ذہنس منٛز آسہِ سوٗ کاغذس پیٹھ بیان کرٕنۍ۔

پلاٹ:

کردار نگاری باپتھ چھُ، اکھ جاندار پلاٹ ضروری آسان تِکیازِ امہٕ ستۍ چھُ کِردارن ہُند اعمال تہٕ نفسیات مُتعین سپدان پلاٹہٕ ذٔریعہٕ گژھہِ کِردارن ہنٛز مکمل تصویرکشی کرنہٕ ینۍ۔

ڈائیلاگ:

بلاوجہ تہٕ غٲر ضروری کتھہٕ چھےٚ ٹی وی ڈرامہُک تاثر کم ہیکان کٔرتھ۔ ڈائیلاگ گژھہِ ربط یعنے CONTINUITY ہندِ باپتھ استعمال کرُن۔ ڈائیلاگ یِتۍ کم تہٕ پُراثر (COMPACT) آسن تیوٗت چھُ ڈرا دلچسپ بنان۔ یُس چیز محض اشارٕ ستۍ GESTURE یا EXPRESSION کنۍ واضح گژھتھ ہیکہِ سُہ گژھہِ نہٕ ڈائیلاگہٕ ذٔریعہٕ پیش کرُن۔

**خود کلامی۔** کینٛژن ڈرامہن منٛز۔ چھِ اَسۍ وُچھان کانٛہہ کردار چھُ مخالفہٕ ہنٛز کتھ بوٗزتھ دم پھُٹۍ گژھان۔ مگر جواب چھُنہٕ دِوان، تسُند ذہنی کرب بیان کرنہٕ باپتھ چھِ اَسۍ SOLILOQUY استعمال کران۔ یہِ ٹیکنیک استعمال کرنہٕ وِزِ چھُ بڈٕ موحتاط روزُن پیوان۔ تِکیازِ اگر یہ غٲر ضروری طریقس پیٹھ استعمال کرنہٕ آیہِ، اَمیُک اثر چھُ سیٹھاہ خراب پیوان تہٕ ڈرامہُک سوُرے تاثر چھُ چھوکہٕ لد سپدان۔ وَیسے گژھہِ یہِ ٹیکنیک استعمال کرنہٕ نِشہٕ حتی الامکان دوٗر روزُن۔ تِکیازِ یہ چھےٚ اکھ

فِسوٗدٕ تہٕ پرٛانٛی ٹکنیک۔

## روایت (NARRATION):

ریڈیو ڈرامہن منز۔ کریو و ۱۹۲۷ ہس منز CECILLEWIS سن ڈرامہن منز راوی سُند استعمال۔ ٹی، وی ڈرامہن منز چھ بی بی سی کیو واریاہو ڈراما پرو ڈیوسر و شیکسپیر سندین ڈرامہن منز راوی سُند اضافہٕ کوٗرمُت۔ راوی سُند استعمال کرُن ہیکہِ جان ثابتھ سپدِتھ، اگر سوٗنچتھ سمجتھ کرنہٕ ییہ۔

## ڈائیلاگ زبان:

کردار چھِ پننہٕ زبان پانہٕ ہیتھ یوان۔ سانین واریاہن کاشرین ڈرامہن منز چھُ زبانٕی ہُند ہشر، تمن ڈرامہن ہندِس کلہم معیارس پیٹھ اثر انداز پیوٚمُت۔ کردار پوٗرٕ پاٹھٕ سمجتھ گژھِ تمہٕ ہنز زبانٕی جان پاٹھٕ سنُن۔

## ٹکراو (CONFLICT)

ٹکراو یا تصادم ۔ ڈراما چھُ تمہٕ ساعتہٕ تھٔنہٕ پیوان ییلہِ زٕ قووت پانہٕ وانٛی ٹکراوان چھِ۔ تصادم ظاہر کرنہٕ باپتھ چھ پلاٹ رہنمائی کران۔ کانہہ ڈراما چھُ تیٚتھ آسان یتھ منز۔ کردار خارجی حالاتن ستی چھادنہٕ یوان چھِ تہٕ کانہہ پلاٹ چھُ تیٚتھ آسان، یتھ منز کردار پنہٕ اندروٗنی کشمکش ٹکراو پادٕ کرِتھ ہیکہِ۔ اکھ نظریہ چھُ یتہِ یتھ منز ٹکراوس سو اہمیتھ چھنہٕ یوسہٕ برونہہ آس ـــــ مگر حق چھُ زِ ڈراما چھُنہٕ توتام وُچھن والیس نظرن زنجیرٕ کران یوتام نہٕ سُہ اکہِ تصادمہ ستی شروٗع سپدِ تہٕ تصادم اندٕ واتِتھ انجامس واتہِ۔

## گوڈُنتھ (BEGINNING):

ٹی وی ڈرامہن چھُ چوٗنکہ وق کم آسان۔ لہٰذا گژھہِ اکھ TEMPO رفتار تیز آسنہٕ تہٕ اہم کردار گژھن جلد جلد واضح کرنہٕ ینہٕ۔

اند :
دلچسپی برقرار تھاوَنہٕ باپتھ گژھہِ انجامس نزدیک واتنہٕ برونہہ SUSPENS
SE پاداہ کرنہٕ خاطرٕ کہانی تیُتھ کانہہ موڑ دیُن یُتھ دِچھن والین یہ باسہِ زِ ڈراما چھُنہٕ
فطری انجامس کُن پکان ۔ مگر یہِ گژھہنہٕ غار متعلقہ کنہ آسُن ۔ اَتھ کنہہ گژھہِ کانہہ
منطق تہٕ جواز آسُن ۔

## ٹی وی ڈرامہکی اصناف :

(قسط وار ڈراما) یِتھ کنہِ سٹیج تہٕ ریڈیو ڈرامہس مختلف قسم چھِ تِتھے کنہِ چھِ
ٹیلی وِجن ڈرامہس تہٕ مختلف صنف ۔ مثالے سیریل یا قسط وار ڈراما ۔ ساریہے دُنیہس
اندر چھُ ٹی وی سیریل ڈراماوُ ذکینس زبردس مقبول ۔ بی بی سی آسہِ تن یا ویسٹ
جرمنی ہُندے آر ، ڈی ۔ لاہور آسہِ تن یا بمبئی سرینگر آسہِ تن یا امرتسر ، سارنے جاین
چھُ سیریل ڈراماوُ دِچھن والین منز زبردس مقبولیت حاصل کران ۔ ٹی وی ییس ییٹھ
کوٗرمتے سیریل ڈرامہن ہُند آغاز "سودٕ تہٕ بودٕ" قسط وار سلسلہ سیتی ۔ ابتداہس منز لیوٗکھ
یہ سجوٗد سیلانی ین ، اَمہِ پتہٕ امین کاملن تہٕ مکھن لال صرافن ، یہ سلسلہ گوو سیٹھاہ مقبول
تہٕ اَمکی لگ بگ ۴۰ قسط آے پیش کرنہٕ ۔ اَمہِ پتہٕ کوٗر مرحوم ظفر اللہ ہن اکھ سلسلہ
حکیم لقمان شروٗع یُس اختر محی الدین لیکھان اوس تہٕ سُتہ روٗد مقبول ۔ پتہٕ کوٗرمتے
"آب سیماب" شروٗع ۔ یُس باضابطہٕ ڈراما FORMAT اوس ، یہ لیوٗکھ ہردے کول بھارتی
ین تہٕ اَٹھن قسطن اندر ووت اند ۔ ڈراما گوو کافی مقبول ۔ اَمہِ پتہٕ کوٗرمتے "تو تہٕ"
ناوُک اکھ سیریل یُس ۔ ۔ فوٹو گرافی ہُند اکھ شاندار نموُنہٕ اوس ۔ ۱۹۷۹ء اندر
کوٗرمتے "الاو" ڈراما یُس ۱۲ ہن قسطن اندر مکمل سپُد ، یہ لیوٗکھ ساینہٕ زبانی ہندی دوگھ
فلم ڈایریکٹر فاروق مسعودی ین ۔ یہ سیریل ڈراما اوس یِتھ لحاظ ٹیلی وِجن ڈرامہکی مطالبات
تہٕ ضروریات پوٗر کران ۔ کہانی ، ڈایلاگ ، سین ہنز باگے ، کردار نگاری ، طنز و

مزاح شاندار اداکاری، موزوٗن تہٕ مناسب سیٹ، جان لایٹ، معیارٕ ساونڈ کوالٹی تہٕ اَمہِ علاوٕ وڈیو ایڈٹنگ۔ پوٚرٕ بوزو تہٕ اَتھ ڈرامہس منٛز ییٚس معیار وِڈیو ایڈٹنگ ہندی ساٚنی اَکھ نوجوان انجینیر سدھارتھ کلاہن قایم کوٚر، تمہٕ پتہٕ کوٚر اَمہِ وِڈیو ایڈٹنگ کٔن سنجیدگی سان توجہ۔ وِڈیو ایڈیٹنگ منٛز گژھہِ تکنیکی مہارت آسنس سےٚتی سےٚتی جمالیاتی حس تہٕ بیدار آسٕن۔ یِم دوشوے چیز چھہِ سدھارتھ کلاہنٕدس فطرتَس منٛز موجوٗد۔

۱۹۸۰ء منٛز کوٚر جے کشن زُتشی یَن "بُنیاد" ناوٕک اکھ سیریل ڈراما، ییٚس لُکو پسند کوٚر۔ سیریل ڈرامہس منٛز گژھہِ لیکھن والیٚس تہٕ پروڈیوسرس درمیان زبردست ذہنی برابری آسٕنۍ۔ کہانی تہٕ قسطن ہنٛز باگے گژھہِ گوڈے ییٚہٕ نۍ۔ غرض سیریل یتھ قسطن ہند آسہِ، تمہ گژھن پروڈکشن شروٗع گژھنہٕ برونٛہہ لیکھنہٕ یِنۍ۔

دلی ٹیلی وِجنُک "پلیٹ فارم" تہٕ آو کافی پسند کرنہٕ تہٕ پاکستان ٹیلی وِجنُک انکل عرفی، آخرِ شب، تیسرا کنارہ بیترِ تہٕ چھہِ ٹی، وی سیریلن ہندس تاریخس منٛز کافی اہم مقام تھاوان۔

موخصر سیریل یعنے SHORT SERIES ڈرامہن منٛز کوٚر چمن لال ہکھوہن کیس نمبر ۱ تہٕ کیس نمبر ۲ سیٚتہٕ ۸، تس منٛز پروڈیوٗس۔۔۔ یِم دونوے ڈراما آسی مخصوٗص دُچھنَ والین ہندِس مذاقس بیٚٹھ پوٗرٕ وُتران تہٕ عوامی مقبولیت گیٚکھ تہٕ حاصل۔ اَمہِ علاوٕ کوٚر چمن لال ہکھوہن جنگ ناوٕک اکھ ڈراما تہٕ پیش، ییٚس مقبوٗل گوو تہٕ۔ مگر فنی لحاظ روزِ ہمیشہ ناقدن یاد۔ جنگَس منٛز چھُ ہکھوہن کتھ ہنٛز باوتھ کران زمٔنسند اندرٕ روٗٹ تہٕ پیچ درپیچ وجوٗد کیتھ کٔنۍ ہیکہِ سکرینس بیٹھ دُبارٕ زندٕ گژھتھ۔ تکنیکی اعتبارٕ تہٕ کہانی ہندِ لحاظ چھُ سُہ ڈراما مےٚ سٹھاہ پسند، تکیاز تتھ منٛز چھُ چمن لال

ہکھو مونتاج ( MONTAGE ) کراس سیکشن مونتاج (CROSS SECTION MONTAGE)

تہ ارتقایی مونتاژ (PROGRESSIVE MONTAGE) ترنوے بیک وقت استعمال کران ۔

مونتاج کتھ وُڑھ تہ مے چھ باسان یہ کرٕ اَمِچ تہٕ وضاحت ۔ یہ لفظ چھ اکھ فرانسیسی

لفظ منز درامت تہ سائنس اَدبس منز چھُنہٕ اَمیک زیادٕ رلواج ۔ فلمی تکنیکس منز چھے

مونتاج بے ربط تہ غار متعلق واقاتن ہنز اکھ سۄ میرن یوسہ اکہ خاص انداز ایڈیٹنگ

ٹیبلس پیٹھ مرتب سپدِتھ ، اکھ ترتیب لبان چھے ۔ جیرالڈ ملرسن چھ پننہٕ کتابہ THE

TECHNIQUE OF T.V. PRODUCTION منز مونتاژچ تعریف یمن لفظن منز کران ۔

" اکی سے موضوعس پیٹھ لوکچن لوکچن تصویرن ہنز

سۄمبرن یوسہ کردار سنز زندگی ہندین مختلف

دورن تہ رنگن ہنز عکاسی کرِتہ تیتھ تاثر پادٕ کرِ ،

یُس نہ بییہ کنہِ ذریعہ پادٕ ہیکہ سپدِتھ ۔"

اَمہ پتہ چھ جیرالڈ ملرسن پننہٕ خیالچ وضاحت کران ونان ۔ یم مختلف شارٹ

(SHORTS) یا تصویر چھے کٹ CUT یا DISOLVE کرِتھ اکھ اَکِس ستی پیوست سپدان ۔

مونتاژ چھ تمی وقتہ اثر پادٕ کرنس منز کامیاب سپدان ، ییلہِ مختلف تصویر اَکس سلسلس

منز شامل سپدِتھ اکھ وحدت پادٕ کرن تہ پنون پنون حیثیت ختم کرن ۔ EINEST-

TEIN چھ مونتاج کتھ کران لیکھان ۔

" مونتاج چھ تصادُم تہ ٹکراو کرِ تمہٕ سلسلک ناویُس

اکہ واحد تصویرِ پیٹھ داخلی طور شروع سپدان

چھُ تہ تصادمن ہنز اکھ زنجیر بناوان تہ انجاس

تام اکہ ڈرامایی تصادُم ستی واتان چھُ ، بالکل تمہٕ

دٕرکی پاٹھۍ یُس شَق سپدنہٕ وِز بجلی پادٕ کران چھُ تہ بجلی ہنز یہ رَو چھے

دۄیمِن ذرٕن پھُٹراۄِتھ، چھیکرس آکس اٹمی دھماکس پیٹھ ختم سپدان"۔

مونتاژ ٹیکنیک اختیار کرِتھ چھُ ٹی، وی ڈراما سیٹھاہ نوٕی نوٕی امکانات پاۂدٕ کرن رۄدمُت۔

## کراس سیکشن مونتاژ:

مختلف احساسات، خیالات تہٕ ذہنی انتشار ظاہر کرنہٕ باپتھ چھُ یہ مونتاژ استعمال سپدان رۄدمُت، خاص کر نفسیاتی ڈرامہن منز۔ چھُ امیُک استعمال سیٹھاہ شاندار تاثر پاۂدٕ کرِتھ ہیکان۔ مختلف حالتن منز کردار ہنٛز تصویر یکجا کرنہٕ سٟتی چھُ ڈرامہُک TEMPO بڈاونس منز زبردس مدد میلِتھ ہیکان۔

## اِرتقائی مونتاژ:

اَتھ اندر چھےٚ تمن واقعاتن ہنٛز مختلف تصویر یکجا کرنہٕ یوان، یِہنٛد تعلق کردارہ سنٛدِس ارتقاہس سٟتی آسہِ، روم کاگل چھُ لیکھان:

> " واقعاتن ہنٛدی مختلف منظر اَکی ہے سلسلس منز بند کرِتھ چھےٚ ارتقائی مونتاژ وجوٗد لبان تہٕ اَمہِ سٟتی چھُ زمان و مکانُک احساس پاۂدٕ کرنہٕ یوان"۔

## منظوٗم ڈراما:

منظوٗم ڈراما چھُ ٹی وی ایس پیٹھ تہٕ کافی مقبوٗل۔ اَمِچ مثال چھےٚ بشیر بڈگامی سنٛد تھیکنٕ لایق تجربہ "رسوٗل میر"۔ یُس دوٗرے دُنی کینٛس بصری شاعری ہنٛد لفظہٕ مغزس منز استعمال سپدان چھُ تہٕ روجرین ویل چھُ دِیان زٕ نثر پیدن وول منظوٗم ڈراما چھُ مُروجہ شاعری نِشہٕ بلکُل بدوٗن۔ مگر منظوٗم ڈراما رسوٗل میر چھُ یِمہِ کتھہِ ہنٛد ثبوت زٕ منظوٗم ڈراما ہیکہِ ٹیلی وِجنس پیٹھ عام ڈراما کھوتہٕ زیادٕ اثر پاۂدٕ کرِتھ۔

یِمہ چھےٚ ٹیلی وِجنٕ ڈرامَکین مطالباتن متعلق کینہہ کتھہٕ، یِمہ مےٚ تو ہہ بروٗنہہ

وِزِ کنہٕ نھاوِ۔ ٹی، وی ڈراما چھُ سانہٕ زبانٕ ہُند سیٹھاہ کم رِس ڈراما تہٕ اَمیک جایزٕ ہنہٕ گژھہٕ زیادٕ مولیُس سپدُن۔ نوی نوی لیکھن والی ہیکن کاشرِ پاٹھی ٹیلی وِجن ڈرامہس اکھ نوو اظہار دِتھ تہٕ "الاو" "سہ دٕ بودٕ" "آب بیماب"، "بُنیادٕ" تہٕ "توتمہ" کِس صوٗرتس منز یوسہٕ نہج قایم گیہٕ سہ برو ہہ پکناوِتھ۔

ریڈیو ڈراما یتھ وجودس منز آو۔ اَتھ اوس بصری یا تماشایی محرومیتُک زبردس احساس تہٕ تماشایی زہر پوٗر کرنہٕ باپتھ کٔرِ ریڈیو ڈرامہن آوازِ ہندِ ذرٕیعہ، نوٕ نوٕ دُنیا دٔریافت۔ ٹیلی وِجن بارسس یتھ سٕد براڈکاسٹ ڈرامہس ژٕ بصری انگ بیٚنہٕ حاصِل یُس ریڈیوہَن تس الگ اوس کورمُت۔ سانٕ کوٚہنہٕ مشق لِکھارِ چھِ ریڈیو ڈرامہس ستی سیٹھاہ پرانٕ رفاقت تھاوان۔ توے چھِنہٕ تِم وُنہٕ ڈایلاگ تہٕ صوتی تاثرکِ سحر نِشہٕ آزاد سپدان۔

الفرڈ ہچکاکس پرژھیاو اکی ژٕنی سوال زِ خاموش فلمہٕ تہٕ ٹاکی منز کیا فرق آیہٕ تمن لبنہٕ؟ ہچکاکن وۄن درجواب۔ "خاموش فِلمہٕ اوس عاب زِ تتھ منز آسہٕ کتھے۔ ٹاکی چھُ عاب زِ اَتھ چھنے کتھے یاژ۔ آوازن تہٕ ڈایلاگن ہنز یہے بوہتات چھِنے ٹی، وی ڈرامہچ بدنصیبی تہٕ امہٕ بدنصیبی منز گژھِ یہ تیٚلی آزاد، یێلہِ اَسی ٹی، وی باپتھ الگ، ریڈیو باپتھ الگ تہٕ سٹیجہٕ باپتھ الگ لیکھو۔

●

# ڈرامہ تہٕ حقیقت

شفیع شوق

ڈرامہ چھےٚ سو ادبی صنف یمہٕ لِنہٕ پرتھ دورس منز پزر زانٛنک ساروٕے کھوتہٕ زیادٕ توفا کرنہٕ چھُ آمُت مگر پرتھ دورس منز چھےٚ پرتھ ڈرامہِچ کامیابی ڈرامہ نگارن، ہدایت کارن تہٕ اداکارن ہنٛز. تِہنٛز فطری صلاحیژ پیٹھ منحصر روزان یمہٕ کِنۍ تِم حقیقتس پننِس منفرد رنگس منز پیش چھِ کران آمٕتۍ. باقی فنو مقابلہٕ ڈراماہس لِنہٕ زیادٕ حقیقت پسندی ہُند توفا کرُن چھُ بذاتی اوکِنۍ زِ ڈرامہ چھُ تحریری وسیلہٕ کِنۍ تہٕ ہتہٕ پننہٕ اصلی منٛجہٕ کِہ وُسیلہٕ تہٕ گوڈنیتھے اچھن برونٛہہ کُن نہٕ صرف کردارن تہٕ تِہنٛدِس پسِ منظرس انان بلکہ تِہنٛزن حرکژن تہٕ۔ باسس چھُ لگان زنتہٕ ڈرامہ نگارن کاہہ سماجی، انفرادی یا اساطیری حقیقت پننہٕ فنہٕ ستۍ بیتنہٕ بےٚلاگ شکلہٕ منز پیش کرنہٕ خاطرٕ جوکھمُت چھُ آسان تہٕ یتھ منز مختلف درجن ہنٛز کامیابی ممکن چھےٚ، مکمل نہٕ زاہنہٕ۔ لہٰذا چھےٚ حقیقت پسندی ڈرامہ خاطرٕ عام پاٹھۍ اکھ توصیفی اصطلاح روزمٕژ۔

ڈرامہک ابتدائی دورٕ پیٹھے آو یہٕ تنقیدی تصور بارسس زِ ڈرامہ چھُ

نقالی۔ افلاطونن (۴۲۸ ق م تا ۳۴۸ ق م) ووٚن اوٚسے اَتھ مایمیسز (MIMESIS) یانے لاگُن یا نقالی تہٕ ووٚنُن زِ یہِ چھُ شاعرَن ہُند کھوتہٕ خطرناک تیکیاز شاعرٕ یہِ منز چھُ صرف وننہٕ یوان زِکیاز سپُد یلہِ زن ڈرامہس منز، تمہٕ وٲتھک یِند سیٚود نقل چھُ یوان ہاونہٕ۔ (قانون۔ باب ۷)۔ ارسطوٗن (۳۸۴ ق م تا ۳۲۲ ق م) یوٚدوے تہٕ نقالی ہُند تصور رد کوٚر مگر ڈرامہ زونُن نہٕ محض ینٛہِ حرکتَن ہُند نقل بلکہ "عملٕ منز آدمین انسانن ہُند نقل" تہٕ اوٚکی تہندِ ایتھاس (ETHOS) پیتھاس (PATHOS) تہٕ پراکسز (PRAXEIS) ہُند یعنی کردار، جذبات تہٕ عملٕ ہُند تہٕ امہِ اعتبارٕ چھُ ڈرامہ انسانن ہندِس دوٚرلس منز جاری عملٕ ہُند نہٕ زِ برونٛہہ لیٛہلاوُک نقل۔

یوٚدوے عظیم یوٗنانی ڈرامہ نگارو ایسکائیلز، یورپڈیز تہٕ سفوکلیز) تہٕ تمہِ پتہٕ ؤری ساس جوراہ گرٕ ہتھ شکسپیرن (۱۵۶۴ء - ۱۶۱۶ء) انسانی وجودکی تم پہزر ڈرامہ ناوی یم تاریخی زٕکھ پنٕہ چھِ تہٕ بیٚیہ انہٕ غیر ممکن مگر اغلب واقاتہٕ کردار تہٕ ڈرامہس منز، مگر ڈرامہ تنقیدس منز رُود پھیٚر پھیٚر حقیقت پسندی ہُند دبدبہ۔ یوسہٕ ڈرامہ کس نصابس سماجی، سیاسی تہٕ اخلاقی نصابس تابین کرنچ کوشش کران چھےٚ زنتہٕ ڈرامہ تہٕ انفرادی تخلیقی صلاحیتہٕ پنٕہٕ کانٛہہ زمانی تہٕ مکانی واقعہ چھُ۔ (حتاکہ پانہٕ ڈرامہ نگار تہٕ بیدکر بارہا امہِ برمکی شکار) قدیم یوٗنانس منز ڈراماچن ترین مسلّم وحدتن ہُند نظریہ اوس امی برٛمک نتیجہ تہٕ ارسطوٗن بنوو (سفوکلیزُن ایڈیپس ریکس مثالی ڈرامہ زانتھ) عملٕ منز وحدت، مکانہٕ چہ وحدت تہٕ زمانہٕ چہ وحدت ہُند قاعدہ۔ مگر بروٚنٹھ کُن رُد پیرسچھ کانٛہہ ڈرامہ نگار یمن وحدتن لوٚب کُن تھاوِتھ پنٕنی انفرادی صلاحیت ہاوان۔

رناسان آو یورپی دنیاہس حقیقتک اکھ نوو تصور ہیتھ یتھ منز
انسان بحیثیت فرد مقرر قدرن ہند ترجمان آسنہ بجایہ وقتک پادٲوار زانہ
آو۔ امہ نوٕ تصورک انسان چھنہ ماورائی الوہی طاقتن ہندِ بے حرکتھ ژھایہ
بلکہ بلکہ پننی اندری ماہیتہ پیٹھ وۄتلان قوتن ہند اظہارس پننہ عملہ کی ترتیب
تہ تشکیل پرٲوان چھ۔ شیکسپیرنی ڈراما چھنہ نیک تہ بد قدرن ہنزن مختلف
صورتن ہندی ناو بلکہ چھ پننی پننی ذمہ داری منٛز ہیتھ تہ پننہ عقلہ تہ منشہ فاصلہ
رتھ عملہ ہند ذریعہ پننی پرزنتھ لبان۔ امہ برونٛہہ اگر ایڈپس یا فاسٹ ہوی
یادگار کردار ڈرامہن منز آسہن تہ تم آسہ تہ امکاناتن ہندی تعمیر پزیر قد بلکہ
وجوبچہ ناقابلِ فراموش شالہ زیتھ دُنیاہس منز پھِنٛے نہ انانہ ہنز مختاری
چاری گیہ روٗس کہنہ۔ امہ برعکس چھ ہیملٹ انتقام ہنک فاصلہ نوان۔ مگر
کردارس منز چھس ارادچ کمزوری تہ اوے چھ دوکھن منز ہینہ یوان تہ ملان۔
کنگ لیر چھ پایہ بۄڈ بادشاہ ان زانی منز چھ پننہ یرتھنہ ہنز راج تاج
دوٕن کورن منز بانگرتھ نوان تہ کانہہ کچہ ہندس سٕزرس پزرس پیٹھ پرتھ
نہ کرتھ تس حصہ نشہ محروم کران، جلاوطن کران — تہ اتی چھ تاولس دگان تہ
نہ صرف پانس برباد کران بلکہ پانس اندی پکھی ٹکن تہ تہ معصوم کارڈیلیا یہ تہ۔

انسانی فطرت ہند غیر معین آسنک تصور تہ فرد سنز اہمیت تسلیم کرتھ
انتخابک عملہ ہند تہ نتیجن ہند ناقابلِ قیاس آسنک تصور عام گرتھنہ پتہ آو
ڈراما کائناتیاتہ کیو مقرر حلقو منز نیبر نیرتھ عام انسانی زندگیہ قریب یتھ منز
کرہُن تہ سفید، بالا تہ ادنا تہ طاقتور تہ کمزور ہوی بن وجودے چھنہ تھوان
تہ یرتھ کانہہ فرد چھ اکھ لوٗت گوب پزر اکھ زگ پرون پزر۔ شاعرانہ انصاف
کس ارسطوی تصورس اوس برونٛہہ شیکسپیرن ڈرامہن منز انکار آمت کرنہ،

نہ ووٚنی آد انسان پننین معمولی معمولی پزرن منز۔ باگ اکھ معمولی پزر زانُن
ییمہ سند سزا تہ جزا بایتھ کانہہ قاعدہ قانون وآیتھ چھُنہٕ تہ سُہ چھُ پننین اُندرِ
زاترٲین تہ لمحاتی ووتلنس پیٹھ ڈنس تامین فاصلہ نوان تہ کران کراوان مگر بیٚہ بُو
دقیتہ زدرٕ ووتھان یا بوڈان نہ تہ اَتی الوند روزان ــ ڈرامہس بیوٚ واُتھو عامیانہٕ،
انٲنی حقیقتس اُندی بکھو روزِتھ تخلیقی کمال ہاوُن تہ یہ اَسِ سیٹھاہ مشکل کام ـ
درمیانی طبقہٕ وجودس منز ییٚنہٕ پتہٕ بدلیے سیاسی تہ سماجی حالات اَتھ حدس
تام زاساطیری ہیروین تہ طاقتہ تہ ہدرنگی بڈین انسانن ہنز۔ دلیلہ روزنہ
ڈرامہن ہندی موضوع تہ اُمی ہیوٚت عام انسانہٕ ہندین عامیانہٕ سماجی مسلن
نکھ روزُن ـ مگر ڈرامہ ہیوٚک نہ حقیقت پسندی ہندس تنگ دائرس منز
پھانبھلتھ تکیازِ ڈرامہ چھُنہٕ حقیقت بلکہ حقیقت ہیوٚ اکھ فن تہ یہ ہیکہِ تیلی عامیانہٕ
سوتھ پیٹھ فنی اہمیت حاصل کرِتھ ییلہِ اَتھ منز۔ حقیقتس ستی ہشر اَستھ تہ ہُنز
ستی آسہ۔ ہُنز چھے تمام فنن ہنز بُنیاد ـــ شریڈن سُند دِ سکول فار سکینڈل
(۱۷۷۷ء) آسکر وائلڈ سُند دِ امپارٹنس آف بینگ اَرنسٹ (۱۸۹۵ء)
ناروے ہِی ڈرامہ نگار ابسن (۱۸۲۸ء ـ ۱۹۰۶ء) ہندی ڈرامہ لے ڈالز ہاوٗس
تہ گھوسٹس انگریزیس منز بے برنارڈ شا ۱۸۵۶ء
ـــ ۱۹۵۰ء) ہندی مین اینڈ سپر مین (۱۹۰۳ء) میجر باربرا (۱۹۰۵ء) تہ
پگمیلین (۱۹۱۳ء) روسی ڈرامہ نگار چیخوف (۱۸۶۰ء ـ ۱۹۰۴ء) ہندی ڈرامہ بیتر چھ
کرِتھ تاہے ڈراما یم شیکسپیرس پتہ وُہمہِ صدی تام ادبی تواریخن منز کانہہ
مقام چھ تھاوان ـ یمن ترین ژدن ہتن وریٚن دوران آو شیکسپیر تہ
پھِری پھِری سٹیجس پیٹھ پیش کرنہٕ تہ بیشمار باقی ڈرامہ تہ، مگر ڈرامہ رُذ اکھ
دورس منز۔ بذاتی سٹیجگ فن ییتھ تہ تحریری ادبہ کین معیارن ہند ضرورتھ

پیوٚو۔

وُہمہِ صدیہ منز آیہ ڈرامہس منز پوٚتس پتھ واریاہ انقلابی تبدیلیہ یمن سارنے ہُند مقصد ڈرامہس منز ییٚہ اکہ پھِر سماجی مقصد بجایہ فنی نوٗر تہٕ جمال پاٚدٕ کرُن اوس۔ ہندوستانی جمالیاتس منز اوس بروٚنٹھے اَمہ قسمُک تصوٗر موجود ییٚمیٚک بُنیاد بھرت (دوٚیم صدی ق م۔ دوٚیم صدی عیسوی) سُند ناٹیا شاستر چھُ۔ بھرت ہس منز راے پھِیرِ زِ ڈرامہُک حُسن چھُ دوٚن چیزن پیٹھ ڈٕرتھ یعنی وِبھاو (निशान) تہٕ انبھاو (अनुभव) وبھاو گوٚو تہٕ یِ لفظ اداہن تہٕ اَندرِکی احساس محسوٗس سپدنس قابل بناوِ تہٕ اُنبھاو گوٚو تہٕ یُس یمن ترٚن چیزن محسوٗس کرِ۔

بھرت تہٕ تمِس پتہٕ ناٹیہ شاسترس متعلق زاٚوِ جارن سام ہینہٕ والین ہندو نظریہو۔ باوجود روٗد ہندوستانی ڈراما جموٗدُک شکار، تہٕ کالیداس نمِن ڈرامہن ہُند شرٚنگارس پنُن معیار بناوِتھ اَکہ رنگس منز ہتہٕ واد وٚردین۔ وول گوٚو وُہمہِ صدیہ ہند نصفہ پتہٕ ییلہِ سیاسی۔ سماجی رشتن منز ڈرامہن جاے رٹ تہٕ مغربی ڈرامہُک مطالہ سپُد، اَتھ منز تہٕ آیہ پوٚتس پتھ تمہ سارے تبدیلیہ یمہ مغربی ڈرامہس منز آیہ۔

مغربی دُنیاہس منز آو نوٚ ڈرامہُک فنی حسن اَمِچہِ ہیٚژ منز نوٚ انداز دریافت کرنس توجہ ساختیات عام گژھنس پتی دِہہ تہٕ ختیات یوٚدوے فرڈی ننڈ ڈی سوسیو (۱۸۵۷ء — ۱۹۱۲) تہٕ ڈسی لسانیاتس منز۔ پرٚ مگر اَمیُک اثر پیوٚو تمام علمی تہٕ ادبی شعبن پیٹھ۔ معنی بدلہ ہیت، یتھ زمانی مطالعہ بدلہ اَوٚک زمانی مطالہ، ذہنی صلاحیتہ بدلہ ورتاو تہٕ ورگہ رشتہ بجایہ ننڈلہ رشتہ اہم زانن اوس ساختیاتی انقلابُک اصوٗل۔ ڈرامہن تہٕ ہیوٚت قدیم تہٕ محترم نقالی۔

نظریہ لبنہ لوب روزِ تھ پنہس اُندری حسّس کُن زوٗر توجہ دِیُن ۔ ۱۹۱۵ء منز
بنیوو ماسکو لنگوسٹک سرکل تہٕ امہ کیو بانی کاروکرٕ ہیتیت قایم کرِتھ علامتیچ
بنیاد تہٕ مضبوط تہٕ ۱۹۲۸ء پیٹھ ۱۹۴۹ء تام روُد چیکوسلواکیاہس منز ۔ پراگ
سکول ڈرامہس، تھیٹرس، ادبس تہٕ خاصکر تھ لسانیاتس متعلق ساختیاتی نظریہن
بہتر کھوتہٕ انداز ترتیب دِوان تہٕ وضاحت کران تہٕ اتھ ستی ستی
اشاریاتیات SEMIOTICS لسانیاتہٕ پیٹھ ڈرامہ تہٕ باقے ادبی صنفن ہندی
مسلہٕ وِرژھناونہٕ خاطرٕ تہٕ کارگر بناوان ۔ رومن جیکوبسن اوس امہ سکولک
سارِوے کھوتہٕ بوڈ نمایندٕ ۔ تمِہ سنز کتاب " فنڈامینٹلز آف لینگویج " (۱۹۵۶ء)
پیٹھ مختلف ادبی صنفن ہند ہیتی کردار SIGNIFIER تہٕ SIGNIFIED
درمیان رشتن ہنز بُنیاد پیٹھ وِرژھناوان تہٕ ہاوان زِ یم رشتہٕ ہیکن یا تہٕ
استعاراتی آسِتھ نتہٕ محاکاتی ۔ ڈرامہ چھُ صنفی کردارکنی اکھ استعاراتی
فن ۔ قدیم ریزٕ پاٹھر اوس یا اُزکی پس جدیدی ڈراما، اتھ منز چھُ وُچھن وول
تہٕ تحریری صوُرژ منز پرن وول تیلی کنہ زانان تہٕ حظ تُلان ییلہٕ سُہ وُچھان
وُچھان یا پران پران شدتہٕ سان محسوس کران روزِ زِ سُہ ڈراما چھُ حقیقژ
ستی مطابقت تھاون واجنی الگ حقیقت نہٕ زِ حقیقژ ہُند نقل ۔ جیکوبسن
سُند یہ تصور چھُ ڈرامہس متعلق افلاطون تہٕ ارسطوٗ سُند نقالی یا ترجمانی ہُند
نظریہ لبنہ انحراف تہٕ موجود ڈراماہکہ جمالیاتی بُنیاد ۔ ڈرامہس منز یہ کینہہ تہٕ
تہٕ شامل آسہٕ، کردار، پلاٹ، مکالمہٕ، پس منظر گون، واین، رخ بیتر، تتھ
چھُ مقصد یُتے زِ وُچھن وول یا پرن وول روزِ ہمیشہ محسوس کران زِ
یمن سارنے عنصرن ترتیب دِنہٕ وول کوتاہ ماہر چھُ پرم پاد کرنس منز
تہٕ کتھ حدس تام چھُ (کولرج سندین لفظن منز) پرتھ ہنز منہٕ کانچھ معطلی

WILLING SUSPENSION OF DISBELIEF یادٕ ہیکان کرِتھ۔ سفوکلیزن
اگر ایڈیپس زیٚن، بڑن دوٚتِس پیٹھ بڈٕ قتل کرن ۔ پریٚژٕ جواب دیٚن، خاندر
کرُن تہٕ پوٚتس زانُن زِ بڈٕ اوُس مول تہٕ کوٚلے اَمِس موج تہٕ آخر
اَچھ ژٕ کڑِتھ پنٕنس شُرِن رخصت ہیوٚن ۔۔ سورُے کینہہ اُکی سے دُہس
منز سامان چھُ، لَتہ اوُس تہٕ ترٕن کلاسیکی وحدژن ہُند احترام کرِتھ
حقیقژ ہُند نقل کرُن بلکہ استعاراتی وٚسیلہٕ المیاتی آگہی پیش کرٕنی مگر استی
اغلب اندازک بزم یادٕ کرُن ۔
ڈرامہس منز فطری نوعیچ حقیقت پیش کرنٕچ یوسہٕ تہٕ کوٚشش
حقیقت پسندی ہندی مختلف نظریہ مانن والیو کر، سو روُز نہٕ توتام کامیاب
یوٚتام نہٕ ڈرامہس بنن تہٕ ہنرچہ بُنیادٕ پیٹھ استعاراتی اظہار ورتاوٕنہٕ آو
تہٕ مختلف جزٕ ورتاوِنس منز تخلیقی کام ہیتھ ہُنر تہٕ ورتاونہٕ آے ترٕیمس
ڈٕلِس منز کوٚر برِیختن (BRECHT) واقعہ فنکارانہٕ اندازٕ پیش کرنٕکہ غرضہ
اکھ نوٚو تجربہٕ یتھ تمیٚ رزمی تھیٹر EPIC THEATRE ووٚن تکیازِ اتھ منز اوس
کِردارن نہٕ صرف پنُن پنُن رول ادا کرُن بلکہ تِمن ڈی لوزناو ناوس تہٕ
کامہ ہِنٛزِ سٹیج ہدایت تہٕ وُچھن والین لوزناونی تہٕ عملہ پیٹھ پنٕنٕز راے
زٕنی تہٕ کرٕنی۔ مقصد اوُس یہٕ زِ تماشہ بین گژھن عقلہٕ سٟتی ڈرامہچ عمل
سمجھنہٕ نہٕ زِ جذباتو سٟتی۔ یتھ پاٹھی اوس پریتھ ایکٹرس سٹیجس پیٹھ اکی
آسنہٕ زِ شخصیژ ہنٛدٕ رول ادا کرُن ۔ اکھ پننہٕ شخصیت تہٕ بیاکھ کردارس منز۔
وُچھن والین آسی ہیتھ یہ احساس تھاوان زِ یم چھِنہٕ حقیقت وچھان بلکہ پاٹھ
اَتھ ووٚن تمیٚ دوٗرپرٕ اثر یا ALI-ENATION EFFECT تمیٚ سٕندی ڈرامہ

دِ مَدَر کرج (THE MOTHER COURAGE) پُنتِلا PUNTILA یا دِ کاکیشین چاک سرکل THE CAUCASIAN CHALK CIRCLE چھِ از تہٕ تجربہٕ کٲری کِنہٕ تھیٹر با پَتھ نموٗنہٕ۔

دوٚیمہِ جنگِ عظیمہِ ہولناکی تہٕ فرایڈی نفسیاتی نظریہ بنیہ اکہ نوِ اندازٕ کہ ڈرامہِ بُنیاد۔ انسٲنی حقیقژ ہُند اکھ نوٚو تصور وتھ لیوو تہٕ ڈرامہس متعلق تمام پرٲنی معیار ہیتِن فرسودہ باسنہٕ۔ فرانسیسی ڈراما نگار جین جنےٚ ین JEAN GENET کوٚر نازِین ہندِ ظُلمہٕ سیٖتی مُتأثر گژھتھ تھیٹرس منٛز حقیقت پیش کرنُک اکھ نوٚو تجربہ یتھ تمہٕ ظلمُک تھیٹر THEARE OF CRUELITY وَون۔

مگر روایتی حقیقت پسندی ہندِ سورہٕ پتہٕ چھُ ڈرامہس منٛز سارِوے کھوتہٕ اہم تجربہ یتھ بےٚ معنیتُک تھیٹر THEATRE OF THE ABSURD چھِ ونان۔ انسٲنی ظلمُک انتہا تہٕ انسانہٕ سنٛز لامحدوٗد ذلالت وُچھتھ گوو لفٲظی پیٹھ تمام اخلٲقی قدرن ہُند ژھوٚر نوٚن تہٕ ادبہٕچن باقے صِنفن ہندی پأٹھۍ گوو ڈراما تہٕ مُتأثر تہٕ پلاٹ، کِردار تہٕ عملہٕ ہندی ساری معیار باسے یہ بے معنی۔ یتےٚ لوت پٔنہٕ) ڈراما لوٗگ زبانہٕ ہند ورتاو کم کھوتہٕ کم کرنہٕ تہٕ خاموشی ہُندِ وسیلہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ورتاونہٕ۔ شیٚمہِ ذیلہٕ کِین ڈراما نگارن منٛز چھُ یوجین اینیسکو EUGENE IONESCO (1912ء۔) بے معنیتی تھرس کینہٕ یادگار ڈراما دِوان۔ دِ بالڈ سپرینو THE BALD SOPRANO (1950ء) ڈرامہس منٛز چھِ ساری کِردار بے معنی کتھ بوزناوی بوزناوی زبانہٕ محض وۄرشور بناوان مگر تہٕ کرِتھ چھُ ڈراما پَتُن اثر ہاوان۔ RHINOCEROS (١٩٦٠ء) ڈرامہس منٛز چھِ اکس تنہا شخص

وراَے ساری انسان رہنو بنان۔

۱۹۵۲ ءیس منز لیوکھ سیمول بیکیٹن WAITING FOR GODOT یتھ منز ژھری ہے سٹیجس پیٹھ اکس ہوکھہ مہتس کلس تل زٕ احمق دیان دیان پژاران چھ زِ کستام واتہِ تہٕ کینہہ نتہٕ کینہہ سپدِ۔ امہِ اندازٕکی ڈراما آیہٕ تمام زبانن منز لیکھنہٕ یمن منز تہٕ گوڈٕ نہ منز تہٕ نہ اند چھُ آسان۔ امہِ کین کردارن چھنہٕ کانہہ مقصد تہٕ یم چھ ساری اڈک جہرٕل۔ اکھ منز۔ چھُ لکھن والین، ہدایت کارٕ نٕد تہٕ کردارن ہُند بُنیادی مقصد یہٕ آسان زِ وُچھن والی یا پرن والی گرٕ ژھ تہٕ پیش کرنہٕ آمتہٕ حقیقت خارجی حقیقتک کانہہ برم زانن بلکہ گرٕھ صرف ڈرامائی عملہٕ ہنز۔ فکری اہمیت زانن۔ البتہٕ پرن والین، وُچھن والین ہُند توجہ گنڈِتھ تھاونہٕ خاطرٕ چھِ اکھ منز طربیہ، مذاق، خوف، تماشہ، یا بھرتہٕ گٔژن شامل یوان کرنہٕ۔

سیمول بیکیٹ سند تجربو پتہٕ گوو ڈرامہس منز تہٕ پس جدیدیت یعنی پوسٹ ماڈرنزم شروع تہٕ ڈرامو گوو دوہہ پتہٕ دوہہ لسانی باوژ وسیلہ ترک کرِتھ بصری شیٖنہن تہٕ اداکارن ہنزن اسلوٗب بند بدنہٕ حرکژن ہُند وسیلہٕ اختیار کران۔ نہ صرف روو تماشہ بینن تہٕ اداکارن درمیان ترسیل بلکہ اداکارن پانہٕ وٕنی تہٕ۔ پس جدیدی تھیٹرن کور شعوری طور انارکی انداز اختیار یتھ منز۔ لفظ پننہٕ سیاق وسباقہٕ نشہٕ آزاد چھِ۔ مقصد چھُ صرف یُتھے روزان زِ ڈراما گوژھ انزکر دوٗرک غار عقلی تشدد، افراتفری، قتل وغارت تہٕ ناقابل وضاحت جنگی ماحول بیانہٕ روس انفرادی ذہنن منز مناسب ردِ عمل وُوتلاوِتھ ہیکن۔ یہ مقصد پرٛاونہٕ موکھ آیہٕ دارٕ ہین قسمن ہندی تجربہ کرنہٕ یمن منز۔ یلہٕ تھیٹر یعنی OPEN THEATRE سارِوے

کھوتہٕ اہم چھُ۔ اَتھ منز چھُ ڈرامانگار ورکشاپن منز حصہٕ نِتھ پۆرٕ جماژ ہِنٛدِ
مدد سکرپٹ لیکھان۔ یِتھین کینژن ڈرامہن منز چھُ لگہٕ ریژن ہُنٛد استعمال
تہٕ پوان کرنہٕ تہٕ قدیم لُکہٕ تھیٹرٕچن ٹکنیکن ہُنٛد تہٕ۔ پس جدیدی ڈرامہن ہنٛز
بیٲنی ساختس اہمیت کم گژھنہٕ پتہٕ چھُ یہِ فٲصلہ کرُن مشکل زِ یتھی ڈرامہکوکھ
تیا تخلیقی ادب مانِتھ پیٚٹھ بیلِہ اداکار سٹیجس پیٹھے خود مختار پاٹھۍ عملہٕ ہُنٛد فٲصلہٕ
آسن کران۔ ڈرامہس منز حقیقتہٕ بِنہٕ ژٕلنہٕ موکھ تہٕ نٔی حقیقت پیش کرنہٕ موکھ
یم تہٕ تجربہٕ سپدی یا سپدان چھِ، تِمن سارنے ہنٛز۔ کامیابی ہُنٛد دار مدار
چھُ یتھ کتھ پیٹھ زِ ڈرامانگار کتھ حدس تام چھُ حقیقتک استعاراتی متبادل
پیش کرِتھ ہیوکمُت تاکہ ڈرامہ وُچھن وول (یا پرن وول) روز ہیتھے بڑمُک
شعور تھاوان۔ اَمہِ باپتھ ہیکہِ ڈرامہ نگار واریاہن فنن مُیل کرِتھ مثلن ڈرامہ نگار
ہیکہِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ تماشہٕ ورتٲوِتھ۔ یتھ پاٹھۍ محمد سُبحان بھگت تہٕ موتی لال
کیموٗنین اکثر ڈرامہن منز۔ وایُن، گبوٗن، نژُن، ؤلین تہٕ جبہٕ سیوٗد ساد سماجی
مسلس تہٕ تعزیٔچی انداز پیش چھُ کران۔ اَتھ برعکس چھُ محی الدین حاجنیُن ڈرامہ
"گریسہِ سُند گرٕ" اکھ سماجی حقیقتک سیٚد سیوٗد اظہار۔ یا ہیکہِ ڈرامہ نگار عصری
مسلہٕ باپتھ تمثیلی وسیلہٕ اختیار کرِتھ۔ مثلاً ہری کرشن کول سُند "ناٹک کرِو بند"،
ڈرامہس منز۔ مگر ڈرامہ خاطرٕ چھُ شرط یہِ زِ یہِ آسہِ نیکھن والی ہِندس عصری حقیقتس
اَندی اَندی نژان نہٕ زِ تمثیل برائے تمثیل۔ مثلاً موتی لال کیموٗ سُند "طوطہٕ تہٕ آنہٕ"
ڈرامہس منز۔ حقیقتک استعاراتی متبادل پاداہ کرنہٕ باپتھے
چھُ شعری ڈرامہ وجودس منز آمُت۔ یتھ منز کاہنہٕ تہٕ کردار عام زبان ترٲوِتھ
شاعرانہٕ زبانہِ منز۔ مکالمہٕ ادا کرِتھ چھُ ہکان تہٕ حقیقت پسندی ہُنٛد روایتی
معیار چھِنا لگہار بنان۔

ڈرامہٕچ لگہاٚری روزِ شاید مستقبلس منز تہٕ اُمہِ کِس تخلیٖقی عنصرس
پیٹھ زِ یہِ کتھ حدس تام ہیٚکہِ عامیانہٕ حقیقتہٕ منز ترٛتھ بُلند تہٕ سبلایم حقیقت
پاٚدٕ کٔرِتھ ییمِکۍ قاعدٕ قونوٗن تتھۍ اندر اندر معنی آسن تھوان۔

# کاشرِ لُکہ پاٹھرَن منز سماجی احتجاج

فاروق فیاض

عالمی شہرت یافتہ سماجی تاریخ دان ELIZIBITH WHITCOMB سُند قول چھُ زِ پرتھ فنہٕ کس پرکھنس
پانچلس تہٕ پوشنس بیتہٕ کنہٕ چھُ فردن ہندس اکِس مخصوص سماجی کاٹھ کرِس منز
بٔنہٕ بازیافت کرنچ دٔلیل مضمر آسان۔ چاہے سو مصوری آسِتن، یا سنگ تراشی،
پاٹھر سازی آسِتن یا شاعری، پرتھ فنہٕ کِس پوت منظرس منز چھُ فردِ ہندِن جذباتی
نفسیاتی، سماجی تہٕ مذہبی زُون گزرائِن ہُند اَکھ نہٕ عکس ضرور پوشیدٕ آسان۔ اَسی
ییلہِ اتھ پوت منظرس منز کاشرِس رلوائتی لکہ ڈرامہس یا لُکہ پاٹھرن سام ہیچ کوشش
چھِ کران تہٕ اَسہٕ تہٕ چھُ اَمی حقیقتُک ہُند اعتراف بہوان کرُن۔ مگر سماجی حقیقتُک
یہٕ عرفان حاصل کرنہٕ خاطر چھُ تاریخُک سرٕون شعور آسُن سیٹھاہ ضروری۔ ہرگاہ اَسہٕ
بٔنِس تواریخس پیٹھ سنجیدٕ نظر آسہٕ اَسی ہیکوٚ نہٕ کُنہٕ تہٕ صورتس منز۔ لُکہ ڈرامہن ہُند
معروضی تجزیہ کٔرِتھ۔

یوٚتام زَن یوٗنانی تھیٹرُک تعلق چھُ پاٹھر چارُن یا ڈرامہ گندنُک مُدعا
تہٕ مقصد اوس آسان جنگی حالاتن منز۔ فوجین ہُند دل رنزناوُن تہٕ تہندِن زخمن

تہٕ کمانٛدارن فرجتکو ساماںہٕ موٗلیہٕ کرٕنۍ مگر جنٛگی حالاتن ہنٛدِس ختم سپدنس ستۍ ستۍ اوس
موضوعی رنٛگہٕ یمن پھیر بدل یوان کرنہٕ مگر یوتام زٕن کاشُرٕ لکہ تھیٹرُک تعلق چھُ پرٕتھ
پاتھرس چھُ اکھ بیوٗن فنی ہوا لوا منفرد موضوع، کردارن ہُند علامتی انتخاب تہٕ زبانۍ
ہُند ہنرٕ ل اظہارٕ کاشرٕن لکہ پاتھرن ہنٛد مطالعہ تلہٕ چھےٚ یہٕ کتھ ننٛنیران زِ یمن ہُند
فنی وونُن کرنٕس چھُ سیٹھاہ کُشادٕ تہٕ وسیع۔ پرٕتھ مقامس یا لفظس لرٕ چھُ اکھ حاس
سماجی پرٕ زر پوٗشیدٕ آسان تہٕ یمہٕ اَسہٕ وِنہٕ آیہٕ اکھ جھوکل کیفیتھ ڈرامائی صورتس منز بیان
کرنہٕ یوان چھےٚ سوچھےٚ بنٛنہٕ تنظیرہٕ دلیل پانے۔ یہٕ چھُنہٕ صرف متس (یتھ پاتھ
سانی اکثر حضرات سونچان چھِ) ماچھک قند بہم تھونہٕ خاطرٕ استعمالس اوسمت یوان
اَنہٕ بلکہ اَمیک UNDERLYING OBJECTIVE اثرٕکی پرٕزر اوس یتہٕ آسان زِ
عوام تہٕ اقتدار دوشوے ڈرٕ گرٕنہٕ نا بدس وٗلتھ ٹیٹھ وٕنک بنیادی خاصیژن
ہزانیاب کرٕنی۔ مثالے پاٹھی نی تون " بہرٕ پاتھرُک" ڈگہ کردار۔ بظاہر چھُ یہ پاتھرس
منز مسخرن ہُند رول بنھاوان مگر مکالمی باتن تہٕ حسی تہٕ بشری تاثراتُو ذریعہ چھُ
یہ اُکس تِتھس نظامس پیٹھ کرتلہٕ چھوکھ ہنز کام کران یتھ نظامس منز کاشرٕ تہٕ خصوصاً
سون گامی بوے یِنٛن سورے آسُن تہٕ بسُن، لاگُن تہٕ لُٹن استحصالی قوژن ہنٛدِ
خوشنوٗدی خاطرٕ وقف اوس تھاوان۔ زندگی ہنز ارزتھ شتر آیتن تھاونس
منز اوس تہٕ دِل رضائی ہُند کانہہ تہٕ عمل دخل آسان بلکہ اوس یہ موجھ مؤرتھ
بنُنک اکھ ظالمانہٕ داو آسان۔ کاشرٕ کتھ پاٹھی اَسی اَتھ جابرانہٕ تنگری برونٛٹھ کنہٕ
پتٕہ سر آلوان تمُک انداز ہیکہٕ لوزن والین E.F. NEVE ہندِ یمہٕ حوالہٕ ستۍ

سپدٕتھ۔

*"Notwithstanding the oppression, the peasants could not complain of their grievances to anybody, and if some times they did, they were not heeded, instead, severely punished for the Act. For example, some villagers of Bandipora had complained of the exactions of some of the high officials, but instead of redressing their grievances, most of them were drowned in the Wulur Lake."*
*E.F. Neve - Things seen in Kashmir (page 30-31).*

یمَن حالاتَن منز کیتھ ہیکہٕ ہا سون تواریخ دان پننہٕ دید آگہی تہٕ جبرٕچ تُک ثبوت دِتھ تہٕ یمن نیم تاریخی (یعنی پاتھرن، لکہٕ ادب پارن) داستاویزاتن ہُند جگر پرأٹھ حقیقی پزرُک، صداقتُک تصویر کشی کرِتھ۔ تکیازِ شاہی دستر خانن ہندی بُچہٕ بوج آسنہٕ کنہٕ کیتھہٕ ہیکہٕ ہَن تم عوأمی اُمنگَن تہٕ آرزوٗن ہُند نقش وٕ تلاوِتھ۔ اَتھ بدلہٕ آسی تم چشم پوٗشی کرنَس پیٹھے اِکتفا کران اَتھ بدلہٕ نِبھوو دلیرانہٕ رول سانو لکہٕ فن پارَو تمہٕ آیہٕ زِ سیکھ تہٕ بچوتہٕ کباب تہٕ دوٚد نہٕ۔ ساَنی مورخ چھ وُنہٕ تہٕ رِلوایتی تأریخدأنی ہندن اصوٗلن سند زانتھ یمَن موٗلی عوأمی ادب پارن ہُند تأریخی موٗل سُرکھ کرنَس منز یہٕ ڈیپہٕ کنجوٗسی کران یہ جاچھ وزانسس منز تھیٚہ بیمتس

ANNAL SCHOOL

ستی والبتہ تارِیخ دانن یِموگوڈنکہ لٹہٕ انسٲنی سماجس منز وُسی پایہ تہٕ مشرآوی تہٕ
حلقن ہندین دادین تہٕ دوکھن، آشن تہٕ امارن، خوشین تہٕ غمن، عقیدن تہٕ
اعتقادن نسبتھ سکالرن ہُند ظون پھرنوو تہٕ یم حال حالے تام تارِیخی مطالعکہِ دایرِ
نبر گنڈرنہٕ یِوان آسی۔ شاباش چھُ سانہِ سماجہِ کین بظاہر مسخ چالہِ حاسن فردن ہُند
یمن سون ELITE CLASS راپہ کٹھ، گُلی فقیر بانڈ وُنہٕ حقارژ کیو چشمو وُچھان
اوس، تمو کھو وسون اصل تارِیخ ژھٹراوِتھ۔ تہٕ اکھ وأنگِ ہند گاشہ وَنن۔ دِنہٕ
ستی یِزن سانہِ تارِیخچ تم گوشہٕ نِنْ یِمن کُن سون ظون ازتام۔ چھُنہٕ گومُت
خوشک تہٕ منطقی اصولن تابع تہٕ شاہی سرپرستی ہُند وظیفہ خوار آسنہٕ کِنہٕ کیتھ ہکہٕ ہا
سون تارِیخ دان حقیقی عوامی زندگی ہُند صحیح تہٕ معتبر تشریح کٲرِتھ۔ تمی سُند لکھتھ
اوس مصلحتن تابع تہٕ مصلحچ تیز تہٕ وہرل تلوار آسہ پرچھ احتجاجی ڈلس بیٹھ بنہٕ
ژکھ تہٕ تہہ ہوم اوان۔ شاید یہے وجہ چھُ زِ ابہ چھُنہٕ بیننن تارِیخن منز منظم
احتجاجکہِ حوالہ ۱۸۶۵ء برونہہ کینہہ تہٕ میلان۔ مگر ہرگاہ اسی TOTAL OR NEW
HISTORY ہندین اصولن بنیاد بناوِتھ یم تارِیخی دستاویزن، ادب
یارن ہُند مطالعہ کرو تم وارِیاہ شہادت چھے برونہہ کُن یِوان یم بنیاد بناوِتھ
اسی کاشرس لکہ تھیٹرس منز غارصحت مند سماجی نہجن نسبتھ کیہ علامتن منز تہٕ
کیہ اشارن منز تہٕ کیہ کردار سٕندِ مزاحیہ عملہٕ ونگہ احتجاج لبان چھِ مثلے
پاٹھی نی تون بہری پاتھرک یہ منظر یتھ منز ڈگر کردار کُنتر ہندس اکس بارسوخ تہٕ
طاقتور طبقس اکمن سرکارک ڈوکہ حاصل اوس تہٕ یم پانہ کرنہ کرہ اونہ روتے

کاشرس گرٕسیٚ تس یہِ ڈیٖڑٕ تہٕ مسلہٕ ژٲٹن آسۍ پننہٕ ژکھ تہٕ تنقیدُک نشانہٕ بناوان چھُ۔ پاتھرٕکس ٹرٛیہ ہوٚزٕ منظرس منٛز چھِ کیہنہ ڈگہٕ یمن بٹن کھورہ نٹھن تھف کرِتھ اکی زنگہٕ زنگ منٛجس بیٹھا اسِتھ پاٹھۍ دوٗرتام گلہٕ ناوان ژٕ باکہٕ چھکھ نیرتھ ژلان۔ لال پھٹتھ یژان تہٕ اسہٕ کِنہٕ پوٗنس کھسان۔ سیٹھاہ اصرار کرنہٕ پتہٕ تہٕ چھنہٕ ڈگہٕ یمن امہٕ عذابہٕ نشہٕ موکہٕ جار دِوان۔ چھیکرس چھُ تِہندہٕ یہِ عذاب تمی ساعتہٕ ختم لیدان ییلہٕ ڈگن ہندس عٔریان بدنس پیٹھ کرِ دب وسان چھِ۔ اکھ منظرس پتہٕ ییٚس زبردست احتجاج تہٕ نفرت مضمر چھُ سُہ چھِ اجتماعی کاشرٕ مظلوم عوامُچ آواز۔ یُس نہٕ تم اکھ طبقس خلاف ہیکہٕ ہاٲن سیٚدِ سیوٚد بُلند کرِتھ۔ عام زندگی منٛز ہیکہٕ ہانہٕ کاشرٕ گامی لوٗے سماجہٕ کِس اکھ PRIVILEDGED سیکشنس خلاف پننہٕ شرارتُک امہٕ آیہِ اظہار کرِتھ مگر یہِ منظر چھُ تمہِ حقیقی جذبُچ عکاسی کران۔ یُس کاشرِ ہندِ سینن آتش فشانُچ پاٹھۍ سوٚراوس کران۔ پاتھرس گِندنس دوران لوٗکن ہندا اُسن اوس نہٕ پاتھر کٔمن کردار ہندس چاٹ تہٕ مسخرانہٕ روٗلس پیٹھ شاباش آسان بلکہ اوس یہِ کاشرٕ پننہٕ دبے ہتہٕ شعورکہِ ڈرامائی اظہار ستۍ اکھ نفسیاتی فرحت محسوس کران یُس زن مغلوب قومن ہند اجتماعی MENTALITY ہُند اکھ ضروری جُزٕ چھُ۔ وُچھو ANDREW WINGATE کیٚتھ چھُ امہِ استحصالی طبقُچ تصور پیش کران۔

*"He (Peasant) is a machine to produce shali for a very large and mostly idle city population. The secret of the cheep shali is because of the prices were allowed to rise to its proper land, the whole body of Pandits would compel the palace to yield to their demands."*

وُریس تُجھ ذٕنٛھ ییلہٕ سالٕن گامی بٲپس فقط کینٛژھن رتٕن ہُنٛد
اوذقہٕ مولیٚر سیدان اوس تہٕ یتھےٚ پاٹھی شہرس منٛز ییلہٕ کھنڈواون راتس تہٕ دوہس
اُچھن ہُند گاش ذالتھ فقط کینہہ پولسہٕ بٹان آسی، تم آسی بٔنٛنہٕ تہٕ بٔنٛنہٕ عیالکہٕ زنٛدٕ
روزنہٕ خاطرٕ بہٕ ٹھوکارن یا سودرن ، مسلمان وانٔن ، کارخانہٕ دارن یا خوجن کینہہ
ٹکہ ووزم ہیتھ دمرٕ ڈُمران بٔنٛنہٕ تہٕ بٔنٛنہٕ عیالکہٕ غولامی ہُنٛد بیڑٕ دِوان لیکھتھ۔
سودکاری تہٕ وڈداری ہنٛدس اتھ کمرتوڑ ادارس کیتھ چھُ بزاز بٔنٛنس تواریخس
"INSIDE KASHMIR" منٛز ذکر کران۔ پیش چھُ یہ اقتباس۔

***"Too ignorant to understand accounts, the Muslim peasants are fleeced by the Hindu Sahukars and Muslim Wadadars, Khojas in ways shocking to fair mind....... For a long time in the past, they have been bleeding the poor peasants by extorting their hard earned pennies in the shape of interest. The loan still remains intact. A large number of peasants are born in debt, remain in debt all their lives and die in debt."***

واتل پاٹھرس، گوسٲنی پاٹھرس تہٕ درزہٕ پاٹھرس منز کینہہ چھُ یمن دردناکھ
حالاتن ہنز عکس میلان سُہ چھُ باعثِ عزت تہٕ توجہ طلب تہٕ۔ کرداران ہند
ڈیکہ کینہہ چھِ سماجکی یم طبقہ لوکن برونہہ کنہِ ننگہٕ صورتس منز پیوان پیش کرنہٕ۔
سہٕ چھُ تمہٕ شدید نفرتُک فنی اظہارُس یمن طبقن متعلق لوکن ہندین دلن منز
آسان اوس۔

ییتھے پاٹھی توَن رازہٕ پاٹھرُک شاہ گاسی تہٕ سگوان کردار یم چھِ تمن
سرکاری تہٕ نیم سرکاری اہلکارن ہنز ترجمانی کران یم عوامس تہٕ حاکمن درمیان
بنیمن حقیر مقصدن ہندِ خاطرٕ ژھین آسی یاد کران۔ امی رازہٕ پاٹھرُک کرال کردار
ییلہِ تیٚمہِ منز ماچھ (ییچ تمس فرمایش پیٚھے آسان آمژ کرنہٕ) بدلہٕ رَب لدٕتھ رشوت
خور افسرن برونہہ کنہِ تھوان چھُ۔ یہ چھُنہٕ فقط یمن افسرن ہندین بد کرتوتن پیٹھ
طانچے لوت بلکہ چھُ یہ اکہ شدید احتجاجُک علامتی اظہار۔ یہ چھُ تمہٕ شدید نفرتُک
آینہٕ ہاوان یوس دےیہ تہٕ نفرت کاشرین یمن شاہی ہکاری ہونین نسبتھ اجتماعی
طور یاد آسس پینمژ۔ یم غریبین ہندین ششھیمتین رگن ہند خون چوٚسِتھ
پانہٕ رویہ خابن تہٕ رنگہٕ مندورین منز۔ سازو سرور چہن محفلن منز شب گذاری
کران آسی۔ بوزن والین برونہہ کنہِ کرِ بہ پاٹھر منز یہ اقتباس پیش۔

سگوان چھُ کرٕ یونتہٕ واتھِ کرہ السی ونان

ہیا ماچھ اڈ نہقا۔ کرال جناب اوٚنمُ۔ یہ کیاہ چھُم بیٚچہِ منز۔ کوکر

پوٗت اوٚنتھا۔ مانچھ تہٕ اوٚنمُ تہٕ کوکر پوٗت تہٕ اوٚنمُ ۔کرٛال چھُ نچہٕ پیٹھ کپر زادر تُلتھ
نچہ منز۔ رٔ یہٕ لوٚبرُ تیر کڑتھ اوٚکھ طرف یہتھ کھیوٚن لاگان۔ سگوان چھُ یہ وُچھتھ
بے تاب سپدان تہٕ کرُوالتھ چھُس بیٚیہ دیان زِ مانچھ کیتوٚ چھے۔کرٛال چھُس
رُبہ اُسس بُرتھ وَنان جناب یوٚہے اوس مانچھ۔ پناہ۔ اگر ژٕ نے کھیوٚن پے کھے۔
اَتھ طنزیہ منظرس منز کوتاہ زٕ ھوٚپ مگر سرٛوٚن احتجاج چھُ ۔تمیُک انداز ہکو شاید
اُسی سارٕی کرِتھ۔ قدرتہٕ ڈٕسی یتھ بُتراتھ رنگہ رنگہ جمالیاتی آسودگی ہندی سامانہ
وافر مقدارس منز مہیا اَستھ تہٕ کوتاہ اَتھ چھوٚن اوس سون کاشر ۔ یہ منظر چھُ
اَمہ حقیقتُک ٹاکارٕ نموٗنہ۔توے چھُ شاید E.V. SCHONBERG لیکھان۔

*"Nature offers many sources of enjoyment to the inhabitants of this lovely valley but the stern spirit of oppressive revenue official nips their pleasure."*

رازٕ پایتھ س منز تُلکرٕ ی جو کردار چھُ تمہٕ طبقچ نمایندگی کران یتھ زَن
ABSENTEE LAND LORDS -یتر- HISTORICAL LANGUAGE
وَنان چھِ ۔ یہ طبقہ اوس ہر کالس منز دانہ پیٚنِس رتی ینٕن لوکرن چاکرن
تہٕ گرٕن بتر رتی شہر پیٹھ گام رتہٕ وادن روزنہٕ خاطرٕ کھان تہٕ کاشکار کٕتھ
اُسی یہندس پرٕتھ آلوٚس ینٕن زٕ اَیت تھاوان پایتھ چھُ جاگیر دارانہٕ نظامُک
اَکھ معتبر تاریخ ڈرامایی اندازس منز۔ اَچھن بروٚنٹھ کنہٕ اَنان۔

کرٛال، ناوِد ہوی کردار چھ تم ناپرسان عوامکی زِندٕ کردار یِمو اتھ ظلمس خلاف
احتجاج کرُن بُڑھان ۔ یہ احتجاج چھُنہٕ ڈرامہس منز مکالموٕ ستی یوت وہ تلان بلکہ
ڈرامٲئی عملہٕ ستی ہٕ ۔ ناوِد سُند شاہ گامِس پتہٕ لاگِتھ رٔژھ کڈُن یہ شاہ گامی
سُند یہ وَنُن، ایی چہ کردیم ہتہ امہٕ کِس جوابس منز ناوِد سُند یہ وَنُن ۔ اہنا تہ
ترےٚ وو تتھم جگرس چھم گرمی گامٕژ ۔ دویمہ لٹہٕ ناوِد سُند کھسہ منز ۔ شہرن منز کڈِتھ
شاہ گامِس دندر پراٹھِتھ ژِنزٕ تہٕ چھُ یمَن طبقن ہنٛزِ عوامی غضبک اکھ ٹاکارٕ
اظہار۔ اَتھی پاٹھرس منز ییلہٕ گرٛیستس حاکمَس تام پننٛ شکایژ سرکٲری اہلکارن
ہنٛدِ ذٔریعہ واتناونک اجازت چھُنہٕ یوان دِنہٕ احتجاجُک ہنرل انداز کمتھ چھُ بارسس
یوان ۔ گرٛیوس چھُ الباہ زِلوٗٹھ بجِھل دِتھ اَتھ منز شکایتی پرچہٕ تھاوِتھ اَتھ نکھَس
بیٹھ اِستادٕ کران تہٕ بادشاہ ہندس محلہٕ خالس نیبر کنہٕ ڈیڈِ نکھہ اتھ ہیور تہٕ بون
کران ۔ شاید ہیکہٕ اَسِتھ یہ ساہ PEASENT REVOLT ہُک اکھ علامتی
اظہار، تمیک چھینہٕ اَسہٕ تاریخ چِن کتابن منز کانہہ تہٕ اِشارٕ میلان چھُ ۔

عملی زندگی منز یہِتھ احتجاجی عملہٕ ہُند نتیجہٕ ہیٚتہ پھِیرِ یا کاٹھِس کھسُن
اوس آسان ۔ سوے صداقت کِتھ اوس سون لُکہ فنکارن احیہ اندازس منز
لوکن تہٕ حاکمن تام واتناوان ۔ سو چھےٚ پننٛ مثال پانے ۔

دٔرز پاٹھرس منز ییمہٕ فنکار اِنہٕ آیہ غار کاہرنر کہٕ وو برحکمرانن ہندس
ظالمانہ رُوئیس تہٕ عیاشانہٕ عادتن خلاف احتجاج یا ردِعمل میلان چھُ، تتھ کُن
چھُنہٕ شاید سانین تاریخ دانن ظوہن بیوٗمُت ۔ کاہرنری ییتہٕ بوچھ یو چھ کران

دانِ کٔرِ یِتھان آسی تہٕ اوس سون حکمران طبقہ پہٕ ہتھندی یوٚت پھیارِ شرالس آہی برِان تہٕ شبابس ژوآہ وان ۔ یاتھ رس منز ڈرزِن یِتی مسخرن ہنز مالایانی یا چھیڑ چھاڑ چھنہٕ متھند جنسی تہیہ ہوٚمراو یخ کوٚشِش بلکہ چھُ یہٕ ہکمرانن ہندِس عیاشانہٕ طرزِ عملس پیٹھ اکھ چوٹ ختم دردِ راجہ ییلہِ مسخرن ہُند اندری مدعا زانس منز کامیاب چھُ سیدان تہٕ چھُ کرُ واٹلی واٹلی ۔ صرف یہندِ بدنن داغدار بناوان بلکہ چھُ مسخرن ہُند قوت اظہار تہٕ ختم گژھان ۔ بغاوت تہٕ احتجاج کرنہٕ کِس ہتھیارس چھےٚ زنگ لگان تہٕ یہٕ عمل چھےٚ یاتھ رس منز اکس مسخ ہندِس کوٚل گژھنس یتی ہاونہٕ آمُت ۔ دوٚیمِن مسخرن ہنز دردِ راجس پہٕ CONDITION تھاوٕنی زہر گاہ ژِ کلس زلوانکھ آسی مانوتھ تیلی پیٹھ راجہ ۔ تِمہٕ چھےٚ یہٕ کتھ تُنز نیران زِ کاشرِن کوتاہ چھُ اظہارچہِ آزادی ہندِس سلب گژھنس پیٹھ رنج او سُمت تہٕ ظُلمس خلاف سیدِ سیود بغاوت نہٕ کرنس پیٹھ کوتاہ ماتم آسی اندری کران ۔ دوٚیم جہتھ ہیکہ امہٕ منظرِ یتہٕ ووٚتھ زِ کاشرِن کوتاہ چھُ قومی جذبہٕ ووٚتلاوس منز ماجہ زیوٚ ہندِ زوٚلگ شدید احساس اوسُمت مسخرن ہُند دردہٕ راجس کلہن زلو والیس بخشنہٕ کِس انجمس یتہٕ چھُ قومی شناخت راونکِ احسائک بازگشت تہٕ پہٕ اظہارِ آزادی ہندِ موچھ موٚرتھ نِنھ واویلا تہٕ

ییتھے پاٹھی چھُ اَمہٕ یمن پاٹھن منز سماجکین تمن طبقن ہندِس دُرکھ رولس پیٹھ تہٕ طنز میلان یموٚ مذہب کِس ناوس پیٹھ عام کاشرِن ہُند زند

روزُن ناممکن اوس بنومُت ۔ تاریخ چھےٚ گواہ زِ دوٚشوٚنی مسلمانن کیو ہندِن منز یُس طبقہٕ علمی آگہی، طہارت پسندی تہٕ خدائیس تہٕ دٲلیس نکھہٕ آسنکی دٔم اَنہِ دوان کیتھہٕ آسی عام لوٗکن ہندِس اعتقادس، ہیٚرِ پرتھہٕ، لاعلمی تہٕ سادھارن بودھہٕ ہندِ بےجا استحصال کران ۔ گوسٲنی پاٹھرس منز مسخرن ہندِ ذٔسی گورس کھیٚر دِنی چھُ ترکہِ یمن طبقن خلاف عوامہٕ شدید نفرژ تہٕ غمہٕ وغصُک اظہار ۔

سکھن تہٕ ڈوگر حکمرانن ہندِس دورِ حکومتس منز یِمہٕ وُتر بنلہٕ منزٕ کاٗشرِ ین گذرن پیوٚ تِمہٕ کہِ تصورِ ستی چھہ تیٚرِ گنڈنی پھٹان ۔ چوکیدار، لمبردار، پٹوٲری، موقدم، سزوول شکدر، کاردار، کنٛوال تہٕ تھاندار بتیرِ سرکٲری تہٕ غٲر سرکٲری اہلکار یِم زن ہارنہٕ گریٚشمہٕ ژنجہِ منز گریسِہ ہندِس گٔمہٕ سٕری اڈیجہِ کرِ تھ وجودس لوبنہٕ شیٖہجارک اکھ ژلوٗہ تہٕ آیت آسنہٕ کھوان، تِہندِ جابرانہٕ ظلمُک دردناک تصویرِ کشی یِمہٕ آیہِ اَکہِ پاٹھرن خاص کرِتھ انگریزِ پاٹھرس منز میلان (حسابہٕ) ، ہیکہِ اکھ موتبر سماجی تواریخ لیکھنس منزٕ اکہِ مستند حوالہٕ ژنگی پیٚش کرِتھ ۔

عوامس تہٕ خصوصاً کاٗمی طبقن منز یوٗہ دِے تہٕ دشمنیتُک نار اَلاو یمن سرکٲری تہٕ نیم سرکٲری اہلکارن نِسبتھ شولان اوس تمیُک اظہار چھُ اَسہِ انگریزِ پاٹھرِ کہِ یِمہٕ ڈرامٲئی منظرٕ ستی سیدان ۔ یُلہٕ انگریز صاحب پنِنہِ اردلس یمن بخشایِش دِنہٕ خاطرٕ وَنان چھُ تہٕ یُلہِ اردلی یمن بخشایِش کٕسِ ناوس پیٹھ کرِ دِنی ہیوان چھُ، مسخ چھُ پانس بروٚنہہ کنہٕ پنِنن ظالمن کرُ والنس پیٹھ ہتی شادمان سپدان ژتم چھ انگریزِ سندِس اردلس یمن باربار کرُ والنہٕ خاطرٕ اسرار کران ۔ بقول مسخ ” نہ

جناب یمن گرٕ ژھن اَٹھ اَٹھ کرٕ یِنہٕ والنہٕ یمن جناب پھِٹے یڈ بڑٕ آسان ۔ موقدم صابس چھِ عادت اَٹھ کھینٕس ۔ نمبردارس کُن ہاوِتھ یہِ جناب ساری سے گامس کو کر کھیتا ۔"

بیگارِ سِتۍ یِم تہٕ دلدوزتہٕ دردناکھ حادثات تہٕ واقعات سانِہن گامی بھاین وابستہٕ چھِ تِمیک پوّت گرٕ بنہٕ چھُ تیوت کُٹرتہٕ کم پھُٹراوٕن وول زِ بوزان بوزان تہٕ چھِ تِمہٕ کٔنڈی پھٹان ۔ گلگت بیگارِ نِش بچنہٕ خاطرٕ کیتھ آسی سانی غریب گرٕ سی بھاے چکدارن تہٕ ذالدارن ہُند زمین کماونہٕ خاطرٕ آمادٕ سپدان تہٕ یِم چکدار تہٕ جاگیردار کیتھ آسی غریبن ہند لاچاری تہٕ مجبوری ہُند فایدٕ تُلتھ یِمن معصوم لوکن پیٹھ در پیٹھ غلام بناوان تِمچہِ مثالہٕ چھِنہٕ اَتہِ وسطی دورس منٛز یورپی FEUDAL. نظامس منٛزتہٕ میلان ۔ گرٕ سیتس اوس کورِ گوٗرس کھاندر کرنہٕ خاطرٕ تہٕ چکدارس یا ذیلدارٕ سند اجازت پیوان حاصل کرٕن ۔ اَمہٕ دردناک صورتِ حالُک بیان چھُ WALTER LAWRENCE یِتھ پاٹھۍ کران ۔

*"Gilgit to the Kashmiri is a Constant Terror, and it was rumoured that Transport was wanted to carry baggage of the troops going to or coming from Gilgit, there was a general stampede among the villagers- I have seen inhuman punished dealt out to men who demurred to leave their homes."*

E.F. KNIGHT چھُ یمہِ آیہِ بیگارِ متعلق پتھٕ رایہِ ہُند اظہار کران۔

*"Many thousand of villagers have been driven off every year to toil as carriers of burden on the Gilgit roads-- They fall on the road to perish of hunger and thirst---- when a man is seized for this form of begar his wife and children hang upon him, weeping--believing it almost for granted, that they will never see him any more."*

بالہٕ تینتالیس ہندِس یخ بستہٕ سفرس دوران کیتھ اوس چھوٚن تہٕ
زھوٚر کاشُر اتھ بور ہیتھ محض سوٚت ہیلیٚن پیٹھ گُذارِ کران تمیُک پُر اثر تہٕ دِلس
کھنجہٕ کرُن ووُل منظر چھُ اَکھ انگریزٕ پاٹھرس منز۔ یتھ پاٹھو میلان چھُ بیگاری چھُ
زھیوٚنمت تہٕ بھکِ ہتیو کو ٹھووِنے ہیتہٕ دٔجہِ دار، چھپر بزا ہلمہٕ منز۔ سوٚت موٚٹھا موٚکھا
گٔدِتھ پتہٕ یٔڈ ہنز۔ بوچھہِ ہوٚمر اوان تہٕ بقولِ محمد سُبحان بھگت بیگاری سُند
ہلمس منز سوٚت سیر آسُن تہٕ سُہ بوکہِ بوکہِ کھیوٚن چھُ جگرس کھنجہٕ کران ندنگہِ
ہبہٕ ہبہٕ پکناوِنہٕ چھِنے تمہِ وقتہٕ کینہہ لوکن ہنز تھکنچ زندہ مثال بنان۔ اتھ
انان کُش پالسی نبستھ کیتھ۔ چھُ سون عوامی فنکار ییٚنہٕ غوصہٕ تہٕ حقارت
ہاوان ژُ چھُ انگریز پاٹھ کہِ یمہِ منظر ستہٕ اُچھن بروٚنہہ کُنہِ یوان۔
بیگاری سیٚتھے مارکس منز اخان چھُ اردلی چھُس کرُ والان۔ آخرس

ییلہٕ بیگاری شانو پیٹھ صاحب ستۍ کُرسی والان چھُ، یہٕ چھےٚ آسان کترٕو پنٕنۍ صاحب ییلہٕ اَتھ کترٕو لیجہٕ پیٹھ کُرسی زاَنتھ بہان چھُ لیجہٕ چھہٕ چکرٕ گژھان تہٕ صاحبس چھ کلہٕ ہون تہٕ زنگہٕ آسمان کُن گژھان۔ کترٕو لیجہٕ پیٹھ صاحب تھاوُن تہٕ نیتجس پیٹھ اَسن کھنگالہٕ تراوُن چھُ زکہٕ عواَمی جذبُک اظہار یُس کاَشرس اُندری کوٗران اوس مگر عذابہٕ ہتہٕ موتہٕ کہٕ اندیشہٕ اَہسس ژھوپے رنہٕ پہٕ سینۍ باسان تہٕ اَتھی ژھوپہٕ چھُ سون لُکہٕ فنکار مزاحیہ اندازس منزٕ عوامَس تہٕ اقتدارس بردنہٕ کَنہٕ اُنتھ اکہٕ قومی ذمہ داری ہُند فرض نِبھاوان۔

●

# کٲشِرِ منٛز لُکہٕ پٲتھرٕچ رِوایَتھ

## اَکھ سَرسَری مُطالعہ

رُخسانہ تبسّم

ابتدا ہس منٛز اوس پٲتھر کٲشِرِ منٛز تہٕ مذہبی رُجحانن ہٕنٛدٕ تابع۔ مگر وارٕ وارٕ آیہٕ اَتھ منٛز ملکی، سیاسی، معاشی حالات، سماجی کھس وسر، سماجی بدعت تہٕ لوٚکن ہُند مَنٛز گُدرن طنٛز تہٕ ظرافت کِس لطیف پیرایس منٛز پیش کرنہٕ۔ لُکہٕ پٲتھرٕچ رِوایَتھ چھےٚ کٲشِرِ منٛز تہٕ سٹھاہ پرٲنی۔ یِیتہٕ تہٕ آسی لوٗکھ دیوی دیوتاہن خوش کرنہٕ یا تِہنٛز ناراضگی دوٗر کرنہٕ موکھہٕ پننین جذباتن ہنٛد اظہار گیونہٕ کِس تہٕ رقصہٕ کِس صوٗرتس منٛز کران۔ پروفیسر پُشپ چھہٕ لیکھان۔

"کٲشِرِ اندر ییتھ از بانٛڈ پٲتھر وَنان چھہٕ وٕری ساسا
برونٛہہ آسی تِتھ بانٛڈ ناٹیہ وَنان"[۱]

تواریخی حوالہٕ چھہٕ ییمہٕ کتھہٕ ہنٛدی ثبوت زِ کٲشِرِ منٛز اوس پٲتھرُک آغاز اسلامی دورِ حکومتہٕ برونٛہہ واریاہ کال گومُت۔ نیل مت پران تہٕ راج ترنگنی منٛز تہٕ چھہٕ پٲتھرِ گنٛڈنہٕ کیٚنہہ اشعار میلان۔ پٲتھرٕ وعلاوٕ آسی لوٗکھ رقص تہٕ موسیقی ہنٛد بھرپوٗر حظ تُلان۔

*"The Nilmat Purana prescribes these as chief means of amusement on every festive occasion. Many kings also were great lovers of these fine arts. They regularly held musical concerts in well decorated and illuminated assembly halls of their palaces."[2]*

راجہ تُجن یُس تقریباً دوٚیمہِ صدی ہٕ کینٛژن ہندِ وِنہٕ مطابق تریٛیمہِ صدی منٛز حکوٗمت کران اوسمُت چھُ۔ تمٕہ سندِس وقتس منٛز ہٕ چھِ پاٹھر گٔنڈنک ذکر میلان۔ چندکا چھُ امہِ دورُک مشہوٗر ڈراما نوٚیس اوسمُت۔ اُمہ سندی پاٹھر چھِ لُکھ ذوقہٕ شوقہٕ سان وُچھان آسی مَتی۔

*"He who held theatrical worthy, to be seen by all people. A Avtara of the sage Divipayana the great poet Candka living this period."[3]*

پروفیسر سیلوین چھُ اُمی سٕے چندکاہس متعلق لیکھان۔

*"A Tibatean version of a Buddist drama has been discovered which is ascribed to Candka or Chandragomic."[4]*

راجہ تجُن ہندِ یتہٕ چھُ ساسلا، کلساتہٕ ہرشنہٕ وقتہٕ تہٕ رقص، موسیقی تہٕ
پاٹھن سبٹھاہ کاڈ آسان کوٚڈمُت۔ کلاہس متعلق چھُ وَننہٕ یِوان زِ کورس
ساتگن ہُند آغاز کوٚر کشیرِ منز گوڈنچہ لٹہٕ تمی۔ یمَن فنَن ہُند مظاہر کرنہٕ باپتھ چھ
بڈِ بڈی ہال آراستہٕ کرنہٕ یِوان آسی متۍ۔

کھیمندر (۹۹۰ — ۱۰۶۵ء) چھُ سنسکرت عالم تہٕ شاعر آسنہٕ علاوہ پاٹھ
تہٕ لیکھان اوسمُت۔ تس چھِ سٹیجس سٗتۍ زبردست دلچسپی آسمٕژ تہٕ باقاعدگی سان
چھُ پاٹھ وُچھان تہٕ اوسمُت بلکہ چھُ باقین تہٕ تاکید کران اوسمُت۔

*"Ksėmandra advises aspirants to poetic fame to improve their taste by the study of current theatrical representations."* [5]

ہرش (۱۰۸۹ — ۱۱۰۱ء) چھُ مختلف فنن خاص کرِتھ موسیقی ہُند دالداد
اوسمُت۔ سُہ چھُ پانہٕ تہٕ یمَن فنَن سٗتۍ لوٚے خوٚے تھاوان اوسمُت۔ سُہ اوس پانہٕ
گیوان تہٕ تہٕ موسیقی کار تہٕ اوس۔ پنُن شوق پوٗر کرنہٕ خاطرٕ آسی تمۍ جایہٕ جایہٕ
ٹریننگ سنٹر کھوٗلی متۍ۔ تمۍ آسن مختلف کورن نژ ریخ تہٕ اداکاری ہنز تربیت
دِژمٕژ۔ اتھ کتھِ بٕنیہٕ ہن واش کڈان چھِ محمد سبحان بھگت لیکھان۔

"تہند شاہی دربار چھُ اننت ناگس متصل وینچہ بیارس منز اوسمُت
تہٕ دیان۔ اَتہٕ چھِ اتھ دورس منز پاٹھن ہنز تربیت
دِنہٕ خاطرٕ اکھ مرکز تہٕ قائم کرنہٕ آمُت یتھ منز جاپانہٕ، چینہٕ تہٕ
ہندوستانہٕ پیٹھ آسی پاٹھ ہیچھنہٕ یِوان۔" [6]

سٹیج یا ناٹک منڈپ چھُ ہرشنہٕ وقتہٕ سٮ۪ٹھاہ ترقی پیٹھ اوسمُت۔ کورآیہ عبادت گاہو پیٹھٕ سٹیجس پیٹھ اداکاری کرنہٕ باپتھ بلاونہٕ یوان۔ راج ترنگنی منز چھُ کینژن ترتکین ہُند ذکر میلان یم نرژنس سٟتی تہٕ اداکاری ہٕنٛدِ چھِنہ کران آسمتۍ۔ اندرپربھا، سہاچھا بیترِ۔ سہاچھا (SAHAJA) متعلق چھُ کلہن لیکھان۔

"For she had formally been a resident dancing girl of a temple, who having been seen on the stage."[7]

واتل پاٹھہٕ چھُ امی دورک یادادار یہٕ زن امہٕ پاٹھہٕ کیو مکالمو ترِ ننان چھُ۔ دپان ہسا ہرشہٕ دیوا اوس بادشاہ، ورشی دیوا اوس وزیر، ابھوری اوُسکھ سحر یہٕ دیت ماگن!!

اَتھ دورس منز چھِ فنکارن، اداکارن، گلوکارن، موسیقی کارن بیتر زبردست حوصلہ افزائی سپدان آسمژ۔ وو پرمکو پیٹھ تہٕ آسی آرٹسٹ ہرشس ہندس دربارس منز یتھ پٔٹھۍ فنک مظاہر کران آسی متۍ تہٕ جان جان توحفہ دتھ چھِ رژناونہٕ یوان آسی متۍ۔

"They were given skins of black antelopes, cows, calves and other presents."[8]

بڈشاہ (۱۴۲۰ – ۱۴۷۰) ہندس دورس منز تہٕ چھُ پاٹھہٕ باقی فنونِ لطیفن ہند پاٹھۍ نوٚو زوٗز یتہٕ لبان۔ یہ دوراوس کیٛژہ خاطرِ یتھ لحاظہٕ ترقی تہٕ خوشحالی ہند دور۔ بڈشاہ اوس ادب نواز، علم پرور تہٕ فنون لطیفن

ہُند عاشق ۔ اَتھ زمانس منز چھےٚ کاشُر زبانی تہٕ فارسی زبانی ہِتہٕ تہِ شاہی سرپرستی
حاصل پیدان ۔ باقی زبانن ہنز کتابہٕ آیہٕ کاشرِ زبانی منز پھِرنہٕ ۔ بڈ بڈ ادیب
مورخ ، شاعر تہٕ فنکار آسی بادشاہ ہندس دربارس منز موجود ۔ جون راج ، مُلا احمد ،
شری ور ، بھٹ اوتار تہٕ سوم بھٹ ہِشہٕ شخصیژ آسہٕ بڈشاہ ہند دربارچ
زینت ۔ مختلف علومن لر پور چھِ فن شاعری ، فن سنگتراشی ، فن خطاطی ، فن
موسیقی پوچھر تہٕ ووتھ واشر لبتھ ترقی ہندی منزل پراوان ۔ گویا سورُے
ماحول اوس ادبی تہٕ علمی رنگس منز رنگنہٕ آمُت ۔

*"Besides music and art of dancing and drama was also revived by Zain-ul-Abdin. He invited many actors both male and female to his country, and extended his patronage to them"*[9]

بڈشاہنہٕ زندگی پیٹھ لیوکھ سوم بھٹن اکھ ناٹک " زَینہٕ پرکاش " ۔ یِتھےٚ
پاٹھی لیوکھ بھٹ اوتارن تہٕ اکھ کاشُر ناٹک " زَینہٕ چرت " بادشاہ سُند دربار اوس
اداکارو تہٕ ڈانسرو ستی آراستہ آسان ۔ اَمہٕ دورچ اکھ مشہور ترکی چھےٚ تارا
آسمر ۔ یوہے سٹیجس پیٹھ پتنہٕ فنک لامثال مظاہر چھےٚ کران آسمر ۔ تکنیکی لحاظہٕ
تہٕ اوس سٹیج واریاہ بروہہ پوکمُت ۔

*"The stage was like a garden where the lamps on it looked like rows of the Champka flower"*[10]

باسان چھُ اَتھ دورس منز آسہٕ سٹیج واریاہ مقبوٗل۔ جایہِ جایہِ آسۍ پاتھر گنڈنہٕ یوان، محفل موسیقی تہٕ ثقافتی پروگرام منعقد سپدان۔ اَمہِ ستۍ آسہٕ اکہِ طرفہٕ ادبی سرگرمیہٕ جاری تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ آسۍ لوٗکن روزگارٕکۍ وسیلہٕ تہٕ مہیا سپدان۔ بڈشاہ سٕندِس دورس منز یُس تھزر تہٕ بجر ادبس، تھیٹرس تہٕ کاشر زبانۍ حاصل سُپد تمیٚ سٕندِ مرنہٕ پتہٕ بدلیوو صورتحال تہٕ کٔشیر آیہ سیاسی تہٕ ثقافتی لحاظہٕ گیٚڑ ژلس ولنہٕ۔

"کاشر زبان تہٕ پیٚیہ بڈشاہ سٕنز مرنہٕ پتہٕ درباری سرپرستی
لبنہٕ محروم تہٕ کاشر شاعری تہٕ آسہٕ تھٔتۍ ستۍ ژھوکنہٕ
ہیژ مرٕ۔ اکھ تیٚتھ دور گوو شروٗع زَن تہٕ وٕنۍ کتھ کینہہ تہٕ
اوسنہٕ۔ وجہ اوس صاف زِ سماجس منز آسنہٕ گژھِ تہٕ قسمٕچ
انقلابی نوعیتٕچ تحریک یتھ منز دانشورن تہٕ تخلیقکارن
ہنز شمولیت لازمی بنہٕ ہے۔" ۱۱

چک دورس منز تہٕ میوٗل ادبس، ثقافتس تہٕ فنوٗن لطیفس ووٚتھ واتھ۔ سلطان حسن شاہ اوس پانہٕ تہٕ شاعر۔ اُمۍ سٕندِس دورس منز لوٗگ عالمن، فاضلن شاعرن تہٕ خطاطن ہندیُن گرٕ ژھن کٔشیرِ۔ یور یِتھ اوس بادشاہ تِمن سیٹھاہ قدر کران۔ سلطان حسن شاہس چھُ فنوٗن لطیفن تہٕ خاص کرِتھ فن موسیقی ستۍ عدروس لگاو اوسمُت۔

*"He established a separate and well organised department of Music under the headship of Srivara and as many as one thousand and two hundred musicians lived at his court"*[12]

چک دورکہ کٔنہ تہٕ پاٹھرٕگ یا ڈرامائک چھُنہٕ نیب یا ذکر میلان۔
البتہٕ چھ فن موٗسیقی سٹھاہ عرُوجس پیٹھ آسمٕژ۔ یوسُف شاہ چک
چھُ گیون محفلن منٛز شریک سپدِتھ تمیک لطف تُلان اوسمُت۔ کاشِر زبانی چھُ
امہٕ دورٕک سارٕوے کھوتہٕ بوٚڈ دیٚت حبہ خوتوٗنہٕ ہنٛدی ورژن۔ یوسف شاہ سٕنٛز
بےٚ کانٛی آسنہٕ موجوٗب چھُ کاشِر زبانی تہٕ کم کاسہٕ توجہ میلان۔ موغلن ہنٛدِس دورس
منٛز تہٕ چھُ پاٹھرٕگ سفر رواں دواں روٗدمُت۔ رقص تہٕ موسیقی چھِ تہندی من پسند
شغل آسی مٕتۍ۔ لکہ تھیٹرن تہٕ آس اتھ وقتس منٛز کانٛی وسعت لبمٕژ۔ موغل بادشاہ
چھِ بانہٕ تہٕ پاٹھرٕ شوقہٕ سان وُچھان آسی مٕتۍ۔ مگر بدقسمتی کنۍ چھُ امہٕ دورکہ اکہ پاٹھرٕ
ناوے یوت آسہٕ تام وۄتمُت۔ یتھ موغل پاٹھر" نادِ چھُ۔ پاٹھرن سٟتۍ موغلن ہنٛز
دلچسپی ہُند اندازٕ ہیکہٕ بوٚنہٕ کنہِ کہ اقتباسہ سٟتۍ سپدِتھ۔

> یمو چھِ لکہ تھیٹر سگناونہٕ خاطرٕ قابلِ تاریف قدم
> تُلی مٕتۍ۔ دیپان یمو چھُ بڈشاہ صابن تجربہٕ عملہِ منٛز
> اُنتھ۔ تمن سارنے جاین تربیتی مرکز قایم کٔری مٕتۍ
> یتہٕ یتہٕ عوامی فنکار لبان آسی۔"[۱۳]

موغلو پتہٕ، چھِ پٹھانن ناآزموُدہٕ تہٕ اناڑی کٔن تل لگان۔ یم تہٕ کاہنہ سیاسی
علمی تہٕ ادبی شوٗعوٗر آسی تھاوان۔ تمن یُس ظلم بیٚیل سہ کوٚر تِمو لوکن پیٹھ۔ لوکھ دراے
بیٚین جاین کُن ہجرت کرنہِ۔ نتیجہ دراو اتھ اَدی لوٗٹس تہٕ ظلم و جبرس تحت گوو
سوٗرُے ادبی سرمایہ ضایہ۔ مگر امہٕ باوجوٗد تہٕ روٗدی سانٛہِ کُکہ فنکار ینہٕ فنکہِ ذریعہ

پننۍ کتھ ہیٚنٛن تام واتناوان ۔ یوٚتانۍ ڈوٛگرٕ راج یِوان چھُ ۔ ڈوٛگرٕ حکمران چھِ نوٚ اندازٕ لوٚکن ہنٛز فلاح خاطرٕ مختلف کامہٕ انجام دِوان ۔ زندگی ہنٛدِس پرتھ شعبس چھِنےٚ نوٚ ترتیب دِنہٕ یِوان ۔ لُکہٕ فنکارن چھُ ٹیکس معاف کرُنہٕ یِوان ۔ اَتھ بدلہٕ اوس یمن لُکہٕ فنکارن یا بانڈن مختلف جاین گژھتھ پننہٕ فنک مظاہرٕ آسان کرُن ۔ یمن فنکارن گیہٕ نوٚ سرٕ ستھ ہش پاڈ دِنہٕ یتھ پاٹھۍ ہیوٚت لُکہٕ تھیٹرن تہٕ واش ہیُٚکہ کڈُن ۔ حکمران تہٕ اَکھ سرپرستی کران ۔ بانڈ آسی پتہٕ گامہٕ گوم پھیرتھ پننُ فن ہاوِتھ پننُ اوذِ تہٕ کماوان تہٕ لوٚکن ہنٛز دل بہلاۓ سۭتۍ سۭتۍ لوٚکن ہنٛد داد بداد تہٕ حاکمن تام واتناوان ۔

*"It is said that Maharaja Gulab Singh acquired a very intimate knowledge of village administration from the Bhaggats performances"*[14]

۱۹۳۰ء تانۍ واتان واتان چھُ تھیٹر ترقی ہنٛز وتہٕ پژاوِتھ تہٕ رَس آسان ووتمُت ۔ مگر سۭتۍ چھِنےٚ تحریکِ آزادی بارسس یِوان ۔ لطیف فن تہٕ لطیف احساس چھِ مورد گژھان ۔ لُکہٕ فنکار چھِ مادانوٚ پیٹھ موٚرِتھ گرِن تانۍ محدوٗد گژھان تہندٕ حالت چھِنےٚ ناگفتہ بہٕ سپدان ۔ آزادی پژاونہٕ پتہٕ آے لوٚکن بنیادی حقوق دِنہٕ ۔ تالیمی ادارن سان آے درجہٕ واد ادارٕ کھولنہٕ یمن منٛز ترقی تہٕ لوٚکن ہنٛز بجاۓ تہٕ ضروٗریاتکۍ شعبہٕ قابلِ ذکر آسی ۔ VISUAL MEDIA ( پردٕ ) اخبار ۔ ریڈیو سٹیشن شروٗع گژھنہٕ سۭتۍ پیٚو لوٚکن ہنٛز دِلچسپی پاٹھس سۭتۍ واریاہ کم تہٕ کیازِ تہٕ ریڈیوہس پیٹھ آیہٕ لوٚکن ہنٛد دل بہلاۓ خاطرٕ نوٚینہٕ (VISUAL MEDIA) پروگرام ہاونہٕ تہٕ باوَنہٕ یمہٕ سۭتۍ لُکہٕ تھیٹرس یوٚہے دب ہیوٚ لوٚگ ۔

پاٹھر چھُ نوٗ زندگی "جشنِ کشمیر" مناونہٕ کِس موقعس پیٹھ لبان۔ سنہٕ چھُ ۱۹۵۶ء آسان۔ جشنِ کشمیرس منز آیہٕ رنگہٕ رنگہٕ پروگرام پیش کرنہٕ۔ گامہٕ شہرٕکۍ لوکھ بیدی اکۍ سے جایہٕ جمع۔ ترٛن تہٕ گیون محفلہٕ آیہٕ لاگنہٕ۔ مختلف پرگنن ہندۍ فنکار بیدی اکھ اکۍ سہٕز شخصیژ تہٕ فنس ستۍ متعارف۔ کلچرل اکادمی بارسس ییٚنہٕ کنہٕ ووٚتھ مختلف فنن نوٗ سہر دس ۱۹۵۸ء منز۔ بارسس آمتہٕ امہٕ ادارٕ ڈسی آیہٕ مشاعرٕ، پاٹھر، افسانہٕ محفلہٕ، محفلِ موسیقی، فنِ خطاطی بیترِ چیزن پیٹھ انعامی مقابلہٕ منعقد کرنہٕ۔ اتھ ادارس تحت تہٕ آسی اکہِ پرگنکۍ فنکار بییس پرگنس منز گژھتھ پاٹھر پیش کران۔ تیتے یوت نہٕ بلکہ روٗد یہِ ادارٕ یمَن فنکارن مالی معاونت تہٕ کران۔ ریڈیو کشمیرن تُلُو یہِ فن زندٕ تھاونہٕ موکھ کیہنہٕ اہم قدم۔ ریڈیوس پیٹھ آیہٕ واریاہ پاٹھر پیش کرنہٕ۔ امہٕ ادارٕکۍ منتظمین گیہٕ لکہٕ فنکارن ہندین قیام گاہن پیٹھ۔ تمن ستۍ کرٕکھ کتھ باتھ۔ تم انٹرویو کرٕکھ ریڈیوس پیٹھ نشر۔ گوڈنیک لکہٕ پاٹھر اوس "گریسۍ پاٹھر" یُس ریڈیوس پیٹھ نشر آو کرنہٕ۔ امیک لکھارۍ اوس محمد سبحان بھگت۔ ریڈیو کشیرکہِ وساطتہٕ آسی یم فنکار مختلف جاین گژھتھ پاٹھر گندان۔ سٹیٹ انفارمیشن محکمہ فیلڈ آرگنائیزیشن، سانگ اینڈ ڈراما ڈویژن ہیوٗ ادارو ڈسی تہٕ میوٗل پاٹھرس تہٕ تھیٹرس کافی ووتھ لوٗ۔ امہٕ علاوٕ روٗدۍ اکنگام کشمیر بھگت تھیٹر، گلشن تھیٹر بلہ پور، بڈشاہ تھیٹر ہانجی گنڈ، لکہٕ پاٹھر سینٹر یچھ کام بیترِ تہٕ وژھ واُنجہٕ تہٕ شعوٗرۍ طور پاٹھرن گوڈ بران تہٕ جایہٕ جایہٕ گژھتھ پاٹھر پیش کرٕتھ اتھ فنس زندگی بخشان۔

موجوٗدٕ دور چھُ ترقی ہندۍ نوٗی نوٗی منزٕل پراوان۔ ییتھ ڈش DISH تہٕ کیبل CABLE وقتس منز چھِ دوہہ پیٹھ دوہہ نوین قسمکۍ تفریحی

پروگرام لوکن ہند کر دِل رٔنزناونہٕ باپتھ پیش کرنہٕ یوان۔ یِمہٕ پتہٕ لکہٕ پاٹھرٕچ رِوایت ورأے ژھوکنہٕ ہیٚرنی تہٕ امہٕ کِس رُژھراونُس بیٚٹھ چھ توجہ دِنک ضرورت، نتہٕ چھُ امکان نوٚو نسل یُس بر دنٹھے ینہٕ ثقافتہٕ نِشہٕ لاعلم چھُ تہٕ وُنی کین ہرگاہ کُنہٕ کُنہٕ بانڈٕ پاٹھرٕک تہٕ لکہٕ پاٹھرک ناوکنہٕ چھُ گرشھان چلہے کُنہٕ تہٕ ذریعہ، ینہٕ والین وٚرِین منز۔ مگر تھن ہینہٕ ذہن ہتہٕ بدن وٚری ین ہندٕ آگہی دِنہٕ والہٕ امہٕ سرمایہ نِشہٕ بلکلے کھیہٕ بُزی تہٕ بقولِ محمد یوسف ٹینگ۔

"بانڈٕ پاٹھر چھُ وونی فلم ریڈیو تہٕ ٹیلی وجنہٕ کہ حملہٕ
ستی اکہٕ زبردست خطرک شکار سپُد مُت۔ امہٕ
چھُ گوڈے موغل، آزمی تہٕ تلہٕ وٲنی پاٹھر راوی متی۔
وونی چھُ باقے پاٹھرن تہٕ ارہٕ زُو نیران" ۵

پاٹھر چلہے سہٕ گوسانی پاٹھر چھُ یا رازہٕ پاٹھر، دٔرزہٕ پاٹھر چھُ یا بکروال پاٹھر، انگریزی پاٹھر چھُ یا واتل پاٹھر، بہری پاٹھر چھُ یا شکارگاہ پاٹھر یِم ساری پاٹھر چھِ اکہٕ نتہٕ بیٚیہ رٔنگی سانہٕ اجتماعی شعورٕکی نمایندہ تہٕ یم چھِ سانہٕ سیاسی تہٕ سماجی زندگی ہنز۔ عکاسی اغلب ترین اندازس منز کران تہٕ ٹی وی یا ریڈیو ہکن نہٕ کُنہٕ تہٕ لحاظہٕ تہٕ یہند متبادل بنتھ۔

●

# کِتابیات


۱۔ محمد سُبحان بھگت "باندٕ جشن" ۱۹۸۴ء

۲۔ محمد سُبحان بھگت "کاشُر لُکہٕ تھیٹر" کاشُر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی ۱۹۷۹ء

۳۔ ایم ایل کپور "کنگ ڈم آف کشمیر" کشمیر ہسٹری پبلیکیشنز جموں ۱۹۸۳ء

۴۔ ڈبلیو آر لارنس "دی ویلی آف کشمیر" سرینگر، ۱۹۶۷ء

۵۔ محب الحسن، "کشمیر انڈر سلطانز" ۱۹۵۹ء، کلکتہ

۶۔ اُنہار "لُکہٕ ادب نمبر" کشمیری ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی ۱۹۸۷ء

۷۔ ہمارا ادب "لوک ادب نمبر" کلچرل اکیڈیمی سرینگر ۷۶-۱۹۷۵ء

۸۔ پنڈت کلہن "راج ترنگنی" انگریزی ترجمہ آر، ایس، پنڈت

۹۔ پروفیسر شفیع شوق، ناجی منور "کاشرِ ادبُک تواریخ" ۱۹۹۲ء


---

## حاشیہ

ا۔ بھانڈٕ جشن۔ محمد سُبحان بھگت، صفحہ ۱۰ ۲۔ THE KINGDOM OF KASHMIR

RAJTARANGINI-ENGLISH TR. R.S. PANDIT P.51 - ۴/۳ BY M.L KAPOOR P258.

۵۔ RAJTARANGINI ENGLISH TR. R.S PANDIT P.5

۶۔ کاشُر لُکہٕ تھیٹر۔ محمد سبحان بھگت PP333, 334 ۷۔ RAJTARANGINI RP 333-334

۸۔ KINGDOM OF KASHMIR BY M.L. KAPUR P88

۹۔ KASHMIR UNDER SULTANS MUHIB-UL-HASSAN P. 93

۱۰۔ KINGDOM OF KASHMIR - M.L. KAPUR P. 379

۱۱۔ کاشرِ ادبُک تواریخ ناجی مُنوّر، شفیع شوق صفہ ۷۵

12۔ KINGDOM OF KASHMIR M.L KAPUR - P. 337

۱۳۔ کاشُر لُکہٕ تھیٹر۔ محمد سبحان بھگت۔ صفہ۔ ۱۰

14۔ THE VALLEY OF KASHMIR . W. LAWRANCE P. 256

۱۵۔ بھانڈٕ جشن۔ محمد سبحان بھگت۔ صفہ 7

# کأشرِ زبأنی منز گوڈنیک سمأجی ڈراما

## اکھ سأم

مشعل سلطانپوری

پروفیسر محی الدین حاجنی مرحوم سُند لیوکھمُت "گریس سُندگر" ڈراما نہ چھُ اوکنی اہم زِ اَتی بیٹھ کیا پیٹھ کأشرِ زبأنی منز ڈراما لیکھنس ڈسلا بہ تہ نہ اوکنی زِ یہ چھُ تکنیکی لحاظ کانہہ بوڈ تہ تھکنُ لایق کارناما۔ اَمچہِ اہمیتُچ چھِ بدل وجوہات۔

کٔشیرِ منز چھِ کأشرِ زبأنی ہندی لکھأری ڈراما لیکھنس کُن تمنے دوہن متوجہ سپدان ییلہِ اُردو زبأنی منز امتیاز علی تاج جدید اسٹیجکی لوأزمات نظرِ تَل تھأوِتھ پننُ مشہور ڈراما "انارکلی" لیکھان چھُ تہ ییمہِ سِتی اُردو ڈرامہُک جدید دور شروع گژھان چھُ۔ یہ اوس ۱۹۳۲ء۔ گوڈنیم ڈراما لیکھنہ آے تِم آسی دھارمِک نوعیتکی۔ مثالہِ پأٹھی پنڈت نندلال کول مند لوٗ سُند لیوکھمُت ڈراما "ستیہ کہوٹ"۔ بقول اوتار کرشن رہبر "اَتھ ڈرامہس چھے سأنِس ادبس منز سوے حیثیت حأصل یُس زن امانتہ سُنس "اندر سبھا" ناوکس ڈرامہس اردو ادبس منز چھے۔ اَمہِ پتہ لیکھی تاراچند بسملن "ستیہ وتھ" رامہ اوتار اکہ نندن پریچھ کہوٹ ہوی دھارمک تہ نیم مذہبی قسمکی لوکہٕ موکہٕ ڈراما۔ غلام نبی دلسوزن لیکھی کینہہ تفریحی تہ لولہ ڈراما مثلن شودہ، لال مجلون، شیرین خسرو بتہ تہ پنڈت نیل کنٹھ شرماہن بلوامنگل تہ سوینہ واسہ وادتا ہوی ڈراما۔ تیکنیکی لحاظہ چھے یِم سارِنے کوششہ کیہ

پیٚہن ٹارِ کھسنہٕ لایق ۔ سٹیج لوازمات تہٕ چھِ منساونے ہیوٚو آمتۍ تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ "سٹیج کھوٹ" رگھناتھ مندرِ سٹیج سپدان ۔ یہ دور چھُ پنڈہن شرہن وریٚن تام روزان ۔

بلکل اَتھی دورس منز ۔ نند لال کول ہنٛدِ "سٹیج کھوٹ" ڈراما لیکھنہٕ پتہٕ ستھ اَٹھ وری پیٚلہٕ پروفیسر حاجنی ایس پی کالجہٕ پرٲنۍ آسان چھُ، چھُ سُہ "گریسِ سُند گرٕ" ڈراما لیکھان ۔ ظاہر چھُ زِ تمن بروٚنٛہہ کنہٕ آسہٕ کاشُر ڈرامہٕ کانہہ ذٕر لوٚاتھا، اَمہٕ رنٛگۍ تہٕ اوس تہٕ اوس اُردوٗ یا انگریزی پاٹھۍ تہٕ دوٚشونی زبانن ہنٛد مزاز تہٕ ماحول چھُ کاشُر نِشہٕ بیوٚن تہٕ بدٕن ۔ سوال چھُ پاد گژھان زِ حاجنی صابس کیٛتھ پاٹھۍ گیہ یتھ ڈراما لیکھنس کُن کَل، یتھ منز اکھ بدلے موضوع آمُت چھُ ۔ میأنی کنہِ چھِ اَتھ زٕ وجہ ۔ اکھ یہ زِ حاجنی صاب اوس تتھی ماحولس منز لبسان ییٚتہٕ یم مسلہٕ کالہٕ پگاہ نکن نوز دیاوان آسہِ تہٕ زود حیس آسہٕ کنہِ آسہِ مرحوم یہ سورے کینہہ اظہارس منز اَنُن یژھان ۔ بیاکھ اَمہٕ کھوتہٕ اہم وجہ یہ زِ حاجنہٕ کی وہاب پرے مرحومن آسہِ یتھی حالات بروٚنٛہہ "درویشی" سنز اظہارس منز ۔ اَنِہتی ، یوٚدوَے یہ نظمے اندر اوس ۔ حاجنی صابن ژٲرِ بدل صنف یعنے نظمہٕ بجایہ نثرِ تہٕ تتھ منز تہٕ ڈراما ۔ یہ ڈراما لیکھنُک زمانہٕ چھُ ۱۹۳۸ء تہٕ اَمی وری چھِ اَمکۍ کینہہ قسط ایس پی کالجہٕ کِس "پرتاپ" میگزینہٕ کِس کاشرِس حصس منز چھپان ۔ اَتھ متعلق چھُ "کاشُر نثرٕچ کتاب" ہندِس پیش لفظس منز حاجنی صاب لیکھان "۳۱ ییٚٹھ زٕ نجس تام آیہ کاشرِس نثرس منز صرف ترٛے کتابہٕ لیکھنہٕ، ۴۳۳ ییٚس منز آنند کولنہٕ زٕ کتابہٕ "کاشِر پرژھ" تہٕ "کاشرِ محاورٕ" تہٕ "گریسِ سُند گرٕ" (اُسہ عملی ڈراما) یمِکۍ گوڈنِکۍ حصہٕ سنہ ۱۹۳۸ء ییٚس منز پرتاپ میگزینس اندر چھپیے یہ[1] شاید

---

[1] حاجنی صاب چھِ اتھ کتاب ونان، کیا یہ اوسا صرف پرنہٕ خاطرٕ کنہٕ ہاونہٕ خاطر ۔ اگر ہاونہٕ خاطر اوس تیٚلہِ سپدنہٕ کتابن منز شمار ۔

چھ کاشرِس نثرس منز یہ کُنے اکھ سہ علی پاٹھر۔ اَتھ منز چھ ہاوِنہٕ آمت زِ کِتھ کنۍ چھ
بچارِس رزاق بٹس پننۍ زِٹھو تہٕ لیڈر، ساہوکار تہٕ چکدار، حکومت تہٕ باتے تھپل شالی
تار کھہاوی ہاوی ؤنہ والان تہٕ تِمہ زِ سونتہٕ نیتھ ہرِ دِنہٕتھ ہوان"۔

اَمہِ پتہ سپُن یہ ڈراما "گُرِیز" ناوِ رسالس منز قسط وار قسط چھاپ۔ پوز نامکمل۔ مکمل صورژ
منز سپن اکہ کتابہِ رنگۍ ۱۹۵۴ ءِس منز شایع۔ شایع کاراوس پانہٕ پروفیسر حاجنی۔
اکھ ساس جلد آو چھاپ کرنہٕ۔ مول رؤدس سو آد روپے، سرینگرے چھپیو وکے پی
سٹیم پریس منز۔ ضخامت ۱۶۰ صفحہ، کاغذ ؤسی تھے۔ رسم الخط منز بے، کتابت
معمولی تہٕ چھپاے اؤگر تھؤ گر۔ یہ نینیو وہ زِ حاجنی صابن کؤرا یہ نظر ثانی کرتھ شائع
کِنہ تمہ رودتے، چھپے ہیو قسط رسالن منز۔ ؤچھِتھ چھنہٕ نظر ثانی کرنچ شہادت میلان۔
مرزا عارف صابنہٕ (یم تمہ وقتہٕ سری کلچرکی ڈائریکٹر آسی) دُعایہ خارؤژتھ یہ کتاب
اُتھواتھ، پرتھ کرم کشس آیہ اکھ اکھ کاپی دِنہٕ تہٕ سون گرتہٕ واژ۔ یتھے پاٹھی، کاشرِ
جنگنامو، لولہِ مثنوی یو تہٕ کاشرِ مسلہ کتابہٕ ہِتہ آس یہ گوڈنچ کاشر کتاب یوسہ مٕے اَچھِ
جمارژ منزے نظر گئیہ۔ اَتھ ڈرامہس چھ تمو پانہٕ پاٹھر دوٚنمت تہٕ اداکارن چھکھ
پاٹھر چارن واکی لیوکھمُت، پوز ڈراما چھ باگراوان ایکٹن تہٕ سینن منز۔ یہ چھ ترن ایکٹن
ہُند ڈراما۔ گوڈنکس ایکٹس چھ پانژھ، دوٚیمس تِنے تہٕ تریمس ستھ سین۔

پلاٹ چھ یہ زِ اَکس گرِستس ییٚ رزاق بٹ ناو چھُ، چھے زنانہ نیلے
تلان زِ شُرِ لے بالغ گاہتی چھ یمن کیاہ زِ چھُکھنہٕ خاندرُک سند بند کران۔
گرِستیس بچارس پھھے پننن کوٹھن پیٹھ نظر، تس چھُنہ پرونے قرض نِکھ وسان
بتہ پھلہ جوران، یہ زراتہ منز نیران تہٕ چھ ؤڈِ دارو، چکدارو، معتبرو تہٕ
بینیو لوٹرو بُرزی گژھان۔ خاندر کیاژ ہیکہ کرتھ۔ مگر زنانہ ہندس دباوس
تل یتھ چھ آماد گژھان۔ مزید قرض چھ تلان، پوز اَتھ خاندرس چھ سارِی

پیٹھ ڈار تہٕ آدم قحطکی زِٹھ مخالف گژھان، یِلہٕ تہٕ رنگہٕ رنگہٕ بھوس اُتھان تہٕ تم
کامیاب گژھان چھِ، رزاق بٹ ییٚمِ وِزِ پرٛژھلی کرنہٕ گژھان چھُ، اُمس چھِ
پیٚتھ کنہٕ گرس مار دیاوان، بچارس وۄڈبی تال چھس دزان، یِم ظالم چھس موتس
تہٕ مُلس خریدار ژھانڈان، کیا نموس قۄتس مَنز، کیا دِمو باتے قۄندان الله کیا گژھِس
رشوت تہٕ بُزی، یہٕ دولابہٕ چھُ چلان زِ گامہٕ برادری چھُ غارتھ یِوان۔ کورِ مول
چھُ رزاق بٹس ینُن اکھ مکانہٕ لبتہٕ باپتھ بخشان۔ قیٚمتُون چھُ اکھ ساس
ڈبل نقد انان تہٕ سورُے قۄضہٕ وَرضہٕ نِنِھ والان، خضر بٹ چھُ خاندر پچ
سانتہٕ تیار کران تہٕ خاندر چھُ فلفور کرنہٕ یِوان۔ گامچ ساری کرٛیلے چھِس
اکھ اکھ کنالہٕ زمین بخشان یُس وَاتھ ڈوتھ رزاق بٹس گرواتن وُک فاصلہٕ
چھُ سپدان۔ ساری ظالم تہٕ دُشمن چھِ ہکرٕ ہکی گژھان۔ یِتھہٕ پاٹھۍ چھ پلاٹ
موخصر، یِد سیود تہٕ رہ راست پکان، اَکہٕ منز، جھبہٕ کانہہ پیچیدگی، کانہہ
موڑ چھینہٕ ورہول، تمو موقو رُدّس ییٚتہٕ رزاق بٹس تمے چونبھ کھیوان تہٕ
کھن تراوان چھِ، یِم تس دردلی ہاوان چھِ تہٕ یمن سٕہ مدد گار رزانان چھِ
خاص کرِتھ ملہٕ یا یمن سٕہ پرٛژھلہٕ پیٹھ ساس انان چھُ تہٕ تمے چھس نیا یکُ
باعث بنان، مثالہٕ پاٹھۍ معبتر، چوکی دار تہٕ مقدم بیتر۔ واقاتن ہُند سلسلہٕ قایم
کران کران چھِ کینہہ ضمنی واقاتھ تہٕ شامِل سپنمتۍ، مثالہٕ پاٹھۍ، سرکارک
مدرسہٕ قایم سپدن، شخصی راجس خلاف تحریکہٕ ہندس سلسلس منز تمایندٕ
سُند جلبہٕ کرُن تہٕ کمیٹی بنن، رزاق بٹس نیچوُس رستمُن گبہٕ راچھ دوستن
ہنز درباراہ، سرکاری کارندن ہند ینِ ینہٕ آیہٕ مال وٹنہٕ ینُ، یِم ضمنی واقات
چھِ اہم واقہ ہن ہندی کرِ رلاونس منز، مدد کران ییٚمہٕ کِنہٕ پلاٹس منز۔ ڈیٚجر
چھینہٕ ہکان پادٕ ییدِتھ یِتھہٕ پاٹھۍ چھ بظاہر سورُے ڈراما، مطلب تمام

داقایتھ رزاق بٹنس ہنٛزوس خاندر کرنہٕ کِس مرکزی نوقطس اَندی اَندی ترٛاوان پوٗزٕ ادٕبکِس
پوٚت منظرس متعٕلق چھُ وُنہٕ ہتہٕ لِکس ترٛیمس ڈیلس دوران شخصی راجس تہٕ جاگیرداراَنہٕ
نظامس تحت گامہٕ گریستیَن ہنٛز سماجی، اقتصادی، سیاسی، مذہبی تہٕ نفساتی حالژ
ہُند آنہٕ بوٚنتھ کنہٕ تھاونہٕ آمٕژ۔ سماجی حالت چھےٚ یہِ زِ گریستَن چھُ خانہٕ جاداکترٕ وِ
بانہٕ پوٚنہٕ، یتھٕ ژومبرٕ، بتہٕ کھنجہٕ جوراہ، ژادرِ شکرا تہٕ نالٕ مل ترٛاوتھ ہیوٚ مٕتُل، بیزار
خال کانہٕ۔ بھوٗل کوکراے نوٚہس تہٕ سرکاری کارندن کیٚنٛ، تیوٚرا ژھاولاے اوٚسُس
سٕہ چھُس کاروارس سوٗزٕن، نتہٕ ڈری تھےٚ گوس تہٕ ژادر وادر کٔرِن تیار سو
گیہِ موتبرس یا مقدس، وٚریس جھتھ جورتھ چھُس نہٕ اَن تہٕ پوشان۔ برٕ ے
چھُس کھل ڈُوِتھ تھاوان۔ کانسے خال مسانا اوٚس، ترٛاہہٕ بانہٕ چھُ بڈٕن لوکن
ہندے گرِ نظر گرٛزھان، تالیم پرٛنس چھُس ٹاکھ، اوکُن گرٛزھہٕ ہیتہٕ ڈلہ یانے
دماغ روزلس نہٕ ڈنجہِ، ذرِیٕ معاش چھُس ڈج ڈوٗر، معتبراے زٕکھ گوس
چھلناولس تمہٕ نٔنہٕ تہٕ اَتھہِ، برٛن تام چھُس نہٕ بنٛنٛ، یہِ چھُنہٕ بکین، یہ چھُ
پیر در پیر لسہتھ لسہتھ تہٕ دانگ وارے ہے، روپیہِ بتھٕ ڈُچھن چھُس خاب
میلس تے وڈ ژھٕتھ یا سوٗدس پیٹھ دوہِ زِم تلتھ، زاہ کالاے بھوٗل کوکر تھوٗدہس
تہٕ ژوٗرِ ژھینہٕ کنھ ہیوکُن سٕہ چھُس تھپلن کیٚنٛ۔ قرضک لرٕ ز چھُنہٕ برٛزس
تہٕ سوکھ دِوان۔ ترٛے روپیہِ کھارے وڈتلِ، ہوٗرتھ نے ہینکہٕ وڈ پھٹتھ چھُس
اُتھی کھار بندہ روپیہ جمع گرٛزھان، سٔتن پیرن تام چھُس پہاے لار۔
سیاسی لحاظ چھُ چار دای سندکھوتہٕ بتر۔ اُمس چھُنہٕ کانہہ حق، ظُلمس خلاف
ہیکہٕ نہٕ دندس پیٹھ دند تلتھ، ادٕ آزلوٗ مژرِتھ۔ اُمس چھُ پرٛتھ ظُلم ژالُن،
ادِ ہیکہٕ دوہ کڈتھ۔ مذہب دار چھُ تیٚلہ ییلہٕ نہٕ زِ ہُس زِ ہیٚس بردہ نہٕ کنہٕ
کُتھ کرِ، یہِ گامہٕ ملہ وٕنس تی چھُس کرن، لتس اے موکھ مانگے دیہِ، خدمتھ کرِ،

سوٗرے بوٚر لوٚتِس، خوداگرڑھس خوش پٹہ جنتی بنہٕ ، رزھتیے ہیوٗر بوٚن گوس، جہنمس گرٹھِ، نفسیاتی لحاظ چھُ تو ہم پرست۔ پننیے ٹھاین کھوڑان۔ گرس منز تِنہٕ کھُلہٕ ڈلہٕ کتھ کرنس بہران، پننیے کانہہ باڑ ماواتاوِ ظالمن شیٖنچھ۔ کانٛہہ بیٚھ نہٕ پرٛتھ اعتماد چھُس رووٗمت، پوٚت کھلبہٕ رٕتنہٕ شہہ تراوان۔ نہٕ چھُس ملالہٕ گرٹھان۔ اَمہٕ خاطرٕ دمہٕ بہٕ نہٕ ترٛیے مثالہٕ۔ منزم یوٚد چھُ گوبر مالس بیٚنز منزٕ وُچھتھ مبارکھ کرنہٕ گومت تہٕ پلہٕ چھُ واتان۔ اورٕ پٛ یورٕ پٛ کتھا کرٕتھ چھُ وَنان" بہٕ تہٕ چھُس پننِہِ کِنہِ ہمتُل تلُم بھِتے دیوٗ لگہٕ نا یہ ناو بجھس۔ خار فلحال اَتی تو کاٹھ مانگے، گاسہ مانگے، تیلہٕ مانگے، مونگہٕ مانگے تہٕ بیٚنہٕ باتے چیزن منز مانگے تیٚہ روزن تو وُریکھِ نمازٕ تہٕ روزہٕ الآخرے" (ایکٹ اسین ۵)

بیاکھ مثال۔ پلہٕ چھُ کورٕ مالی سندِ لوزان زٕ منزم یارِ کیا کیٚ چھُ گوبرٕ مالی سُند تھوٚکمُت تہٕ وَنان چھُ "فتح لوٚنس کرٕ سکراتکُ اَمہٕ ایرٕ، نہٕ چھِے رزاق بٹس گاد تہٕ نہٕ وٛوٚزھ، نہٕ ترٛیے زور تیٖر، چھُر تو اکھ چھُس کتہٕ تان اَڈرٕ اَتی مرٕ بی چھُس بُڈہِ واندا ہمِس نہٕ بسُ تہٕ چھُ لیوان ڈنڈی.... تراہ بانو منز چھُس ژکہٕ رڈس پٛتلہٕ تہٕ جالہٕ رڈس سماوار، بی چھُس دقیانوسی وقتکُ ژادرٕ روٚدا اکھ تھٕ تل چھِ دندس منز۔ دہ باتر سردی تس چھُ جوٗ تہٕ پٛر بٛج کران۔" (ایکٹ ۲ سین ۳)

ترٛیم مثال۔ رزاق بٹ چھُ باپارس نِش حساب کرنہٕ گرٹھان، معتبر، نمبر دار تہٕ گامہٕ زُبٹھ چھُ باپاری ہندِ بہے والنس بیٚھ آسان۔ رزاق بٹ چھُ پرات لیکھنی ہیوان۔ معتبر چھُ باپارس کن وَنان" یوٚہس گرٹھس پرٕ شُکس منز خص والُن۔ آخر گگراے فی کھار سیر جورانوان چھُ تم کتہٕ تیرِنس، فی کھار لے سونٕتس تان ترٛکھ تار موزان چھُ یا ٹُکس تراوِلس اے پرٕ سیٚتھ کھار پانژ واچھوٚنان چھُ

رُ کسر کُس دِیَں" (ایکٹ ۱، سین ۲)

یوٗتاں ڈرامہک مرکزی خیالک تولُق چھُ، یہ ہیکو نہٕ وُنتھ زِ حاجی صابس کیا مقصد اوس، یہ آسہٕ گریستین ہنز ہر لحاظ یہ وۄدۄنی برژھونی زندگی کاکدس کھالتھ محفوٗظ تھاوٕنی، کِنہٕ اکھ ڈراما لیکھن استحصالس خلاف یا کُنہٕ بدل مقصدِ کنہٕ۔ یوٗز ڈراما پرِتھ چھُ باسان زِ مرکزی خیال چھُ "ظُلمس تدوٗرک ژھارُن" اتحادٕ تہٕ ایثارکِنی ہیکہِ ظُلمس کامیابی سٟتؠ مقابلہٕ کرنہٕ یِتھ تہٕ ظالمن، دُشمنن تہٕ جابرن شکست دِنہٕ یِتھ۔ مرکزی خیال وُچھتھ تہٕ ڈرامہک انجام تصوٗر تھوٗتھ چھُ باسان زِ یہ چھُنہٕ انقلابہٕ چوٗکِ اگر الوٗ سٟتؠ متاثر گژھتھ لیکھنہٕ آمُت، یہ چھُ اکھ اصلاحی یا تعمیری منزِ یہ ہاونہٕ چھُ آمُت زِ اتحادُک تہٕ ایثارُک ثبوٗت دِتھے چھُ مخالف طاقتن ہُند زور پھُٹان۔ رزاق ٹینس گرس نار دِتھ خبر لوٗزِتھ اگر گرٚیسی دُشمنن خلاف طاقتُک استیمال کرہن یہ گیے یہ بغاوتھ، یہ گیو انقلاب اَتھہٕ بایتھ عملی قدم۔ یوٗز تِم چھہ اتفاق کرِتھ تہٕ ہمت کرِتھ رزاق بٹس مدد کران تہٕ دُشمنن ہنز چالہٕ ناکام کران، یہ گو اصلاح۔ ٹالسٹاین تہٕ پریم چندن تہٕ چھےٚ واریاہس کالس پرٚتھے کوٗشِشہٕ کرِمژ، تِم چھہ انسانس اندر موجوٗد غارکین طاقتن وُزناوان تہٕ ہمدردی، موحبتھ تہٕ قُربانی ہندِن جذبن وُتش دِتھ سماجی حالات بدلاونی یژھان۔ گرٚیسی سُند گرٕ ڈراما چھُ کردارنگاری ہندِ حسابہٕ پزنہٕ پاٹھؠ اکھ موٗلل ڈراما، اَمکی کردار چھِنہٕ میٚنژ موٗنتھی یِم چھِ زندٕ جاندار تہٕ سماجس منز پنٕنہٕ وقتہٕ متحرک، باعمل حسہٕ ہوشہٕ والی تہٕ لبنہٕ یِنہٕ والی کردار۔ رزاق بٹ چھُ گامہٕ گرٚیسی سُند نمایندٕ کردار، شریف، نیک نیت، دیانتدار، صابر، برداشت کرنُک عادی، ظُلم وبتراوی وبتراوی چھُ تٕسُند یان پھُمُت، تٕسندی جذبہٕ دبے متؠ بلکہ مٹے متؠ تٕسترٕ انا ختم گامژ، یوٗت کھیٚنؠ کھیٚنؠ تہٕ چھُنہٕ تٕسُند غارتھ بیدار گژھان،

اُمی چیزن چھُ سُہ بُزدِل بنوومُت۔ تس پیٹھِ ینچوو پرٛژھان چھُ زِ "باپاری کیاز ووپے زٕ یے"، سُہ چھُس وَنان "گوٚبراژ زانکھ نہٕ وُنہِ دُنیا بساوُن کیا گو، لایہ نہٕ تِمہٕ چھا کاہہ لوچہ ماجہِ ہُند بنان، آخر یسند کھینہٕ تسند کیازِ ہیٚنہٕ ہٕ، مےٚ چھیہٕ توے تسند بوچھو بیشی لوٚ بہ تہِ لگان۔ بی چھا بیقلا غریبس آسان چوٚپنٕ نروودتین"

(ایکٹ ۱، سین ۳)

اُمی سنٛز جنٛ ییتھ پھٲنٛے ییتھ ڈرامہس منٛز سوے یوٚہ منشی پریم چندنہٕ گوودان" ناوِلہِ منٛز ہوری سنٛز پھٲنٛے۔ ییتھے پاٹھۍ باقے کرٛیسۍ فتح لون، صدیق ماگرے، ولہِ گلٕہ، اسمال گنی، خضر بٹ، گامہ ملہ، معتبر، نمبردار، چوکیدار، باپاری کانہے چھنہٕ بے زو کردار، سٲری چھ فطری تہٕ حقیقی یانے پرٛزۍ کردار، پنٛ پننہٕ طبقکۍ اصل نمایندٕ، یم تہٕ تھٕپل اَتھ ڈرامہس منٛز ہاونہٕ آمتۍ چھٕ، تمن پھٲنٛے پنٛ پتٕن گرٕ پرٛونج فکر، پوٚز پانہٕ وٲدی کُنی کتھ۔ سٲری چھ بوچھین گرٕبن ہندی پاٹھۍ ہیمتس گرٛیتس تکہ تکہ کھینچ کوٚشش کران، اَتھ منٛز چھُنہٕ تمن کانہہ رحم، تہنٛز انٲنیتھ پھٲنٛے شوٚنکھ ہمدردی ہُند چھکھ احساس گوٚ لمُت۔ تم چھِ خودغرض، تھٕری تٕ کارٕ خونخوار، گرٛیتس پوس والنس منٛز چھ تم اَکھ اَکس مدد کران، تکیازِ تہُند مفاد چھُ اکھ اَکس سٟتۍ وابستہ۔ توے چھُ معتبر باپارس پشنے کران تہٕ ملہ معتبر سندس اشارس پیٹھ رزاق بٹس تابد بھوٚل تھاوِتھ، کور مالس نِش گرٛژھاں تہٕ تس وگوٚ زٕ ٹان۔ ۱۹۳۱ء پتہٕ ییمہ آیہ لکو کشیر منٛز لرٕ پرٛن دیُن ہیوٚت تیمک شہہ پتاتہِ چھُ اُمہ ڈرامہ منٛز میلان، نمایندٕ سند کردار، قومی شاعر سُند کردار گامہ والنٹیر سُند کردار، سٲری چھ پنٛ پننہٕ جایہ صحی تہٕ مُناسب، اَتھ موقس پیٹھ گرٛیستین ہُند ردِعمل تہنٛزن آشن ہُند باشہٕ کرُن، تمن اکھ ووٚمید پادٕ گرٛژھنۍ، تم اکھ ہمتھ لبنۍ، تمن اکھ حوصلہ میلُن، یُتھ زٕ نمایندہ سندِ جلسہ پتہٕ

چھُنہٕ اکھ گژیُوس تہٕ کاردارٕ ژُند چِک گَنڈنہٕ باپتھ بیگارٕ پاٹھۍ تس کامہٕ گژھان تہٕ
معتبر چھِ ماوٕ ژاپان۔ ڈرامہس منز چھِ مکالمہٕ کردارن ہنز شناخت قایم کرنچ
تہٕ تہنز اصلیت ہاونچ کھوٚٹ۔ کتھ باتھ گژھِ کردارن سیتۍ ہشر تھاوٕنی تہٕ
تہندِ مزاز، روٗتہٕ، داٗنہٕ، پیشہٕ بیتر مطابق آسن۔ مکالمہٕ گژھن نہٕ آیراوٕدٕتۍ
باسن، یم گژھن پوٚرٕ ٹوٚرِن ہندی پاٹھۍ پانے پھولنۍ۔ اُمہِ لحاظ تےٚ وُچھو،
ڈرامانگارٕ چھُ باسان اَتھ نوقطس واقف تہٕ تمۍ چھُنہٕ اَتھ تہٕ کُٹھ کڈنٕس وار
تھوومُت۔ یوٚدوے ژھوچرٕ مکالمٕچ اکھ خوٗبی چھےٚ پہم، کتھ ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ
آسُن چھُ یتھ تہٕ اکھ ہوتر زانہٕ پیوان، لیکن اَتھ ڈرامہس منز نظر گژھان
چھِ تہٕ ییمہٕ کمزوری ہُند خود ڈراما نگارس تہٕ احساس اوس۔ تس ییلہٕ اُکس
انٹرویوس دوران اَتھ ڈرامہس متعلق پرژھنہٕ آو، تمۍ ووٚن اکے خامی چھِس
زِ مکالمہٕ چھِس زیٹھۍ (وُچھو شیراز، حاجی نمبر) یم مکالمہٕ چھِ کینژن جاین تقریر
ہوۍ باسان۔ پوٚز اَتھ پیٹھ راے دِنہٕ بوٚنہٕ چھُ سوچُن پیوان زِ یم مکالمہٕ
اداکرن والۍ کم ہُنہ چھِ تہٕ تمن کُنَن کیا چھُ کتھ کرنُک طور طریقہٕ۔ گژیس
طبقکۍ زِ باژ ییلہٕ پانہٕ واٚنۍ پامہٕ پام کرن، تم چھِ اُکۍ ہے کتھ تیانۍ کھاران۔
اکھ اُکۍ ہندن عابن ہنز کھوتی بناوان۔ یتھےٚ پاٹھۍ ییلہٕ اُمہِ طبقُک کانہہ
شخص کینہہ ونان چھُ، تہٕ چھُ سارے داٗدی کانژ وِرژھنتھ ترٛاوان سیتۍ
چھُ ژِتس تھاوُن زِ تہٕ اوس فرصژ ہُند وقتہٕ اُزٕچ ہش لارٕ لار اُسنہٕ
زِ سلامہٕ نہٕ جواب دِنچ فرصت تہٕ۔ کتھ زیٹھراونُک اوس تہٕ اکھ وجہ۔ اَمہِ کنۍ
اگر مکالمہٕ زیٹھۍ چھِ تہٕ، یم چھِ واقعیژ پیٹھ مبنی۔ ڈراما نگارس چھُ اُمیُک
ضروٗر تھ باسیامُت۔ وُچھو یہ مکالمہٕ۔ رزاق بڑٕ نین دون بارژن ہُند
تمہٕ وزِ ییلہٕ تم دونٕچ دونیچھ کران چھِ۔"

رزاق بٹ :۔ "تقدیرن واجنم وُنہٕ تہٕ رانسٹا گیم اگادِ، دُنیاہچہ زنانہٕ موکلاوان
ہکس ژوٗر کرِتھ، میانہٕ خانہٕ دارِنہٕ ہندکی ڈسی تہٕ لِوان سوٗر پھوٗت
چھکنہٕ، کوکر پوٗتی نوٗی تن مُلکس، رتھمنی ماج نوٗراوان گانٹن تہٕ
نوٗلن کرِتھ، چاردان ہیٖری تن ترلیشہ زلو پھِٹتھ ہٕ تہٕ اُمس آسنہٕ
آب اسہٕ نگ چباشی گومُت۔ آخر وہ ندمنز رائے چھُس (اکیتہ زٕنی
اُندر اُندی جمع سِدان) ہیارِ ونووکم صفت بہ پکنہٕ گرواجنہٕ ہندی
چاپہٕ باو اسہٕ تہٕ کڈہم تتھ زور زار پھیاہ، نوٗنہٕ روپے اسہٕ تہٕ نِصف
راوِراوِ طاقچو پٹھی، نِصف ژھنہٕ دارِکنی تکیارہٕ تہٕ چھُ اُمی سندی
کُنی آسان لوریٹہ نوٗن تہٕ وتہٕ پٹھ لوبمُت، تلہ منٹا اسہٕ تہٕ موکلاوِ
کھڑرِ کرِتھ"۔ پتھے پانٹھ چھُ تقریر جاری۔

گرواجنہٕ :۔ (شرارتہٕ ستی دند ژآپتھ) "اوژبل وتہٕ ہیٖنُ کینژھا، منڈ چھین
لانژھو تہٕ تم کھیوان نٕژی نٕژی ژے وٗریس منز۔ افسوس تہٕ
چھُے نہٕ گرژھان پتھ کنُ، ژے گبلہ کھ پیٖین، ژنے ذریس اُتھ
کھور پھاٹوٗ تھ پھلس وٗہ کھارِ دراے یہ تہٕ کنوٗہ ژلی لوکھ ہتھ
ہتمنے بہرلوکھ نہٕ اکھ کیتھ دِنہٕ لَس۔ ژے بنیاے نہٕ دانس ژوٗر تژھ
شُری پہناونہٕ خاطر" تقریر چھُ زیٹھان۔

پینہٕ پینہٕ موقہٕ محل ژھوٗٹین مکالمن لایق چھُ، تہٕ چھ مکالمہ ژھوٗٹی
ہوی بہ دِمہ مثال یژھلہ بتھ پیٹلہ اندر کھُٹھ شوٗر وہ تھان چھُ۔

شقدر :۔ ہے اُکھو ہسا، اُکھو ہسا گوبرِ مالی ہندن سالہ رن ہسا آیہ شوب
(یہ بوٗزتھ چھُ ژوٗر سالہ کانگر سیٖود کران)

چوکی دار :۔ خبر کاتیٖن دزن پلواز، گوڈاے پیٖٹہ پیٖیہ نہٕ سیٖندر پھول تہٕ پتھر، مینڈرن ہندی پانٹھ چھ پرتھ

ملہٕ :۔ ستہٕ سآ ژھوپہٕ کر، ظاہرا وُژھ ییٚتہٕ کانٛہہ گرٕ ۔ خبر یہٕ تہٕ تہوٕ تولہٕ ماینٛز نٕسٕتہٕ کٔنٛی"
اَتھ ڈراماہس منٛز۔ ورتاوَنہٕ آمژ زبان چھےٚ ساد۔ صاف تہٕ شوٗژ کاشُر
زبان ، با محاورٕ زبان ، سوٚے زبان یوٚسہٕ گامن منٛز۔ گرٛیستن ہنٛز زبان
چھےٚ ۔ یہٕ چھِنہٕ کُنہِ تہٕ جایہِ کنہٕ گوبان یا کھران نہٕ چھےٚ کُنہِ جایہِ ناشآیستہٕ
شایستگی ہُنٛد حد کھوتہٕ زیاد خیال تھونہٕ کُنہٕ چھےٚ کُنہٕ کُنہِ جایہِ زبان نار فطری
باسان ۔ مقدم ، چوٗکی در ، شقدر یا معتبر آسی گرٛیستن ہِکے تلان نہٕ ہِکے
بہناوان ۔ یوٚز ڈراما نگارن چھ اَمہٕ نِشہِ لوٚب ہیوٚتمُت ، تہنٛز زبانی اَکانہہ
تُمیٖتھ لفظ شرارتہٕ وِرٕ دراَمُت تہٕ چھ سُہ چھُ زیاد کھوتہٕ زیاد " ہوٚنِمِن ہُنٛد صاحب
زاد " یا " وزیر تُنٛد نیچو " گوڈ شرارتہٕ وِرٕ کُس کاشرس چھِنہٕ ہِکھ زیوٚ پیٚٹھ
آسان ، سُہ تہٕ ییلہِ خاص کرٕ مُڈہٕ، ان پرٕ ٹھ تہٕ گرٛیوٚس کاشُر آسہِ ۔ کانٛسہِ سِتہٕ رٔژ
دِرٕ چھس ہِکھ زیوٚ پیٚٹھے آسان ، یمنہٕ خاندارنہٕ اَکہِ آسہس شرارتھ کرٕن تہٕ
زیادٕ ے بہن ۔ یوٚز حاجنی صابٕن چھنہٕ کُنہِ تہٕ جایہِ پرٕ ٹھ زبان ورتاوٕمژ ۔
اَمہِ ڈراماہچہِ زبٲنی ہُنٛد بیاکھ وصف چھُ مزاحچ تہٕ ظرافتچ ملہٕ ون ۔ یہٕ مزاح
چھُ گاہے لفظو یا کتھو سِتہٕ پاد کرنہٕ آمُت تہٕ گاہے پُچولیشنہٕ سِتہٕ ۔ ییلہٕ نار
واری داتگ موقہٕ ملاحظہ کرنہٕ ذیلدار واتان چھ ۔ اَتہٕ چھ نار دِرٕ گبرٕ وُچھتھ
یوٚسہٕ مرنس تیار چھےٚ ، کاردارس کُن وَنان " او کاردار صاحب آپ اس
گبی کو ذبح کرو " اَکہِ ساعتہٕ چھُ منٛزٕ م یور رزاق بٹس وَنان " تُہے خدا
اوٚر جان دی نے ، تم ووٚنم گرٕ نیرتھ کور ہنٛدس ماسٹرس بانے ہنٛدس پوٚچھس
،بہرس نش گرٕ چھتھ سُہ آوٗٹادُن ۔" ملہٕ چھُ اکہِ ساعتہٕ ، جلسہ پتہٕ ، رزاق بٹس ژکھ
تہٕ شرارتس منٛز۔ وَنان " سُہ اوسُے بنیومُت کیا ہتام دیان والن ژرٕ ۔ یوٚز گو
نا اِی زٕ جلسن منٛز۔ چھِیم اَسمانہٕ ژٕرے والان " نمایندہٕ ہندس جلسس منٛز۔

ییلہِ والنٹیرٹکن ہیچھناوان چھُ زِ کتھ نوس کیا جواب گژھہِ دِیُن ۔ اکھ گریُوس وَنان
بٔتیس کُن "ژٕے رۄزِیہِ سا یاد اُمی کیا کیا وون" سُہ چھُس وَنان "اَہن سا یہِ کینژھا
اوٗرِ وَنُن، یوزِ وَنُن زِندہ باد یا مُردہ باد یا خدا ین گول ۔ یہِ کیا مُشکل زِ وَنتھ ژٕے"
ییلہِ جلسس منز نمایندہ وَنان چھُ زِ سانِس جنڈس تَل اَژتھ ہیکو بُربادی نِشہِ بچتھ ۔
اکھ ترُک شُراہ چھُ ماسس پرژھان "بابا اَتھ جنڈس کیہہ اڈ گزس تَل کیتیا
سَنا بیہن، یے صدرِ بیٹھس برابر چھُنہٕ" ۔ کینژن جاین چھُ کاشرِ زبانی ہندِ رُتہ
کس جوٗشس منز بے محل محاورہٕ، ضرب المثل یا کہاوژ تہٕ وَرتاونہٕ آمژ ۔ رزاق
بٹ ییلہِ گوڈنکہ ایکٹکس گوڈنکس منظرس منز پننہِ خاندارنہِ شرارتھ کران چھُ ۔
دپان چھُس "سو کھس چھی ڈیس گامتی، کھبنہٕ منز چھے وُکھ آمُت" ۔ دوشوٗنی
محاورن ہُند چھُنہٕ اَتھ جایہِ کانہہ موقعہ محل ۔ رزاق بٹ چھُ پننِس موٗدی ہتِس
ماسس اکہ پھِرِ سورگہ واسی وَنتھ یاد کران ۔ یہِ لفظ تہٕ چھُ بے محل ۔ مصنفن چھِ
کینہہ اَچھاوی محاورہٕ تہٕ تشبیہہ یا ضرب المثلہِ تہٕ ورتاومژ یِم کینہہ مقامی چھِنے تہٕ
کینہہ عام ۔ مثالے، واوس ناوٕ سال، یِیکہِ تیل تہٕ دچھِنہٕ صابن، نارن درگ
سوٗرِتھ، گریُوس بوزِ توٗن ہیچو کنن ۔ لیکن پھِرون تہٕ توکُن بیترِ یِتھ پاٹھی چھِ زبانہِ ہُنر
البان تہٕ اظہارچ سہولیژ بدس لوان ۔

ڈراماکین واقاتن منز چھُ اکھ جان تسلسل نظر گژھان ۔ اکھ زٕ سین چھِ
تھتی، یمو روٗس تہٕ ڈراما مکمل باسہٕ ہے مثالہِ پاٹھی رتمن کیہہ راچھن سِتیِ درباریانے
ترٕیمہِ ایکٹک دوٗیُم سین ۔ بہرحال یِتھ پاٹھی چھُ ڈراما بوٚنتھ پکان تہٕ کلائمکس
واتان ۔ سارِنے دُشمنن ہُنز بدخاہیو تہٕ جبری تراونہٕ باوجود چھُ کورِ مول
منز م یارس سکار دِوان تہٕ دادٕ قرار کران ۔ یوٚزٕ یِمہ دوہہ پرژھل آسان چھِے
تمی دوہہ چھُ رزاق بٹُس گرس نار دِنہٕ یوان تہٕ یِتھ پاٹھی چھُ سِتی انٹی کلیمیکس

نوبت واتان ۔ اَتہٕ بیٚیہ چھےٚ ڈراما نگارن سٹھاہ تاٚجلی کاٚم ہیٚژٕ ۔ زن
چھُ سہٕ تھوٚکمُت اد سمُت تہٕ تمی چھُ وُلی دفتر وٹنج کوٚشش کرمٕژ تہٕ ڈراما
ژرے تہٕ مےٚ کٔھ کرٕ، انجامس واتنو ومُت ۔ رزاق بٹس کیاہ پیہ ہا پیٚس تہٕ وچھ
کورِ مأرس کیٚتھ تذبذب گژھہ ہا تہٕ کیتھ پأٹھی کرہ أنس دُشمن باز پھیرنی بیٚیہ مجبور،
سسپینس دوہ تلاوِتھ گوٚ ژھ ڈراما اند واتنُ ۔ اَتہٕ چھ زن ساری پننٕ پننٕ رول
موکلاوتہٕ باپتھ ہیٚچھناوِتھ آسان ۔ کورِ مول چھُ اڈتے وأتتھ گوبرِ مأرس اکھ مکانہٕ
بخشان تہٕ اُمی سُند عیال گرُنوان ۔ فتح لون روپیہ ساسا قرض دار موکلاونہٕ باپتھ
ووزمہٕ مدد رٔنگی دِوان تہٕ گرٔسیہ اکھ اکھ کنالہ زمین دُوِتھ واٚپتھ دِنک
وعدہ کران ۔ یتھہ پأٹھی چھُ انجام غار فطری باسان تہٕ کردار مثالی ۔ ڈراما نگار چھُ
اصلاحک مقصد پوٗرٕ کرنک بور تشانو بیٚیہ والان تہٕ اَتہٕ اتحادُ تہٕ ایشارچ
برکژٕ ہُند سبق دِوان ۔ پوٗز ڈراماہس روو حقیقت نگاری ہنز داگھ کینہہٕ تہٕ
توکنُ چھُسنہ ظلون روزان ۔

ڈراما لیکھن وألۍ چھُنہٕ سٹیجکی لوازمات نظرِ تل تھوٚومتی ۔ خبر تس اوسا
تہٕ ذہنس منز زِ یہ ماگژھِ سٹیج تہٕ گژھن سُہ اوسا یٚیج ڈراما لیکھنچ کل
تھوان تہٕ کتأبی تہٕ ادبی ڈراما لیکھنٕ یرژھان ۔ یہ چھےٚ بدل کتھ زِ بیتہٕ آد کنہٕ
نہٕ کنہٕ پأٹھی سٹیج تہٕ کرنہٕ ۔ ٹیکنیکی لحاظ تہٕ فنی لحاظ چھےٚ اَتھ واریاہ خأمی ۔
زمان ومکان چھُ زنہٕ منتشر اوسنہٕ آمُت ۔ ڈراماکس زمانس بیٚیہ چھُ بہٕ پھلتھا
عمل یا واقعہ ہنز جاے تہٕ مقام کتہٕ چھُ ۔ سٹینگ کتھہ پأٹھی چھےٚ کرنی ۔ سین
کیتھ کنی گژھہ بدلُن ۔ یمن کتھن ہُند چھُنہٕ ذکرے ۔ نہٕ تہٕ ما آسہ ہا حاجی صابس
اوپن ایر تھیٹر OPEN AIR THEATRE ذہنس منز تہٕ سُہ آسہ ہا تتھے پأٹھی
چارناوُن یرژھان تہٕ یٚتہٕ مشکلات یمن تہٕ آوازن یا اشارن کاٚم ہیتھ

یا ییتھی نے ژھلن ہند مدد یہ کمی پوٗر کرٛنی یژھان۔

ڈرامہس منز چھے کشمکش یا تصادم، جاگیر دارانہ نظامس تہٕ کاشتکارن جاگیر دارس نے تہٕ کاردارس تہٕ لشتیدٕن کارکنن ہند چھُ اکھ دوٗر تہٕ بیاکھ دوٗر ہلین تہٕ کمہٕ لبن مند۔ سرکاری کارند اکہٕ پاسہٕ تہٕ رعیت بیکہٕ پاسہٕ۔ اکھ دوٗر چھُ کمزور تہٕ لتہٕ مونجہٕ گومت۔ بیاکھ چھُ طاقت ور تہٕ کلہٕ تھاتھن وول۔ یوٗزٕ زوروار درجہٕ سارے کوشش چھیہٕ رزاق بٹس ینچوی ٔسند خاندر انجامس واتنہٕ لِنہٕ پیٚھ رٕژتھ ہیکان ییتھ پاٹھی چھُ تم ناکام سپدان تہٕ رزاق بٹ کامیاب۔

تذبذب یاد سپدنکی موقہٕ تہٕ چھیہٕ مصنفن راہرٕ دِتمتہٕ۔ گوڈٕ بیٹھے چھُ SUSPENS زِ رزاق بٹس بنیا ینچوس نیتھر؟ پتہٕ یہ زِ یہ ہیکیا خاندر کرٕتھ؟ یہ کتہٕ انہٕ جاداد تہٕ پولسہٕ لوٗٹنک؟ پتہٕ ییمہٕ ساہ تہٕ نار لگان چھس، باسان چھُ یہ ہیکہ تہٕ تھوٗدٕ ے ڈٕتھتہٕ، خاندرک چھیہٕ سوالے، کورٕ مول کرسی کھوٗشس اکھس کیتھ جواب۔ یوٗزٕ تہٕ چھیہٕ سپدانے، کورٕ مول چھے خلاف توقع وعدٕ رٕناوان تہٕ پنُن قولے پوت تہٕ پوٗرٕ کران بلکہ غار مومولی ایثار تہٕ ہاوان ییتھے پٹھی فتح لون تہٕ باقے گژھیس۔

فنی تہٕ تیکنیکی لحاظ وَلو اکھ کاشرٕ زبانی منز ڈراما لیکھنچ ابتدائی کوشش۔ وں گو ابتدائی کوششو منز چھے یہ کوشش سارنے سرس۔ یہ چھُ سماجی حقیقت نگاری ہند اکھ شوٗبہٕ دار نوٗموٗنہ تہٕ یُتھ چھیہٕ اَسہٕ بی کانہہ نوٗمونا اکھ دورس منز یا اَمہٕ پتہٕ نظر گژھان۔ امتیاز علی تاج چھُ اردوٗ زبانی اکھ موٗلک تہٕ لاجواب ڈراما دِوان" انار کلی"۔ یوٗزٕ آغا حشر ہنزٕ ن کوشش ما یہ اَمہٕ کی کھیتس دِنہٕ۔ حاجنی صابن چھیہٕ آغا حشرنی قایم کرمژ ربوایتھ پاجمژ۔ تمی سند ڈراما تی چھُ کاشرٕ زبانی منز جدید دورکین ڈرامہن ہند خاطر وتھ ہموار گژھان۔

# ڈراما "شیا" اکھ مطالعہ

مجید مُضمر

علی محمد لون چھُ کاشرِس منز ڈراما نگاری ہُند تہٕ خصوصاً ریڈیو ڈرامُک توارِیخُک اکھ بوڑ عنوان۔ نہ صرف امہِ کنِ زِ تمیٚ لیکھی ساروٕے کھوتہٕ زیادٕ ڈراما بلکہ امہِ کنِ تہٕ زِ تمیٚ دِتی کاشرِس کینہہ بہترین ڈراماہ ییمن منز "شیا" اکھ شاہکار گنزرنس لایق چھُ۔ یتھ مضمونس منز چھُنہٕ مےٚ کاشرِ ڈرامُک توارِیخ پھِرُن تہٕ نہ چھم لون صٲبن ڈرامہن ہنٛدی ناو گنزرٲنی۔ یہ یمہٕ کنہٕ تمہید ورٲے لون صٲبنٛدس ساروٕے کھوتہٕ اہم ڈراما "شیا" ہس کُن یُس میانہِ خیالہٕ کاشرِ ڈرامُک سرمایُک اکھ تھکن لایق نمونہٕ چھُ۔

لُکن منز سہلابن ہنز ہناہ کاری تہٕ امہِ کس تدورکس متعلق زان پاد کرنہٕ خاطرٕ چلے یہ یتٕہ حکومت کہ طرفہٕ ۱۹۵۵ عیسوی یس منز اکھ تحریک یتھ یتہٕ کیو ادیبو تہٕ اتھ روٹ کوٚر۔ اتھی تحریکہٕ تحت آیہ کینہہ ڈراما تہٕ لیکھنہٕ یم جایہ جایہ ہاونہٕ آیہ ییمن منز اوس لون صٲبن ڈراما "وِزِ چھےٚ سانی" تہٕ شٲمل یُس تمی سندٕ گوڈنیُک کاشرِ ڈراما ونہٕ چھُ یوان۔ باسان چھُ یہ ڈراما لیکھتھ وزی آیہ ہے تمس "شیا" سندٕ خیال

آمُت ۔ نوٚوٕری پتہٕ کوٚر تمۍ بظاہر سہلاب کس موضوعس پٮ۪ٹھ "سُیا" لیکھُن شروٗع۔
"وٕز چھےٚ ساٚنۍ" اوس سرکاری پروگرامُک حصہ تہٕ امہٕ کنۍ ہنگامی نوعیژ ہُند فرمایشی
ڈراماین ہیٚر مس ڈلیس پیٹھ لیکھنہٕ اوس آمُت ۔ ہنگامی ادب چھُ ژٕلہٕ وٕنس وقتس
ستۍ ژٕلان تہٕ مشتبہ گژھان ۔ اَمِچ اہمیت تہٕ لگہٕ ہار پرٕ تہٕ چھُ ختم گژھان ۔ مگر سو تخلیق
یوسہٕ فنکار سُنز انفرادی تہٕ داخلی شخصیژ ہٕنٛدِ آگرٕ پیٹھ پانے وُزِ چھےٚ زنٛدٕ روزان ۔
"سُیا" ڈراما چھُ یژھے تخلیق ۔ ڈراما سُیا گوو ۱۹۷۱ عیسوی یس منٛز شایع تہٕ ۱۹۷۳
عیسوی یس منٛز میول اَتھ ساہتیہ اکیڈمی ہُند ایوارڈ ۔ علی محمد لون چھُ کتابہِ منٛز "پوٚت
منظر" عنوانس تحت لیکھان ۔

"سُیا اوس مےٚ گوڈنچہِ لٹہِ سنہٕ ژٕہٕ ہٹس منٛز لیوٚکھمُت ، امہٕ
پتہٕ لیوٚکھم دوبارٕ تہٕ یٔہس لیوٚکھم ترٕیمہٕ پھِر ۔
پانس پیٚٹھ برابری آسِم اَمِہ زوٗنم تو تہ لنٛشہ وانتاؤن مناسب "

"سُیا" چھُ اکھ توٲریخی ڈراما مگر یہ چھُنہٕ تاریخی دستاویز بلکہ چھےٚ اَتھ
منٛز تمہٕ ساریے فنی رعایژ ورتاونہٕ آمژٕ یِم اَتھ فکشن بناوان چھےٚ ۔ یہ چھُنہٕ توٲریخ
دوہراونہٕ خاطرٕ لیکھنہٕ آمُت بلکہ چھُ اَکِس توٲریخی کردارٕ سٕنٛدی ذریعہٕ اکھ سُہ موضوع
پیش کرنہٕ آمُت یُس اَز تہٕ لگہٕ ہار چھُ ۔ توٲریخکس پوٚت منظرس منٛز ۔ یوٚدوے یہ ڈراما
کشیٖرِ ہٕنٛزِ پیٚتھ کالچہِ زندگی ہنٛز تہٕ عکاسی کران چھُ تہٕ کرتھ تہٕ چھُنہٕ اَمیُک موضوع
وقتکس چوکاٹھس منٛز ۔ قادتہٕ تہٕ چھُ زمینی حدبنٛدین آویز ۔ مقامی سوٚتھرٕ پیٹھ تھوٚد
وُتھتہٕ تہٕ وقتکی حد ژٔٹِتھ چھُ یہ ڈراما انسانی عظمتُک تہٕ تھر ۔ رُک ہمہ گیر موضوع
دٲیراوان ۔ توٲریخ نویسس تہٕ تخلیقی فن کارس چھےٚ یہے وٕق زٕ اکھ چھُ صرف

واقعات درج کران تہٕ بیاکھ چھُ یمِن واقعن منز آفاقی عنصر ژھانڈِتھ انسانی جذبن
تہٕ احساسن ہُند رنگہٕ آرٹ بناوان ۔

سوال چھُ زِ ڈراما نگارن کیاز کوٚر یُیاسند کردارک تہٕ واقعک انتخاب ۔
لون صابنین تخلیقن ووٚن دِتھ چھےٚ یہ کتھ پوٚر پاٹھی کھرٚ تہٕ ٹاکارٕ گژھان زِ تِمہٕ
اوس اکہٕ فلاحی معاشرُک خواب گران ۔ تمہٕ سنز انسان دوستی ہُند جذبہٕ چھُ امہٕ
خوابکُ بنیادی محرک ۔ کٲشرِ تہٕ کاشرِن ہنز دگ تہٕ لول اوس تمس رُمس رُمس
منز بسِتھ ییمیک برٚبگہٕ اظہار تمہٕ سندِن افسانن تہٕ ڈرامہن منز جایہ جایہ درینٛٹھ
چھُ گژھان ۔ یاسہ سو "أسہ تہٕ چھہٕ انسان" ناول "آسہِ تن یا" "تقدیرٕ سازٕ" تہٕ "وچھہ روز
پکان" ڈراما، یا پتہٕ "لوکچہ بچہ کتھ" افسانہ ۔ کٲشرِ تہٕ کاشرِن ہند خاطرٕ تمہٕ سُند یہ
اُژھمن لول تہٕ جذبہٕ چھُ لون صابس اکس تِتھس فنکار سنز حیثیت دِوان
ییمہٕ سندِ فنکی تہٕ فکرٕ ہندی سرچشمہ کٲشرِ منزے وُزان چھہٕ ۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ اہم
زِ کٲشرِ ہندِ پیکرکہ حوالہ یم موضوع تمہٕ پننین فن پارن منز پیش کرِی تم چھہٕ کاشرِن
علاوہ تمن لوکن ہندِ باپتھ تہٕ تیتی لگہٕ ہار یمن انسانس اندر پوٚز انسان بدکڈُنک
اموب ہاوس چھُ آسان ۔ مطلب یہ زِ علی محمد لون چھُ فکرٕ ہندی تم ناگہٕ راد بدکڈان
یم تمہٕ سندِن ہم وطنن ستی تہٕ کلُھم انسانی رژر کین جذبن سگناوان چھہٕ ۔ لون صابنہٕ
جذبن منز ییتہٕ تمہٕ سندِس ذاتی شعورس تہٕ ادارکس کافی عمل دخل چھُ تتہٕ چھےٚ
تمہٕ سندِس اتھ ولوہارس پتہٕ کنہٕ سو تابناک کاشر رلوایتھ تہٕ ڈکھ یوسہ پتہٕ وٕتہٕ بیٛھ
انسانی مساواتچ تہٕ دوستی ہنز آیٔنہٕ دار چھےٚ ۔ سُے فنکار چھُ پوٚز تخلیق کار آسان
یُس پننہٕ رلوایژ پاناوہ تہٕ علاوہ یمن مزید وسعت دِنچ صلاحیتھ تھاوان آسہِ ۔

امہِ حسابہٕ چھُ لون صاب تخلیقی سوٚتھرس پیٹھ کاشُر توٲریخُک، تہذیبُک تہٕ تمدنُک
اکھ نمایندٕ ہیٚتھ وُبران یِس کٲشِر ہندیٚن توٲریخی واقعن تہٕ کردارن ہند حوالہٕ زندگی
ہندیٚن گۄہلن وَتَن زوال چھُ کران تہٕ انسانَس یہِ کتھ باوَن منز کامیابی چھُ پراوان
زِ تَس منز چھےٚ تِمہٕ تمام صلاحیژ موجوٗد یِمہٕ زندگی ہِندِس کاروانَس اَکِس سیٚزر تہٕ
پرزنہٕ وَتہٕ پکناوِتھ ہیکن۔

"سُیا" سُند کردار چھُ اَمی رِوایژ ہُند اکھ ناگہٕ رادیُس ازتہٕ کاشرِس تہٕ
پریتھ ذی حس انسان پتر۔ ترٲیش ہوٚمرٲوِتھ ہیٚکہِ۔ لون صابن ژور بیٚنہِ ڈراما خاطرٕ
کٲشرِ ہندِ سیٚتھ کالُک یہِ کردار یِمہ بتہ آژ تہٕ اَتھ پیٹھ لسَن بسَن والین ہندِ باپتھ
اکھ بوٚڈ کارنامہٕ انجام دیُت۔ سُہ کارنامہٕ یُس تہٕ بظاہر اکھ عام انسان ہندی ذٕہی
ممکن اوس۔ اَوے پتھےٚ رِوایتھ زِ سُیا اوس بھگوانٕہ سُند اوتار یا آدمہٕ رُس منز
تمہِ سُندے روٗپ۔ کلہن پنڈت تہٕ چھُ تمِس انسان ہندِ بدلہٕ پانہٕ اَن تپی وَنان۔
یِمی لوکن ہندی دادی کاسنہٕ باپتھ یِتھ زمینہِ پیٹھ زنم ہیوٚت تہٕ رازٕ اونتی ورمن
ہندِس دورس منز۔ دِتَن کٲشرِ بیٚنہِ گاڈٕجار تہٕ علمہٕ ستۍ تہٕ بیٚنہٕ ژٕگہٕ تہٕ ہمدردی ستۍ
سہلابو تہٕ دراگو نِشہٕ نجات۔ اَکِس چنڈالہٕ ہِندِ گرٕ پرٕ چھنہٕ باوجوٗد اوس سُہ بیٚنہٕ وقتُک
گاٹُلُ تہٕ ودوان یِمی شاہی خزانکہِ مدتہٕ ستۍ وِتھ یازٕ ناو تہٕ اَتھ کھالہٕ ناوٕن سوٚتھ۔
یِتھ کُنی ہمیہٕ، وِیتھ ہِنز تہہہ تہٕ لوکن میوٗل سہلاب دلوس نِشہٕ نجات۔ سُیا
بنوو پیٚنی اَمی بڈی کارنامن اکھ لیجنڈ یِمس اَندی اَندی وقتس ستۍ ستۍ اکھ متھ تیار
گےٚ۔ لون صابنہٕ ڈراماٹک کٔرتہٕ۔ یُودوے اَتھی توٲریخی یا اسطوٗری واقعس پیٹھ
دٔرتھ چھُ تہٕ کٔرتھ تہٕ چھُ یہِ امہِ نِشہٕ الگ۔ لون صاب چھُ پانہٕ لیکھان:

"از کاہ شتھ وری بروںٹھ گندنہ آمت یہ ڈراما چھُ سون
توارِیخ مگر تمہِ ڈراما لِنتھ الگ یُس یہ لیکھن یِتھان اوسُس۔
یہ مواد اوسنہ امہِ ڈراما باپتھ کافی۔ سُیا اوس میانِن
نظرن منز۔ کُنھہ نہ اکھ ماری مونڈ یتھ شاہ بوڈ انسان۔
فخرس لایق کانٹرُ ........." (ص ۵، ۶)

کلہنس پیٹھ یتھ کوزُم شک۔ تمُہ ہندی واریاہ بیان
باسیم یا نہ غلط ہتہ زانِتھ مانِتھ غلط طریقس منز پیش
کرنہ آمتی۔

"سُیا اوسنہ انسان سُہ اوس پانہ اَن پتی"
— یہ کتھ وُزھم نہ اوکنہ منہ ہٹہ تکیازِ یہ چھُس پانہ مادہ پرس۔" (ص ۷)
"یہ اوسُس سُیا بحیثیت اکھ آدم زاد یِزِ زناوُن یِتھان
یہ اوسُس اُمی سے آدمس پیٹھ ڈراما لیکھن یِتھان۔ دیوتاہن پیٹھ نہ (ص ۵)
ڈرامانگارن چھنہ سُیا اَکس توارِیخ دانہ ہندی پاٹھی مولنومُت بلکہ چھُن
فنکارہ ہندی پاٹھی تمُہ ہند آدمی بجرِتہ انسانی ٹھر۔ ربدکو ڈمُت۔ لون صاینہ دلچسپی
چھنہ واقعکس پرزرس یا امہِ کس آرِز آسنس ستی بلکہ خود واقعس ستی۔ تمس نش چھنہ
سُیا توارِیخک کانہہ ورق بلکہ زندگی ہنز۔ کتابہ ہند اکھ پرزلوُن باب۔ اوے چھِے
تمی توارِیخی یا نیم توارِیخی واقعہ یتہ کردار پیش کرنہ وِزِ کیہنہ تمہ رعایژ ورتاومژ یمہ فنیار
تخلیق کرنہ باپتھ تمس ناگزیر باسے یہ۔ امہِ کتھِ ہنز باوتھ چھِے تمی پانہ کرمژ۔ کیہنہ کردار
چھِن پانہ تخلیق کرِی متی یم مرکزی کردارس وِدتلاوان یتہ واقعس اغلب بناوان چھِ۔

تواریخس منز چھِنہٕ تِمیا سنٛز ماجہ ہُند کردار وۄتلاوٕنی مگر ڈرامانگارن چھُ یہِ کردار
تِتھ کنۍ پیش کوٚرمُت زِ یہِ چھُ تِمیاہس پتہٕ ڈرامہٕک دوٚیِم لوٚڈٕ تہٕ جاذبِ نظر کردار
لبنہٕ یوان تہٕ کینٛژن جاین بُنیادی کردار باسان ییٚمِس اندی اندی باقی ساری کردار
گتھ کران چھِ۔ کلہن سُند گُف چھُ زِ تِمیاہَن چھوٚ نہٕ چنڈالہٕ ہُند دوٚد بلکہ لاج ہس
شودر بالے دوٚدِ ماج ۔ مگر ڈرامانگارن چھُ سُہ " اُمی سے ڈبکہٕ بجہٕ ہُند دوٚد چوٚد مُت "۔
تواریخی مواد ناکافی آسنہٕ کنۍ چھُ تِمۍ سُند تخیُّل تِمَن کردارن زِنم دِوان یِم ڈرامائی کشمکشہٕ
واقعک جذباتی فضاوۄتلاونہٕ خاطر لازمی چھِ۔ اَتھ سِلسِلس منز چھُ چندر کانتا یہِ
ہُند کردار اکھ ٹاکارہ مثال یُس ڈرامہٕ ہَس منز تصوُدٕکۍ باعث بنان چھُ۔ یِتھ پاٹھۍ چھِنہٕ
ڈراما "تِمیا" محض تواریخُک بازگشت بلکہ اکھ تِتھ خود مکتفی فن پارٕ یِمہٕ کہ موٚلوٚنہٕ باپتھ
تواریخی حوالن ہنٛز ضروٗرتھ چھِنہٕ آسان ۔ ڈرامانگارن چھُ تِمیا سُند کردار اوٚ موکھ زور
تکیاز یہِ اوس کاشرِ ن ولیوٚد۔ اَمہِ علاوٕ ہیکہٕ ہے ڈرامانگار سنٛز۔ باوتھ اُمی سے کردار سِند
وسیلہٕ کاشرِ ن ہِندِس تتھ اجتماعی لاشعورس شعورکِس سطحس پیٹھ اَنتھ یتھ منز ییٚتیک
شاندار تہٕ جاندار یتھ کال گُیتھ چھُ تہٕ یُس ازکالچہِ وتھ ہِندِس ییٚس جانٛٹ کنڈ دِتھ
ہیکہٕ۔ تاہم چھُ کِرداران تہٕ واقعچہٕ مناسبتہٕ کنۍ ڈرامانگارن" اکہِ خاص قسمٕکۍ سوٚت
سوٚت دیومالائی ماحول" برقرار تھوومُت یتھ پیٹھ" ہِندو تہذیبُک گوٚن گوٚن اثر"
چھُ۔ اَمی چھُ ڈرامانگار سِند ییٚمہِ دعویٰ باوجوٗد زِ سُہ اوس دیوتا ہِند بجایہِ تِمیاہس
اکھ آدمی زاد ہِند حیثیتہٕ پرزناوُن یژھان، تِمیا ہِندِس کِردارس سُہ گہیُن ستہِ یُس
اکِس لیجنڈری کردارس آسان چھُ۔ اَمہِ باوجوٗد چھُ ڈراما "تِمیا" سُہ فنی کارنامہ یُس
واقعن ہِند تفصیلہٕ بجایہِ یِمن ہنٛز معنوی تہہ داری کنۍ اکہِ تخلیقی تجربُک بسیار جہتہٕ ل اظہار

چھُ۔

ڈرامہٕک پلاٹ چھُ کُستھ۔ یِہ چھُنہٕ کُنہِ تہٕ جایہِ ڈیوٚل۔ کانہہ تہٕ واقعہ چھُنہٕ بٔل آمُت۔ واقعن ہندی مختلف کڑی چھِ اکھ اَکِس سٍتۍ تِتھہٕ پٲٹھۍ وابستہ تہٕ یِہنز ترتیب چھےٚ تِمہٕ آیہِ زِ ڈرامانگار چھِ ہونرمندی ہُند داد دِلُن چھِنہٕ چارٕ لگان۔ تُیا ہند زینہٕ بیٚٹھ تِمہٕ چھِ۔ ماجہِ ہندِس مرنَس تام یِم واقعات سپدان چھِ تِم چھِ جتہٕ جتہٕ ڈرامٲئی عمل تہٕ اکھ مخصوص فضا ووتلان۔ یِم واقعات چھِ اَکِس بٔڈِس دورس پیٚٹھ پھہلتھ مگر ڈرامانگارن چھِ کالَس کوم کرنہٕ خاطرِ تِمہٕ واقعات ژٲری مِتۍ یِمن ہُند تعلق ڈرامہچہِ ارتقٲئی عملہِ سٍتۍ ناگزیر چھُ۔ یِم واقعات چھِ کردارن ہُند ارتقاء تہٕ تِہنز انفرادیتھ تہٕ تِمنۍ کڈان تہٕ سٍتۍ چھِ یِمن پرکھاوان تہٕ۔ ڈرامانگارن یوٚسہٕ واقعٲتی ترتیب ورتاوٕمِژ چھےٚ سہ چھےٚ یِمن نوکتن پیٹھ۔

- سُہ ماجیوٚت یُتھ منز صرف مٲے تہٕ مجتبے یوت شٲمِل چھِنہٕ بلکہ چھُ اولادس صحیح تربیت کرنُک جذبہ تہٕ سٍتۍ۔
- بوٗد تہٕ گیان، تہٕ عوامکِ فلاحچہِ خاطرٕ امیک ورتاو۔
- اَکِس خاص مسلس متعلق لوٗکن ہُند رویہِ تہٕ اَتھ سٍتۍ متصادم سپدنُک جذبہ۔
- لوٗلس، گریہستی، ذاتس تہٕ فرضس درمیان کشمکش تہٕ ذات مُشراوِتھ اجتمٲعی ہرزرس زایُن دِیُن۔
- دوٗر حوصلہٕ تہٕ عزم تہٕ منزلس واتنُک امارییٚمہِ خاطرٕ پٲنی پلنے

دِتہٕ نیران چھِے۔

- پَننہِ صلاحیتہٕ تہٕ موجود امکانات عملی سوٗتھرس پیٹھ ورتاوٕنۍ
یِمیُک نتیجہٕ کامیابی تہٕ کامرانی چھُ۔

ڈرامانگارن چھ مختلف کردارَو تہٕ تہنزٕ عملہٕ ڈٕسی یِم نوکتہٕ وۄتلاوِتھ
پلاٹس سٕ زور تہٕ بخشمُت یِمہٕ کِنۍ اکھ ترٛتیٖب نامیاتی وحدت بارسس یوان چھِے
یِمہ زمینی تہٕ زمانی سوٗتھرَ پیٹھ تھوٚد وۄتھِتھ آفاقی تہٕ بسیار جہتُل بنان چھِے۔
واقعہٕ چھ یادٕ وُٹرکھو تہٕ خانوٚ منزٕ نبر نیرِتھ تازٕ ترین سماجی صوٗرتحالک روٗپ
تہٕ آکار رٹان۔

"سُیا" چھُ اکھ کرداری ڈراما۔ اَمیُک بُنیادی کردار چھُ سُیا۔ اَمی
مرکزی حیثیتہٕ کِنۍ چھُ سُیا ڈرامہُک عنوان تہٕ سُیا چھ ڈرامہس منزٕ بے تھَپہٕ
پیوان، بڈان تہٕ ارتقائی منزٕل طے کران۔ ڈرامہُک گوڈنیکے واقعہٕ چھُ تمی سندِ
زٕنُک یِمہٕ ستۍ تمی سنزٕ غار معمولی حیثیتہٕ ہُند پے پتاہ لگان چھُ۔ یہ چھُنہٕ معلوم
زِ سُہ کمی ہندِ ڈمبہٕ پھوٗٹ مگر یتہٕ ہن چھ ضرور پتاہ لگان زِ سُہ چھُ اَکس مثالی
انسان ہنزٕ۔ تمہٕ سارِیے صلاحیتہٕ تھاوان یِم تمس اکھ منفرد کردار بناوان چھِے۔
اوے چھُ یہِ احساس گنان زِ سُہ چھُ انسان ہندِس روٗپس منزٕ یا نہٕ ان پتی یا
چھ بھگوان سُند اوتار۔

"ہرگاہ ژٕ کانہہ ہندِ ڈمبہٕ زلوٚکھ تیلہٕ کیا کرٕکھ یتھ سمارس
یتھ۔ یِمہ سمارکی رشتہٕ گرٛتھ ہانے ہانکلہٕ ہوی نالی تہٕ ژٕ تہٕ
آسہکھ اَکس بٔنس ہیوٚ اکھ منوشایس پر پتھ چیزس بگوان ہنزٕ

مرضی زاَنِتھ پانس زَھوپہ دم کرِتھ بہان چھُ تہٕ کیہہ
چھُنہٕ کران "۔

سُیا چھُ بالہ پانہٕ بیٹھے ذہین ۔ سُہ چھُ پننہٕ ذہانتہٕ ستی گورس حارانی ہندِس
حدس تام مُتاثر کران ۔ تمِس ییم سوال ذہنس منز ووتلان چھِ تمو ستی چھُ گورہ سُند
موکلُ آگاہ تمِس منز ۔ ان پتی سُند روٗپ وُچھان ۔ سیاہس چھُ گوڈ بیٹھے سہلابہ
دیوس ستی لڑائی کل ۔ سُہ چھُ اکثر بلکہ دوہے ویتھِ منز سرٛان کران ۔ اَتھ اکہِ اَندِ بیٹھ
بٹیس اندس تام زَھانتہٕ تران تہٕ امہِ کسِ زکسِ تَل ڈسِتھ کرو ڈک سبب تلاش کران ۔
سُہ چھُ ذہین، حوصلہٕ مند تہٕ لوٗکن ہُند خار خواہ ۔ ییم سارے توورِ چھے یکجا یِیِتھ تمِس سُنز
مہم جو شخصیتھ ہنز تشکیل کران ۔ تمِس نش چھے یِپ کاپہ ریٚتھ ترکیب تہٕ ماجہ کشیر
ہُند زُکھ چھُ تمِس ویتھِ ہندِ آگرہ بیٹھ امہِ کسِ اَتھس تام سام ہیٚنہٕ باپتھ آمادہ کران ۔
سُہ چھُ ماجہ ہُند لول، زندرِ ہُند سر ہیہہ تہٕ لوہ لنگرچ ملائے، سورے تراوتھ ویتھِ
منز ہموار روانی خاطر ہول گنڈان ۔ تتھ معاشرس منز ییتہٕ عام انسان سُندِ
پیٹھ راز دربارس تام ساری سہلابس پننہٕ مقدر زاَنِتھ حالاتن ستی سمجھوتہٕ کرِتھ
آسی، انسان ہندی ڈسی پانہٕ پننہٕ تقدیر لیکھنُ اَس اکھ مُتی لازیاہ ۔ چنانچہ سیاہس تہٕ
چھِ لوٗکھ پاگل ونان مگر سُہ چھُ تتھ تھرس بیٹھ ییتہٕ نشہٕ تمِس نشہٕ کھینے حقیقت
زوٗرِ چھے ۔ تمی سُند حوصلہٕ تہٕ عزم چھُ راز اونتی ورمن ہندین خابن ہُند تابیر
بنان ۔ وزیر ہتھ مخالفہ باوجود چھے راز ہتھ ووہ میز یقینس منز بدلان زِ
"سُیا ہے ہیکہِ ملکس سہلابہ کِتاوہ نشہٕ بچاوتھ ۔

" وزیر: رازن ! سُیا چھُ موت ۔

راہ : اَسہِ کھوٚت تمہٕ سُند مٔرُن ٹارِ۔ لٔس چھ مٔرُن آمُت اکِہ
خاص کامہِ باپتھ۔ سُہ چھُ میتھومُت اکِہ آدرشہٕ، اکِہ
مقصد باپتھ۔ بڈٕ باگوان موٚت گرٕشِہ آسُن !
بڈٕ کلیان کآری موٚت ۔"

سُیا یوسہٕ کام اَنہٕ۔ راوان چھُ سو ہٮ۪کہٕ ہے تمن مخصوٗص حالاتن منٛز۔ اکھ دیوتہٕ
کرِتھ مگر تمہٕ پتہٕ تہٕ چھُ انسان۔ اکھ تیٚتھ انسان ییمِس چندر کانتاہِ ہُند مٕتھ تہٕ چھُ،
ماجہِ ہنٛز۔ مایہٕ ہُند احساس تہٕ چھُ تہٕ عام زندگی ہنٛز ضرورژ تہٕ چھےٚ۔ اکہِ طرفہٕ
چھِس رِشتن ہنٛز۔ ہانکلہٕ تہٕ بٮ۪یہِ طرفہٕ بُتراژ سوچھ وأتاونکُ زبردس جنوٗن یُس
تمِس اندر داخلی تصودم ووتلاوِتھ تمہٕ سٕنٛز۔ شخصیژ معرُوضی بناوان چھُ۔ موٚزوٗرن
سیٚتی تمہٕ سُندۍ مکالمہٕ چھُ اَمی معرُوضی شخصیژ ہُند اظہار:۔

- " سُیا :۔ اَمِس وٮ۪نیو بہٕ تہٕ چھُس انسانے۔ کتہٕ چھیسہٕ پھوٚٹمٕت۔
  مٮ۪نےٚ تہٕ چھُ اَمہِ ہٕندی یاٗدٕ گرٕبار۔ مآج، آشیٚنۍ یٔس سنتان چھُ
  زبہٕ وول۔ مٮ۪نےٚ تہٕ چھِ ہاوس، امارتہٕ ارمان۔ بہٕ تہٕ چھُس انسان۔
  کتہٕ پٕل چھیسہٕ"

یا - " اَسہِ ما چھےٚ دِل دِتھ کام کرنٕس ہال۔ اَسِہ چھُ وٕلی وٕلی گرٕک
  شرِن باژن ہند سوال پوان۔ تِکیازِ اَسی چھ سأری ژکہِ مایہٕ ہٕتی
  لولہٕ مٮ۪تی" (خود کلامی)

ییٚتھ کٕتھ کُن چھ گوڈے اشار کرنہٕ آمُت زِ تواریخی اعتبارٕ چھُ سُیا اکھ اہم شخص
مگر تمہٕ سٕنٛز ذاتی زندگی متعلق چھُ واریاہ کم مواد دستیاب۔ تاہم چھ لون صآبن

تمۍ سُند کردار وۄتلاوَنہٕ خاطرٕ کینہہ تھٕ زندگی آمیز۔ یہٕ زندگی آموز واقعات گژھن یِموکِنۍ سۍ اکھ ابدی تہٕ لازوال ڈرامائی کردارٕ بنیومُت چھُ ہیتی اکھ دیوتا صفت آسنہٕ باوجود تیُتھ انسان تہٕ ییمی ہندِس وجودس منز۔ دُب دُب کرُون دِل تہٕ چھُ۔ عام طور چھِنہٕ تِتھۍ کردارن ہنز۔ سو شبیہہ بدلاونی یاتھ منز۔ کانہہ تبدیلی کرٕنۍ ممکن یُوسہ شبیہہ تۄا رکِن محفوظ آسہٕ کرمژ۔ مگر ڈرامانگارن چھِ تُیا ہندِس خاکس منز تم رنگ بٔرۍ مژ یم انسانی زندگی ہندی خاصہ چھِ۔

ڈرامہُک دۄیم بوٚڈ کردار چھُ چنڈالہِ ہُند۔ کینژن جاین
چھُ باسان زِ ڈرامہُک سارِوے کھوتہٕ اہم کردار
چھُ یُوہے۔ لون چھُ پانہٕ اُمِس متعلق لیکھان:
"مے چھُ یتھ ڈرامہس منز۔ اُمی ہے ڈیکہٕ بجہٕ ماجہٕ (چنڈالہِ)
ہُند کردار زیادٕ پوٚھراونچ کوشش کرمژ۔ باقی ساری
کردار چھِ اُمی ہے اُندی اُندی نژان۔"

چنڈال چھِنے تُیا ہنز۔ موج۔ سو موج ییمی تہٕ تمِس زنم دِیُت مگر ییمہِ پننہٕ ماجنیارٕ ہیتی سۍ لولہِ للنوو۔ سو چھِنے بظاہر اکھ معمولی زنان یُوس لوٚکن ہُند تروومُت ژھوکھ صاف کران چھِنے مگر تمۍ سُند دِل چھُ وسیع تہٕ ہمت غار معمولی۔ یتھ ڈنی تم شُری ہنز۔ تربیت کرٕنۍ سۍ پاٹھ شالایہٕ سوزُن تہٕ تمۍ ہنزن صلاحیتن ہنز۔ قدر کرٕ تھ تِمہ صحیح وَتہٕ لاگنہٕ — یم خصوصیژ چھِنے تمۍ سُندِس کردارس اکس عام زنانہٕ ہند معمولی سوٚکھ پیٹھ تھوٚد تُلتھ اکھ جوہرشناس بناوان" یُوسہٕ تھوس منز۔ ییمتِس لائس پرزناوتھ تہٕ پرکھاوِتھ چھِنے ہیکان۔ سو چھِنے دوان شابھ

کرِتھ زِ "بو وچھہٕ راز بھونٛ منٛز ییٚوت وۄپدان۔ عقل چھےٚ ژھیپہِ پہرن منٛز کھٕنٛتھ آسان تِتھےٚ کنہٕ یِتھہ کنہٕ پوٚت وَنہٕ منٛز امرِتھ آگرٕ"۔ تمِس چھُ یِیا ہندِ ارادُک موٗل بیاہ تہٕ سِتی تمہِ کامہِ ہُند تہٕ ییمہِ باپتھ یِیا ہوٗل گنڈان چھُ۔ اوے چھےٚ سو یاہس ماجنیار چہِ ہانکلہٕ ژٹنہٕ خاطرٕ وُتشِ دِوان۔ تمِس سٕہ سرِتہٕ باوان یُس تمہِ بیٚنِس وَچھِس منٛز گُیتھ بھوومُت اوس زِ سُیا چھُنہٕ تمی سُند نیٚچُو بلکہ اوس تمہٕ سٕہ ورِتہٕ پلیٹھ۔ تمُلت۔ یہِ سورے چھےٚ سواوٗ موکھ کران زِ سُیا گوٗژھ رِشتن ہندِ محدوٗد دأیرِ منٛز۔ آزاد نیدِتھ رِشتن ہندِس اُکس وسیع تہٕ کشادٕ دأیرس منٛز داخل سیدُن تکیاز تمِس اوس احساس زِ سیاہس اندر ییمہٕ صلاحیت موجوٗد چھےٚ تمِن ہندِ ورتاوچ چھےٚ ماجہ کٔشیر زیادٕ ضروٗرتھ۔ اَمیُک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ سو چھیہٕ رِشتن ہنٛز قایل۔ پزر چھُ یہِ زِ تمِس چھُ باسان زن تہٕ چھُ تمی وُڈُوٗن پأز بند کوٗرمُت۔ سو چھےٚ چندر کانتاہ وَنان:

"واریاہس کالس وُڈِتھ رِوتھ زون مےٚ یہِ پزٕ زِ اُسی روٗدی ازتاتی سیاہس تُھتِ۔ اَمہِ لیور اُمِس تُھتِ روزُن گوو اُمِس سِتی اُنیلے کرُن"۔

"ژندری! مےٚ تزاو اُمِس گوڈٕ پتہٕ موٚمتاہ ہِنٛز۔ ہانکلہٕ نالی۔ زونم دٕلوٚ یتھےٚ کنہٕ باز ییم۔ مگر اُمی سُند آکار تہٕ اِنہار وُچھتھ کوٗرم فکر زِ مےٚ کوٚر وُڈُوٗن پأز بند۔ یتہٕ کوٗرمس ژےٚ سِتی کھاندرِ یہِ زأنِتھ زِ یاکھ ہانکل گژھِس نالی۔ چانہٕ مایہ ہِنٛز۔ ہانکل۔ مگر مےٚ باسیوو زِ اُمی ہنٛز۔ آتما روزٕ تو تہٕ کرِتھ نےٚ اُمِس میوٗل تہٕ سو کھ۔

نہ میانہِ کوچھ منز۔ نہ چانہِ کومہ منز۔"

چنڈالہِ ہندِس کردارس منز چھنہ موجی یاژ بلکہ اکھ ووستاد تہ۔ یہ وُچھتھ زِ سُیاسُند روح چھُ بےسوکھ، چھےٚ سو واُنسہِ ہندِس تتھ منز بس پیٹھ تہ اولادس پانس نِشہِ دوٗر کرنس پیٹھ تیار، یتین تمس سُیا ہندِ ذٕنی سوچھ واُتھ ہیکہ ہے۔ سو چھےٚ پننہِ ذاتہ مشراوِتھ سُیا ہتر۔ شخصیژ ووتلنک برپوٗر موقعہ دِوان یتھ پاٹھۍ چھُ تمہِ ہندِس کردارس منز ماجہِ علاوہ اکھ ووستاد تہ۔" سو چھےٚ سُیا ہس وِزِ وِزِ رتھ پاوان زِ سُہ چھنہ اکھ سادارن انسان، بلکہ اکھ سُہ متوش لیس یُکن ہندِ رُت کانٛھن چھُ۔ سارنے رُت کرُن چھُ۔ تس چھُ پانہ تکلیف تُلتھ یُکن آرام واتناوُن۔"[1]

چندر کانتاہِ ہند کردار چھُ سُیا ہندِ وجوٗدچ تکمیل۔ سو چھےٚ دیوتا صفت سُیا ہندِس کردارس انسانی زندگی ہندِس دایرس منز شامِل کرِتھ تمۍ ہتر۔ گرِ یکہِ وُنہ جوانی ہند تہ لولہِ ہنہ دِلک استعار بنان۔ سو چھےٚ سُیا ہتر۔ مادی زندگی ہنز کشش تہ تمۍ سندِ ذاتک تجسیم۔ تمۍ سندِ کردار وراٗے بنہِ ہے نہ یہ ڈراما اکھ کیٚلو ڈراما یتھ منز نہ موضوعیت پادٕ سپدِتھ ہیکہِ ہے۔ تکیازِ تمۍ ہندِ وراٗے ہیکہِ ہے سُیا سُند کردار اوک پاسے روزِتھ تہ تمس آسہِ ہے محض دیوتا سُندُے پوت روٗپ۔ ڈراما نگارن چھُ چندر کانتاہِ ہند کردار ذریعہ تمہِ تناوُک منظر ووتلووُمت یُس ڈرامہس منز فرضس تہ لولس، دِلس تہ دماغس تہ ذاتی آرامس تہ اجتماعی سوکھس درمیان تصادُمچہ شکلہِ منز درینٛٹھ چھُ گژھان۔

چندر کانتاہِ ہند گربار چھُ گوڈے سہلابہ بُڈی گومُت یتھ منز تمۍ ہتر۔

---

[1] علی محمد لون، سُیا (پوٗت منظر)

موج تہٕ مارٕ گامٕژ پھٕےٚ۔ یتھہٕ پاٹھٕی چھُ نٛیاہنٛدِ وجوٗدُک اکھ حصہٕ چندر کانتایہٕ ہنٛدِس کِردارہِنٛدِس صوٗرتس منٛز۔ گدرنکہِ تمہِ تجربہٕ منٛزٕ درامُت یِیٖ سہلاب ییٚنہٕ کِنہٕ لوٗکن سرُن ہیوان اوس۔ امہِ کِنہٕ چھُ سہلابن ہنٛد روٗٹ کرُن اجتماعی نوعیتٕچ ہتٕر۔ اہمیتھ تھاوان باوجوٗد نٛیاہنٛدِ باپتھ لاشعوٗری سطحس پیٚٹھ اکھ ذاتی مسلہ تہٕ یُس تمس ہتٕر لیٚس تام واتنہٕ خاطرٕ بنیادی وُتشاوچ کام دِوان چھُ تہٕ تمس رُتوٗ تہٕ مازوٗ انسان بناوان چھُ۔ اَمِچ استعاراتی اہمیتھ اوٚک طرف ترٲوِتھ پھٕےٚ چندر کانتا اکھ حساس تہٕ زِنٛدٕ دِل زنانہٕ ییٚمس خاندارٕ ہنٛدِ دوٗرٕرُک کریچھرٕ توس تلان چھُ تہٕ یہٕ زٲنِتھ چھُس خوشیہٕ ستیٚ اَشہِ گنڈِ تہٕ پھٹان زِنٛیا چھُ لگہٕ ہجوس منٛز۔ فقط تمہٕ سیٚے وَتہٕ گاران چندر کانتا یِلہِ نٛیاہتٕر جُدٲیی منٛز گیر گرٕ ہیتھ سیٹھہِ وہٕ دٲسی آسان پھٕےٚ نٛیاہتٕر۔ موج پھٕےٚ تمس منٛزُن خاب بوزناوان:

" ژٕندٕر آیہِ نا" چھُ سُہ آب یُس نٛیاہنٛدِ دوٗرٕرکِس نارس یکدم ژٕھیتہٕ چھُ کران ییٚتھ منٛز۔ سو ہینہٕ پھٕےٚ آمٕژ۔ یہٕ زٲنِتھ زِ سو پھٕےٚ نٛیاہنٛدِس زُمَس زُمَس منٛز۔ بسِتھ تہٕ تمہِ ساعتہٕ تہٕ تمی ہنٛدِ جستجوٗ ہُک مرکز۔ ییٚمہِ ساعتہٕ سُہ پانہٕ لگہٕ ارساتک مرکز چھُ، پھٕےٚ تمس ستیٚ ستیٚ ڈراماپرٕن وٲلس یا بوزٕن وٲلس ییٚتھارٕبس گرٕ ہان۔ یہٕ منظر چھُ ڈرامہس منٛز۔ سارُوے کھوتہٕ زیادٕ جذباتی تہٕ چندر کانتایہٕ ہُنٛد کردار چھُ امہِ منظرُک باعث۔

ڈرامہکین دوٚییمین کِردارن منٛز۔ چھُ راز اونتی ورمن سُند کِردار پرٕیہٕ وُن۔ سُہ چھُ اکھ عوام پرٕور تہٕ نیک دِل بادشاہ۔ تمس چھُ احساس زِ ملک آباد کرُن گووتہٕ مندورِ، مندر تہٕ گھاٹ بناوُنی بلکہ چھُ ملکچ خوشحالی ہُنٛد راز لوٗکن ہنٛز اقتصادی

پاپر جاۓ منز۔ اَوے تہٕ چھُنہٕ وزیرس جی حضوری تمس تہٕ عوامس درمیان
اَتھوٗر بنان۔ سُہ چھُ سہلاب ڈسی عوامس دربپیش مسلہ تہٕ تہندی دوکھ تہٕ دادٕ
نہ صرف زانان بلکہ تہندی دگ تہٕ ژیان۔ امیُک چار کرنہٕ خاطرٕ چھُ بےسوکھ
تہٕ بےقرار۔ یہٕ زانتھ زِ سیاہس چھُ وتھ تولُو کرنُک جنوٗن کلس پیٹھ تہٕ سُہ ہیٚکہِ
سہلابس روٗٹ کرِتھ، چھُ سُہ پننی خزانہٕ تمس آیتھ تھاوان۔ سُہ چھُ سیاسند
گیانٕچ تہٕ تمہٕ کہ ورتاوچ کامیابی وُچھتھ خوش گژھان تہٕ امہِ کِس اعترافس منز بےمثال
جشنُک اعلان تہٕ کرناوان۔ یتھ کنہٕ چھُ راز اونتی ورمن سُند کردار مُدبر تہٕ دیدٕور
حکمران ہنزِ حیثیتہٕ منز برونہہ کُن یوان یُس ڈرامانگار سُند سُہ آیڈیل تہٕ چھُس سُہ اقتدارکین ایوانن
منز وُچھُن چھُ یژھان۔

ڈرامہس منز چھِ یمن علاوٕ گوٗرُو، وزیر، بے دیو، چنڈال تہٕ دوٚیم
کردار تہٕ یمن حیثیت ضمنی چھےٚ۔ اَما پوٚز سوٗتردھار چھُ اَکس بربوٗر کردار
ہنزِ صوٗرتس رٹان۔ سوٗتردھار چھُ یوٗنانی تہٕ انگریزی بھاشہِ ڈرامہن ہندِ کورسُک
مُترادِف۔ یہٕ چھُ پرانین سنسکرت ڈرامہن ہند اکھ لازمی جز تہٕ وُنی کینٛہہ تہٕ
چھُ یہٕ کینژن ہندوستانی زبانن منز ڈرامچہِ ٹیکنیکہِ منز شامل۔ یہٕ چھُ کُنہِ کُنہِ کاشرس
لُکہٕ تھیٹرس منز تہٕ دریٹھ یوان۔

سوٗتردھار چھُنہٕ ڈرامہس منز سوٗتردھارے یوت۔ سُہ چھُ راوی
ہندِ علاوٕ ڈرامچہِ عملہِ منز شامل۔ سُہ چھُ سٹیجس پیٹھ سپدن واجنہٕ عملہٕ تہٕ وُچھن
والین درمیان واتنیارُک ذریعہ بنان۔ سُہ چھُ مختلف واقعن درمیان ربط
پاد کرنس منز تہٕ مدد کران۔

سوٗتردھار چھُ پانہٕ وَق ییٚس زندگی ہُند ڈراما وُچھان تہٕ چھُ تہٕ ہاوان تہٕ۔ سُہ چھُ پانٕنے فاصلہٕ تہٕ کران۔ سوٗتردھار چھُ کاہشتھ وٕری برونٹھ سپدیمتہٕ واقعک گواہ تہٕ ازکال تہٕ چھِس سوٗرے دیدمان توے چھُ ڈرامہکس شروٗعس منز لوکن کُن وَنان :۔

"تہندِس ییتھ نگرس، ییتھ شہرس منز چھُ تہٕ کیا ییتھ زن تہی..
رِندو، دوکوٕ، اُسو تہٕ دل بہلایی کرِو ..... بہٕ چھُسنہٕ
باشن دِنہٕ یا تقریر کرنہٕ آمت رکیازِ مےٚ چھےٚ خبر....
........ زِ تقریرہٕ بوزی بوزی تہٕ باشن ژاآلی ژالی
چھو تہٕ ہیسر آمتی ......... ییتھ شہرس منز چھُ
وُری پہٕ کمین بہن رتن تقریرن ہندٕے موسم روزان۔"

وق چھُ پرتھ کانسہِ پرکھاوان یہ چھُ ہر کانسہِ پرانٕ اسوائے ثمٕس ییٚس اکھ موچھ منز رٹِتھ یٔترٕ تھٕ۔ شیا چھُ پننہٕ عمرہٕ تہٕ حوصلہٕ، عقلہٕ تہٕ مایہ ہنز وخصوصیژ وکنی وقتس پیٹھ حاوی گژھان۔ییٚس کارنامہٕ سُہ انجام دِوان چھُ سُہ کارنامہٕ چھُ وقتکہٕ اکہٕ مخصوص حصک عنوان بنان۔ڈرامہس منز چھُ شیا وقتس سوتردھار ہندِس صورتس منز پرزناوان۔

"شیا :۔ ژُلکھ کوٗت

سوتردھار : (گلہٕ زِ لوچھس گژھان) مےٚ، مےٚ، مگر!

شیا : اگر مگر گوو اُیزٕ۔ مے تروو کھ ژہٕ واریاہ لتہٕ۔ مگر
وہ نی ترا وتھ نہٕ!

سوتردھار : مگر میون دوش کیا چھُ؟

سُیا : (تس کھٕنچھ یِہٕ تراوِتھ) چون دوش چھُ یتےٚ یوت
زِ ژٕ چھکھ یِہٕ تھٕ وِز ژلان - اَکھٕی چھکھ نہٕ یِوان۔
مگر مےٚ نِشہٕ کوٚت ژلکھ - یِہٕ تراوِتھ؟"

یون صاحبُن یہٕ ڈراما چھُ تمہٕ ہندِن باقی ڈرامہن ہنٛدِ نسبت یوٚڈ۔ اَتھ منٛز چھِنہٕ ایکٹن تہٕ منظرن ہنٛز باگےٚ کرنہٕ آمٕژ۔ ڈرامہکۍ ساری منظر چھِ لایٹِہ تہٕ پردن ہنٛدِ ذریعہٕ بدلان۔ سٹیجس پٮ۪ٹھ پیش کرنس چھِنہٕ اَتھ زیادٕ دِقت۔ کینہہ ممکنٕ مشکل منظر چھِ مکالمو ذٕسی ووٚتلان۔ ڈرامہکۍ مکالمہٕ چھِ جاندار مناسب تہٕ کردارن حسبِ حال۔ یِم چھِ واقعات برونٛہہ کُن پکناونہٕ علاوٕ کردارن ہنٛز شخصیژ تہٕ پوٚر پوٚر پیش کران۔ ماجہِ ہندِن مکالمن منٛز چھُ ماجِنیار، چندرکانتایہ ہندِن مکالمن منٛز لول، گوٗرو ہندِن مکالمن منٛز علم تہٕ بادشاہ ہندِن مکالمن منٛز وجاہت تہٕ قومُک ژٕکھ۔ کیٛنٛہہ جایہٕ چھےٚ کردارن ہنٛز داخلی خود کلامی تہٕ یوسہٕ تِہندِ اندرِمہٕ تصوٗرٕ ڈٕکھ پےٚ چھےٚ دِوان۔ مکالمن منٛز چھےٚ زبان سنسکرت آمیز۔ تکیازِ ڈرامائی واقعہ چھُ قدیم تہٕ فنکارن چھےٚ قدیم تہذیبی ماحول برقرار تھاونٕچ کوشش کرمٕژ۔ تہٕ کرُتھ تہٕ چھِنہٕ یِم سنسکرت آمیز مکالمہٕ بوزن وٲلس اجنبی تہٕ مشکل باسان۔

"سُیا" چھِ توارٟخی ڈراما آسنہٕ باوجود اکھ علامتی تخلیق تہٕ۔ یہٕ چھُ انسانی بجرُگ تہٕ تھٕرُک ڈراما۔ ڈرامہکۍ کردار چھِ بیٛنہٕ بیٛنہٕ جایہٕ کردار تہٕ تہٕ انسٲنی خصوصیژن تہٕ مختلف قووتن ہنٛز علامژ تہٕ۔ سُیا چھُ ہیمت، حوصلہ، گاٹھجارچ تہٕ قوربٲنی ہنٛز علامت۔ یِم ساریےٚ خوٗبیہ چھےٚ انسانس بوٚڈ انسان بناوان تہٕ تمہٕ سٕنٛز زندگی مانہٕ بخشان۔ ماج، سوٗتردھار، چندرکانتا بیٚیہ کردار

تہٕ چھےٚ علامتی حیثیت حاصل سپدان ۔ کردارن ہٕنز ہٕتی چھےٚ وبتھ تہٕ ڈرامہس
منز امی علامتی معنویژہ سۭتی مالامال ۔ ڈرامہک بنیادی مسلہٕ چھُ سہلاب ۔ یہ
سہلاب چھُ وۄبتھِ ہندے غوصہٕ تہٕ کرودھ ۔ وبتھ چھےٚ کشیرِ ہنز تواریخچ گواہ ۔
یہ چھےٚ یتہٕ وۄتہٕ میٛچھ لکان تہٕ تیٚمچ تہذیبی، سماجی تہٕ سیاسی زندگی وۄچھان روزمژ ۔
معنہٕ چھوٚ یموے تہٕ تہٕ داری یوٚ کنہٕ چھُ یہ ڈراما تواریخچو کتابو منز نبرنیر تھ
ارکالیجین سماجی تہٕ تہذیبی حقیقژن تہٕ آبہٕ ہاوان تہٕ ہٕتی انسانی زندگی ہندس
وسیع تنوظرس منز تہٕ تیٚنچ اہمیتھ نہٕاوان ۔ لون صابنٕ سماجی وابستگی چھےٚ امہٕ
ڈرامہکس رژ منز ۔ لوکٹس طبقس منز بڈرس انسان ہُند فکری تہٕ عقلی ارتقاء
چھُ امہٕ سماجی وابستگی ہند گوڈنیک نشانہٕ ۔ سہلابہٕ دیوس لنہٕ بُترآژ تہٕ اتھ
پیٚٹھ روزن والین لوکن نجات دیاوُن چھُ مانہٕ کس سوٚتھرس پیٚٹھ بجایہ خود اکھ
رٔہ عمل یُس ڈرامانگارن ہنز انسان دوس شخصیژ ہُند غاب چھُ ۔ یہ سہلاب چھُ
ظاہری سہلاب تہٕ یُس وبتھِ کھنہٕ بل پیٚٹھ وولرس تام کھسان چھُ مگر امہٕ علاوٕ
چھُ یہ مختلف النوع سہلاب تہٕ یُس عام لوکن ہنزن آشن تہٕ وومیدن دوٚہے
پانس سۭتی ڈٔیتھ نوان چھُ ۔ حکمران طبقس چھنہٕ اُمہِ چھیہٕ تہٕ لگان ۔ وزیرِ سُند رازس
دنن رٕ ساری چھِ خوش تہٕ خوشحال چھُ زان اُستھ ازاَنی لاگنگ اشارٕ ۔

یوٚدوے علی محمد لون صابن "سُیا" ڈراما ورآے کیہیں تہٕ آہیے نہٕ
لیوکھمُت تو تہٕ آہیے کاشرس ادبس منز خصوصاً ڈرامانگاری منز تمس اکھ بوڈ
مقام حاصل ۔




کُنوٛہمہِ صدی ہندِن درمیانی ڈٔلِین دوران اوس انگریزی سٹیج ڈرامہٕ
پٔتھ DURY LANE تہٕ COVENT GARDEN تھیٹرَن ہُند راج۔ امہِ
وقتٕکی تماشہٕ بین آسی سٹھاہ حدس تام بد ذوق تہٕ تِم آسی فقط بے ہنگم تہٕ دُنیب کرن
والین مؤسیقیانہ تہٕ تھیٹرکل THEATRICAL تاثراتن (EFFECTS) ہُند
تقاضہٕ کران۔ DURY LANE تہٕ COVENT GARDEN دوٛنوی تھیٹرن
ہندی مینجر آسی باصلاحیت لوٗکن ہنز حوصلہٕ شکنی کران تہٕ تِمن لوٗکن بروٚنہہ یکنک
موقعہٕ دِوان یِمن سٹیجس متعلق زیادٕ واقفیت آسہٕ۔ نتیجہٕ دراو یہِ زِ تتھی یوت
ڈرامہ پیدٕ تہٕ تخلیق یِم گنڈنی ناممکن آسی بلکہ آیہِ تتھی ڈرامہٕ لیکھنہٕ یِم نہٕ پرنس لایق چھِ
کُجا شیکسپیرَنِدِ زمانُک سٹیج ڈرامایُس ادبی تہٕ تھیٹرکل EXCELLENCE ہُند معراج
اوس تہٕ کُجا یہِ صورتہٕ حال یتھ منز۔ ادبُک تہٕ سٹیجُک بیرون موٗلُل تہٕ نوٗرُک

رشتہ مکمل پأٹھۍ درہم برہم گوٚمُت اوس
DURY LANE تہٕ COVENT GARDEN تھیٹرن ہُند
غلبہ باوجود آیہِ وارٕ وارٕ لوکٹۍ لوکٹۍ تھیٹر بارس۔ یِمن لوکٹن لوکٹن تھیٹرن ہُند
مؤلہٕ مدعا اوس درمیانٕ طبقٕکین لوکن ہُند تفریح کرُن۔ یِتھین تھیٹرن ستۍ وابستہ
لوکن ہُند مزاز اوس اعتدال پسند۔ مذکورٕ تھیٹر سیدۍ تخلیقی توٚرِ ستۍ مالامال
نوجوانن ہند خاطر پھریٚ شایع تہٕ تِمو ہیوٚت بیٚیہِ اکہِ پھِر سٹیجہِ خاطرٕ لیکھُن۔ ٹی۔
ڈبلیو۔ رابارٹسن، ہنری آرتھر جونز تہٕ پائنیرو (PINERO) ہوٚلو لکھارو پھِر امہِ
تہجہِ (اعتدال پسندی) ہنز وگ حقیقت پسندی کُن۔ ابسنن کرۍ GHOSTS تہٕ
WILD DUCK ڈراما لیکھتھ ادبی تہٕ حقیقت پسندانہ ڈرامہچہِ عالی مرتبہِ
قدرٕ متعین۔ تِمو کوٚر ذأتی تہٕ سماجی مسلن متعلق پننہِ تخلیقی بصیرژ ہُند مظاہر تہٕ تِتھۍ
ڈراما کرِن تخلیق یِم فطری نثرس منز لیکھنہٕ باوجود علامتی تہٕ شاعرانہٕ آفاقیژ ہندۍ
رٕتۍ نموٗنہٕ چھِ۔ یہ اوس ڈرامہکہِ (ادبی ڈرامہکہِ) نوٚزمُک آغاز تہٕ زیادٕ مقبول تہٕ
رِوایتی ٹیکنیکہٕ مِثلن موسیقی تہٕ مسخری (CLOWNING) پیٹھ موسیقی ہندِ ہالن تام محدود۔
امہِ قسمُک ڈرامہ سُید گالزوردی GALSWORTHY تہٕ
GRANVILLE BARKER ہوٚن لکھارن ہندِ ڈسی مستحکم۔ یِمن لکھارن ہندن
ڈرامہن منز چھُ ادبی خصوٗصیژن ستۍ ستۍ حقیقت پسندی ہند رجحان تہٕ ٹاکارٕ ستۍ
چھِ یِم رٕژ پلاٹ سازی تہٕ سنجیدٕ سونچُک تہٕ بے دِوان۔ برنارڈ شاہن کوٚر بیٚنین

بہترِین کامیڈین منز WITTIEST مکالمن تہٕ وُنبی مگر فرحت بخش تہٕ پُر تحیر واقعاتن پانہٕ واتی تیتھ مِثُل زادب تہٕ سٹیج آیہِ بیٚیہِ اکہِ پھراکھ اُکس نزدیک۔

ہُپارِ اوس رِوٲتی WEST END ڈراما (کینہہ مثالہٕ اوکھ طرف ترٲوِتھ) زندگی ہنز سطحی تصویر کشی کران۔ یہِ اوس زندگی تمہٕ آیہِ نقش تلان زِ یہِ اوس درمیانی تہٕ ہیٚرِ مہِ طبقہٕ کین لُوکن ہنز زندگی ہنز عکاسی کرنہٕ بجایہِ اکھ فوٹوگرافی کران۔ تاثرِ تہٕ بےٚ رُو STOCK SITUATIONS یمہِ RESPONSE ہنز پٲداوار آیہِ چھا ایکھ کلہم متاع۔ اتھ منز نہٕ اوس کانہہ نوٚو خیال (IDEA) نہٕ کانہہ ادبی تاثر تہٕ نہٕ وِٹ (WIT) درینٹھی گژھان۔ اَمہِ قسمکی ڈرامہٕ وُچھن اوس فنی تجربہ سرنہٕ بجایہِ اکھ اُکس سمکھنک موقعہٕ بنومُت۔ یُپارِ اوس RATTIGAN تہٕ USTINOV ہنز وِنرل کامیڈیو تہٕ ٹی۔ ایس ایلیٹ تہٕ CHRISTOPHER FRY ہندیو شعری ڈرامہو علاوہٕ کلاسیکی ڈراما حقیقی ڈرامہچ پہچان بنان۔ شیکسپیر ہندی ڈراما آیہِ نہٕ وونی صرف STRAFORD تہٕ OLD VIC یو تےٚ سٹیج پدان بلکہ WEST END تہٕ۔ اَمہِ انقلابی مزاجہٕ تبدیلی ہند ژوٚر CREDIT چھُ گل گُڈ سس (GIELGUD) ییٚمی سنزِ کوششو کِنی شیکسپیر ہندی ڈراما وُچھن والین ہنز تعداد دوہہ کھوتہٕ دوہہ ہُران گےٚ۔ گل گُڈ اوس سٹیج کین زاوجارن ہند واقف کار۔ تمی ہندی بہلہ پایہٕ تہٕ تاویل ساز ذہنن کوٚر تمس یہِ امتیازی خطاب عطا زِ سُہ آو ینہٕ زانکُٕ HAMLET گنزراونہٕ۔ ۱۹۳۴ء منز

پھٹراوی تمی پننہ بہترین ہدایت کاری تہٕ کارکردگی ستےٚ NEW THEATRE
ستےٚ وابستہٕ روٗزِتھ اروِنگس ( IRVING ) یتہٕ ساری پرانی رکارڈ۔ ہدایت کار
ہندِ حیثیتہٕ کوٚر تمی پننہٕ وقتکین بہترین فنکارن EDITH EVANS, PEGRY
ASHCROFT تہٕ OLIVIER تہٕ دوٚیمین لوٗکن ستےٚ ژلِتھ تمہٕ ساتہٕ پننہٕ
کامیاب کارکردگی ہُند مُظاہرٕ یِیلہِ تمی شیکسپیئر، ویبسٹر WEBSTER تہٕ شری
ڈان ہون ڈراما نگارن ہندین ڈرامہن دِلس مُہتھ تہٕ وآلی تاویل کری
دوٚیمو فنکارو کری ییٚمہِ وَتہ ژٕھتہ HENRY IV, OEDIPUS
ڈراما سٹیج۔ یِرتھو کامیاب کوشِشو پوٚو تماشہٕ THE CRITIC AND PEER GYNT
بینَن تہٕ وۄتھوٗنین ڈراما نگارن ژٕتِس زِ حقیقت پسندانہٕ ڈرامہٕ لیکھنہٕ ورآے
تہِ چھِ ڈراماہ لیکھنکی دوٚیُم اوٚسلوٗب ممکن ییمہِ کِنی لوٗنٛدرس دٔہِس منز نوٚ ڈرامہچہِ وۄتہٕ
بَندِ دِرایہٕ۔

نوٚس ڈرامہَس منز زۄرِ بتہٕ پادٕ کرنَس منز۔ کوٚر نوجوان ڈراما نگارو ولیکرن
WESKER تہٕ DELANEY ہن خاص رول ادا۔ یِمو کوٚر REALISTIC
ڈرامہَس منز اکھ نوٚو حرارتھ تہٕ طاقتھ پادٕ۔ یِمو لیکھارو بناوی نوکریہٕ کرن والین
لوٗکن ہندی نفسیاتی کھُری تہٕ اندرٕ ڈٕ بینین ڈرامہن ہندی موضوٗع۔ یِمن علاوٕ
کوٚر تجربہٕ پسند (AVANT-GRADE) ڈراما نگارو بینین صلاحیژن ہُند مظاہر
تہٕ یِتھ کِتھ بیٚٹھ دِتھ زور زِ VERBALISM لیوت چھینہٕ کافی۔ تِمو کوٚر تھیٹرکہو
کُلہم ناگرادو بیٚٹھ ترِیش چیٚتھ نوٚی نوٚی تجربہٕ کرنکُ ستر۔ نتیجہ دراو یہِ زِ بأتھ

تہٕ مسخری ہشہٕ ٹیکنیکہٕ آیہٕ بیٚیہٕ اکہٕ پھِر زندٕ کرنہٕ۔

برخت ہندی EPIC تھیٹرن دِژ نوٚ ڈرامہکہٕ ووٚتھ بوٚ خاطرٕ اکہٕ زبردس ووتشاوٕچ کام۔ EPIC تھیٹرن کوٚر رِوایتی ساختہٕ والہٕ ڈرامہ مقابلہٕ اکہٕ آزاد تہٕ یُکہِ ہیرٕ ہُند تصور پیش۔ برختَ ہندِس مخصوص اوسلوبس منز چھِ رِوایتی تھیٹرچین ٹیکنیکن، مثلن باتھ، ماسک (MASK) ، فضا SETTING تہٕ کسٹیوم EXTRAVAGANT علاوٕ تماشہٕ بینَن کُن بلاواسطہٕ خطاب تہٕ شامل۔ یِم ٹیکنیکہٕ ورتاوِ دوٚیمو ڈراما نگارو تہٕ یِمَن منز آرڈن (ARDEN) بولٹ (BOLT) تہٕ آسبارن (OSBORNE) شامل چھِ۔

ہیارِی کوٚر آنسکوٚہن بے معنکس ڈرامہس منز MONSTERS (مثالے (REHINOCEROS) متعارف تہٕ STAGE PROPERTIES ہند فایدٕ تلتھ مثالے (خالی کرسیہٕ EMPTY CHAIRS) کوٚرن انسان ہندِس خالی وجودس طنزٕ۔ آنسکوہن۔ وَتہٕ یُکی ساونڈرس (SAUNDERS تہٕ سمپسن (SIMPSON) یہترٕ مشینہٕ انسانی تخیلس پیٹھ مشینن ہندِ غلبک علامتی اظہار چھِ۔ MONSTERS تہٕ مشینہٕ یِمہٕ اوٚتام PANTOMIME تام محدود آیہٕ آیہٕ ووٚدنی سٹیجہٕ خاطرٕ تہٕ اہم زانہٕ۔

امہٕ وقتکہٕ سٹیج بیاکھ اکھ اہم خصوصیت چھے یہِ زِ شیکسپیئرن ہندین ڈرامہن آیہٕ نوٚی نوٚی تاویل کرنہٕ۔ کینژن ہدایت کارن تہٕ نقادن آیہٕ یِمن ڈرامہن منز تِتھ صورتحال (SITUATIONS) لبنہٕ یِمہٕ پوسٹ وار یورپس منز درینٛٹھ آسہٕ گژھان۔ پیٹر بروک (PETER BROOK) سُند گفت چھُ زِ تِمی ہنز بہترین

ہدایت کاری ہُند فن پرٛزلیوو تمہٕ ساپہٕ پیلہٕ تمی ۱۹۶۳ء منٛز KING LEAR سٹیج کوٚر۔ تمی سُند چھُ مزید وَنُن زِ پال سکوفیلڈس (PAUL SCOFIELD) یمی KING LEAR سُند رول کوٚر علاوٕ چھُ تمی ہِنٛز۔ کامیابی ہُند راز JAN KOTT ہِنٛز بصیرژ ہُند مہون منت۔ JAN KOTT بنیہ یمی نازی ظلمس ستی تہٕ سٹالن ہِنٛز تہٕ روسی بربریژ ہِندی خوفناکھ منظر پٮ۪ٹھنیو اچھو وچھمتی آسی چھُ وَنان زِ POWER POLITICS تہٕ تشدد کی پرٲنی عکس چھ سانہٕ اَزچہِ زندگی منٛز۔ تہٕ دربتھی گرتھان۔ تہٕ چھُ یتھ کتھِ پیٹھ زور دِوان زِ شیکسپیئر ہِندی تواریخی ڈراما تہٕ المیہ (TRAGEDIES) تہٕ خصوصاً (MACBETH) ڈرامہس منٛز چھُ تواریخُک اکھ GRAND MECHANISM دیدمان یوان۔ یہ MECHANISM چھُ تمن خوٚنین کوٚشِشن ہُنٛد پاٹھی گاشراوان یمہٕ انسان پرتھ زمانس منٛز سیاسی طاقتھ حاصل کرنہٕ باپتھ کرمٕژ چھِ۔ KOTT سُند وَنُن چھُ ہتہٕ یہِ زن اکھ پزر تہٕ چھُ اَز شیکسپیئرن چھ جنگس تہٕ جاگیر دارانہ بربریژ خلاف بغاوت کران پٮ۪ٹھنہٕ ووتہٕ دچ بھرپوٗر باوتھ کرمژ۔

۱۹۶۵-۶۶ء دوران بنوو پیٹر ہالن (PETER HALL) تہٕ جان بارٹن (JOHN BARTON) رایل شیکسپیئر کمپنی ستی رلتھ بی۔ بی۔ سی خاطرٕ "THE WARS OF THE ROSES" سیریل۔ یتھ منٛز سیاسی طاقتھ حاصل کرنچہ مجبورانہٕ بوچھ تہٕ جاگیر دارانہٕ بربریژ آپہٕ اوس ہاونہٕ آمُت۔ اَتھی دوران آو STRAFORD تہٕ ALDWYCH "HENRY V" روایتی تہٕ شاہی شان وشوکت اوٚکطرف ترٲوِتھ گندنہٕ تہٕ بادشاہ آو ووداسی، خوفہٕ ہوٚت تہٕ تمہٕ فوجک سالار ہاونہٕ یُس چھلہٕ چھانگرٕ گوٚمُت اوس۔ کھلہٕ تہٕ بڑس

ییٹجس بیٹھ یٹیج سپدتھ باسیوو یہِ ڈراما لہجہِ تہٕ معنویٕژ کنہِ برخت ہندِس
MOTHER COURAGE ڈرامہِس ہِوی یِس یمن دوہن OLD VIC, ہاونہٕ
اوس یوان۔

۱۹۶۵ ہیٔتہٕ آیہِ نوٚ آیہِ ڈراما لیکھنہٕ چہِ واریاہ کوٚشش کرنہٕ۔ کینژو
اہم کوٚششو تہٕ تجربو منٛز چھُ تھیٹر آف فیکٹ (THEATRE OF FACT)
قٲبلِ ذکر۔ اَتھ چھِ کیٚہنہ لوٗکھ LIVING THEATRE تہٕ کیٚہنہ لوٗکھ
DOCUMENTARY تہٕ وَنان PETER WEIESS سُند THE
INVESTIGATION ڈراما چھُ اَمہِ قسمکین ڈرامہن منٛز اکھ میلہِ کنہٕ
ہنٛز حیثیت تھاوان۔

رایل شیکسپیٔر کمپنی کوٚر اکھ بدل قسمُک ڈرامٲٹک تجربہٕ۔ یتھ
DIRECTOR'S THEATRE وَنان آو۔ پیٖٹر بروک ہندِ US ڈرامٲٹک
مدعا اوس لوٗکن ہنٛز INVOLVEMENT حٲصل کرٕنی۔ اَتھ ڈرامہِس منٛز
اوس ویت نام جنگس متعلق انگریزن ہُند کیٚو کلہم یوٚرپی رایہ عامچہِ عدم دلچسپی تہٕ لا تعلقی
پیٹھ سخت چوٹ کرنہٕ آمٕژ۔

اَمی قسمکین ییٚنہِ کینژن ڈرامہن منٛز چھُ میک گراتھ MCGRATH
سُند THE GENERALS' سُند (VIAN) ویان BOFORS GUN
DINGO AND "H" تہٕ چارلس ووڑ سُند TEA PARTY شٲمِل یمن ڈرامہن منٛز
چھِ فوجی سوچس تہٕ جنگس خلاف آواز بُلند کرنہٕ آمٕژ۔ یُتیٚ یوت نہٕ بلکہ آیہِ
کرٕہنی تہٕ سفید رنٛگ تھوون والین لوٗکن درمیان رشتن متعلق تہٕ ڈراما
لیکھنہٕ تہٕ سٹیج کرنہٕ ROBERT LOWELL, FUGARD تہٕ نیگرو

ڈراما نگار LE ROI J.JONES چھ امہِ قسمکی ڈراما لیکھن والین منز شامل۔ دوٚیم انسانی مسلہ مثلن دود تہٕ دگ (جسمانی کیو روحانی)، تہٕ بنیہ وارِیہن ڈراما نگارن ہندی موضوع MORTIMER, DAVID STOREY تہٕ TRIANA چھ تمن ڈراما نگارن منز شامل یمو جسمانی تہٕ ذہنی بمارن ہُند صورتحال ہینٛن ڈرامہن منز بوو۔ یم ساری ڈراما آیہ رایل شیکسپیر کمپنی تہٕ NATIONAL THEATRE کہ اتھواسہ سٹیج کرنہٕ۔



---

ل JAN KOTT چھ اکھ پولینڈی پروفیسر تہٕ نقاد۔ تمہ سنز کتاب SHAKESPEARE OUR CONTEMPORARY چھپیہ ۱۹۶۴ء منز۔ کاٹس چھ معاصر یوریی زندگی ہندی حکس شیکسپیر سنزن کامیڈین منز تہٕ درٛینٹھ گرٛھان۔ THE BITTER ARCADIA منز چھ تمہ اکھ کتھ تفصیلہ سان وۄرٛشنے کرمٕژ۔

# یوٗری پیڈیز

## اکھ تنقیدی جایزٕ

غلام نبی خیال

”سارنی شاعرن منز پرچھ کانٛسہِ ہنٛدِ کھوتہٕ ٹریجک شاعر۔“ یہِ چھُ ارسطوٗن یوٗری پیڈیزس نِسبت وونمُت۔ اگرچہ یوٗنانی کلاسیکی ادبہٕ کِس اَمِس عظیم نقادَن ہنٛدِس بارس منز وننٕس پتہٕ مختلف خیالن ہنٛدو بیوٚن بیوٚن جدید نقادَو تہٕ سُخن فہمَو رنگہٕ رنگہٕ ورٕتھن کرُٛ مگر ازتام تقریبن ڈاے ساس وری گرٛزِھتھ تہٕ چھُ یوٗنانی ڈرامک اَزکین تنقید نگارن مانٛز بہوان زِ پٔزی پاٹھۍ اوس یوٗری پیڈیز امہِ لقبک مستحق۔ لیُس ارسطوٗن تنقیدِکس اصطلاحس منز بَس دیٛت، اعتراض کرَن والٮ۪ آسی یہِ نوکتہٕ تُلان زِ ارسطوٗن چھُ دراصل زِ لفظ ”وُداسی“ تہٕ ”ٹریجڈی“ خلط ملط کرِمتہٕ تکیازِ یوٗری پیڈیز چھُنہٕ تیوٗت ٹریجک یوٗت سُہ ”وُداس“ چھُ باسان تہٕ بنیہِ یہِ زِ ارسطوٗن چھُنہٕ یمَو دوٚیو کتھو منز اکے کتھ معین کرِتھ یوٗری پیڈیزس صحیح تنقیدی تجزیہِ ہیوٚکمُت کرِتھ۔ امہِ قسمٕکین اعتراضن تہٕ لوٚگ وقتس اَکِس چلے جاو تہٕ یوٗری پیڈیز روٗد وارِیہس کالس تِتھس یوٗنانی ڈراما نگارٕ سنٛدِ حیثیتہٕ جدیدیَرن والین برونٛہہ کُن پیش سپدان یُس نہٕ ٹریجڈی ہنٛدِس بَیس اوس ووتمُت تہٕ یَسنٛدی ڈراما محض اکھ غم تہٕ

وُداسی پأدِ چھِ کران مگر بیتہٕ پیلہِ پروفیسر گلبرٹ مرےٚ تہٕ ڈاکٹر ویراَل ہی مغربی نقاد مارکس منز دراے اتی باسیو خاص طور مغربی دُنیہس تہٕ یوٗنأنی ادبس ستیٚ دلچسپی تھاوَن والین زِ پزٕی پأٹھی چھُ یوٗری پیڈیزن ڈرامہن منز ٹریجڈی ہُند جوہر موجوٗد — پزٕی پأٹھی چھُ تمۍ اَکی یوٗنأنی گوٚنہ ماتن آدمۍ دوٚکھن تہٕ پریشأنین تہٕ مصیبتن فنکأری سان پُراثر شأعری ہُند روٗپ عطا کوٗرمُت تہٕ پزٕی پأٹھی چھُ یوٗری پیڈیز اکھ سُہ فن کار ییٚمۍ انسأنیتہٕ کین دشمن۔ بدتن غولأمی، جنگس تہٕ بے انصأفی خلاف قلم تُل تہٕ انسأنیتُک پیغمبر آسنُک ہوٚدُن شان۔

یوٗری پیڈیزس برونٹھ دیُت اسکأئیلس تہٕ سوفوکلیزن یوٗنأنی ٹریجڈیہ کُن تمۍ کھاَج پیتہٕ اتھ سوٚ عظیم الشان عمارت ییتھ نہ تمۍ تمہِ زمانہ کِنہِ قسمچہ کأری گری یا رنگ سازی ہُند ضروٗرت باقی تھوٚو۔ ڈاکٹر ویراَلن چھُ ہیٚرِمۍ اعتراض کرن والین صحیح جواب دیتمُت زِ" یوٗری پیڈیزس متعلق صحیح نوٚکتہٕ نظر قأیم کرُن تہٕ سُہ سمجھنُک حدِ اختیار چھُ سُہ چیزاہ یُس اَسہِ ماڈرن لوکن نوِ سرٕ پزِ حاصل کرُن تہٕ اتھ سلسلس منز چھےٚ اَسہِ برونٹھ کنہِ اکےٚ وَتھ سوٚ گیہ یہِ زِ اَسی مانوٚ یہِ ہَن تہٕ اَتی کرَو اَمیُک ابتدا زِ شأعرس متعلق سأنِس نظریس منز چھُ بُنیأدی طور کانہہ نہٕ کانہہ غلطی روُزمٕژ" تہٕ برونہہ کُن چھُ لیوٚکھےٚ نقاد وَنان زِ" یوٗری پیڈیزن فن پأنس فکرِ تارنہٕ باپتھ تہٕ تتھ حظ تُلنہٕ موکھ چھُنہٕ تٔسند نوٚکتہٕ نظر مانُن ضروٗری بلکہ پزِ اَسہِ یہِ زانُن، ژھینُن تہٕ یاد تھاوُن زِ اَکھ نوٚکتہٕ نظرس اَس اکھ حیثیت۔ تٔہندۍ قصہِ چھِ فرض کران زِ دیوتہن چھُنہٕ کانہہ وجوٗد تہٕ یوٚتام نہٕ اَسۍ اَمہِ کتھِ نِشہِ باخبر آسو تہٕ یوٚتام نہٕ اَسۍ یہِ کتھ پرٕتھ ساعتہٕ نظرِ تَل تھاوَو۔ یوٗری پیڈیزن بہترین فن، تٔسند جوہر روزِ اَسہِ نِشہِ پوٚشیدٕ۔"

پننین پیش رَو ڈراما نگارن ہندۍ پأٹھۍ اگرچہ یوٗری پیڈیزَن تہٕ یوٗنأنی دیوٚمالہ ہندےٚ مسالہ کامہِ لوٗگ مگر سُہ چھُ اکثر جاین تمن مبہوٗم عقیدن تہٕ توہماتن چیلنج کران

یِمَو یُوناہَس کِس دِل و دماغس منز مۄل اَسی دِتی مِتۍ۔ سُہ اوس ازلی حقیقتس بُتھ پیٹھ نقاب یِژھان تُلُن تہٕ دیوتہن ہنٛدِ سردار عالمک راز اوس یِژھان آشکارا کرُن۔ مثالے ہپولیٹس ڈرامہس منز تیٚندی یِم شار :

تہٕ یِیلہِ اَسہِ مرو — تیٚلہٕ آیا یِمہِ کھوتہٕ جان دُنیا ؟
علم چھُ اوٚبرس تل تہٕ گٔٹہ منز اَسہِ نِشہٕ کھٹتھ
تہٕ اَسہِ ہیٚکہِ نہٕ بیٚیہ کُنہٕ زندگی ہُند کانہہ پَیاہ اَسِتھ !

یِتھے پاٹھۍ اوس سُہ عام انسانن ہنٛدِن جُرمن تہٕ اَترِن مِتۍ دیوتہن تہٕ شامل کران تہٕ بعضے اوس تِمنے آدمی دِکھن تہٕ تباہ کٲرِین ہُند الزام دِوان۔ ہپولیٹس ڈرامہِ منز چھُنے تمۍ یہِ ثابت کرنچ سخ کوٗشش کٔرمٕژ زِ فیڈرایہ ہُند مرُن تہٕ ہپولیٹس نُخ قتل اوس دراصل افروڈایٹی محض یِمہِ معمۄلی کتھِ باپتھ یوٚژھمُت زِ ہپولیٹس اوس نہٕ اُمس دیوی عزت کران۔ ہیراکلیز تہٕ السسٹس ڈرامہن منز چھُ یوٗری پیڈیز زیوٗس نہٕ الکمینی ہنٛدِس طاقت ور نیچوس ہیراکلیزس نیک فطرژ وول شراَدِ" ونان تہٕ ایونس منز چھُ سُہ اپالو ہنٛدِس کشفس برخلاف ایونس یہِ سر کرناوان زِ تسُند مۄل چھُنہٕ زیوٗس بلکہ چھُ پانہٕ اپالو۔ سُہ چھُ ایونس یہِ سوال کرنک جُرٲت بخشان زِ شریف دیوتا ہیٚکیا اَیِزیور تہٕ اَسِتھ؟" یوٗری پیڈیز چھُ اَمی سے دیوتہس کریوشایہِ اَتھ ڈیٖل غدار" وَنہٕ ناوان تہٕ پانہٕ چھُ پننین تماشہٕ گیٖرن کنٛ ونان :

وُچھون پنُن اپالو !
سازُک افتابہٕ ہیوٚ دیوتا، بزرگ پاک دامن خُدا ے
وُچھو کتھ کنٛی کوٗر اَمی وحشی بنٕتھ اُکس مجبور لڑکی جبر
تہٕ پتہٕ ژھٔنن سو ترٲوِتھ !

دیوتہن تہٕ دیوی ین نسبت یوٗری پیڈیزن لہجہِ چھُ طنزی علاوٕ کُنہٕ کُنہٕ اَدٕ باپتھ سنٛدِ

روح تہٕ اختیار کران زِ اتھ چھُ تٔمِس منطقی استدلالک جواز آسان ۔ افروڈایٹی نِسبت ہیوٚلی

ٹسن یہِ وٕنُن زِ :

مےٚ چھُنہٕ تمن دیوتہن ہُند رژھ تہٕ سرپرستی

یمن روتُل پوٗزا کرِ

چھُ اَیِچ اکھ مثال ۔ افروڈایٹی آٔس جنسی عشقچ دیوی مانہٕ یوان لہٰذا آٔس تٔمِس شاخوانی

زیادٕ تر تمی وقتہٕ سپدان ییلِ عاشق معشوق یا مرد تہٕ زنانہٕ رازٕ ہٕنزِ تنہایی ین منز اکھ

اکِس سٟتی نالہٕ موٚت کرِتھ بسترس منز ۔ ازان آسی ۔ اَتھن چھُ تٔمسُند اخلاقیاتک حِس تہٕ

بیدار گژھان ۔ سُہ اوس نہٕ پاک تہٕ موصوم ہپولیٹس دوہ رٲژِ تمیٚ کٕنہٕ صورتس منز

زنا کرناوِتھ تٔمسُند صفاشین ہیوٚمن داغدار یِژھان کرُن لہٰذا کوٚر تمی بٔنِس اُمِس

بے لوٗث کردارس منز اکھ سُہ احساس پأدٕ یمِ کِنی تس عظیم زیوٗسی کوٚر تہٕ عشقچ طاقتہٕ داجِنی

دیوی افروڈایٹی حقیر تہٕ ناقابلِ توجہ باسےٚ یہِ ۔

یوری پیڈیز چھُ وارٕہس حدس تام دیومالأیی حکأیژن ہندِس پرژس نکاپے

کران ۔ اَمیک وجہ تہٕ اوس یی زِ تٔمسُند ذہن اوس ڈراما لیکھن وِزِ بٔنِس مواد س فلسفیانہٕ

وِبڑھنے کران تہٕ یمن داستانن بیٚٹھ کم عقیدٕ تھاوِتھ اوس یمن منز آدمی خصلژ تہٕ فطرژ

ہنز ۔ روزانہٕ زندگی ہُند حقیقی رنگ بران ۔ اَتھی فلسفیانہٕ تہٕ شاعرانہٕ ڈیٚنہکس ڈُژیتس

منز چھُ یوری پیڈیزن ٹُنزِ کٔنزِ دیوتہن ہندِس آسنس مُلے نکار کوٚرمُت ۔ تمیٚ سُند

اکھ رووُمُت ڈراما میلانپی وٕھین وأل گےٚ تمہٕ ساعتہٕ یکدم تھیٚبرٕ منز ۔ تھوٚد وٕتھتھ ییلہِ

تمو اَمِکی یم لفظ بوٗزی :

اے زیوسہ !

گوڈٕ چھا خبر ـــ

چھا نہٕ کانہہ زیوس ؟

## تکیاز بہ زانِن سُہ صرف یوزِ نہ کینہ

یوٗری پیڈیزِ نہ طرقہِ پننین بیش رَون ہندین خیالن تہٕ مذہبی اعتقادن ڈلِتھ اکھ الگ وَتھ ژارنس تہٕ اَتھ کُن بیون رہنمائی کرنچ کوٗشش کرنس کُن نظر کرِتھے چھُ ایچ ڈی ایف کِٹو وَنان زِ "اگرچہ سُہ سوفوکلیزس بوٚڈ بڈیم ہیندٕ ہن وٕرِیَن کوٗنس اوس مگر سُہ چھُ اکِہ مختلف دوٗرک ڈراما نگار باسان" یوٗری پیڈیزن یتھ کٕنہ پننین تخلیقن منز جاندار تہٕ حقیقی زندگی ہُند رنگ بوٚرتھ منز ہیکن نہ تِہندی بیش روٗتس واتِتھ تہٕ کولرجس تہٕ بایوی زِ "تمہِ اَنی ٹریجڈی پننین بیش رَون ہندِ کھوتہٕ واریاہ قدم اصلی دُنیہس نزدیک"

یوٗری پیڈیز چھُ اکھ سُہ شاعریَن انسانہ سُند غم اُکس اُکس آنس جانس دربیش چھُ باسان۔ سُہ چھُ یہِ غم تِتھ کٕنہ محسوس کران۔ یتھ یاکھٹہ اوٚتام کانٛسہِ فن کارن ژینِتھ ہیوٚک۔ یہِ غم چھُ تَسندین شدید احساسن اظہارچ زیو دِوان۔ سُہ گوو انسانہ ہنز زندگی ہُند قابلِ رحم آسُن۔ بقولِ ایڈِتھ ہملٹن چھِ "یوٗری پیڈیزِ نہ سازِکی زِ سور کھیٚتھ نیران: مصیبت زدن سِتی ہمدردی تہٕ یُہ تھ کانٛسہِ باخبر سٕندِس قابلیتس پیٹھ محکم یقین آسُن"۔ بے انصافی ہنز بُڈ بار لعنت چھِ یوٗری پیڈیزس تِژھ یِچھ باسان زِ سُہ چھُ پننین ڈرامہن منز اَتھ زبردس حقارت کران تہٕ تمن دلیوتہن تہٕ انسانن تِہ چھُنہٕ سیوٚد سیوٚد تراوان یِہندی دل انصافکہِ مقدس نورٕ سِتی روشن آسَن نہٕ۔ مثالے نموٗنس بیٚیہِ میڈیا ڈراما۔

میڈیایہ سِتی چھےٚ یہِ بے انصافی سپدان زِ کور نیتھ واتِتھ چھُ تَسند کھاندار جیسن تَسندِ بایتھ بادشاہ کرِیوٚن ہنز کورِ سِتی نوٚد کھاندر کرِتھ سون تھاوان اَنِتھ یُس اُکس خاندارنہِ سِتی سارِوے کھوتہٕ بُڈ بے انصافی ہیٚکہِ آسِتھ۔ جیسن چھُ چھیکرس بینٛسن دوشوٗنی زنانوَ تہٕ دوٚ نوٚنی بچوٚن نِشہِ اَتھہ چھلان تہٕ چھُ بے انصافی ہُند شکار سپدان۔ کریوٚن تہٕ تَسنز کورِ سِتی تہٕ چھُنہٕ کانہہ انصاف سپدان ییلہِ یم زِ تہٕ میڈیایہ ہندِ انتقامک شکار سپدِتھ چھو چھِ کتِری کران مران چھِ۔ میڈیایہ ہندی زٕ معصوم بچوی چھِ نختے چھینہِ

لگان تہٕ چھِ یِم دوٚشوٕے ٹوٗرِ بھوٗنے بَرٕ گژھتھ نا انصافی ہُند شکار سپدان۔ اَمہٕ ڈرامہکو
ہیٖروٗ یا پَرکردار یعنی دالے۔ دوستاد تہٕ شیٖچھ موٗ ہنیوٗ تام چھِ اَمی بے انصافی ہِندِس زالس
لگان تِکیازِ تِمن تہٕ چھُنہٕ زانہہ اَتھ ماحولس منٛز۔ سکوٗن تہٕ اطمینان نصیب سپدان۔

یوٗری پیڈیز اوس زبردس حساس دلہٕ ووٚل فنکاراہ۔ سُہ اوس شادِ ہٕن تہٕ
سوکھن ہندِس میچھرس کُنے پِہن لُطف تُلان مگر غمن تہٕ حاَدثاتن ہِندِ کرِ چھرپ تلمی اُس
لتس رَگن رَگن منٛز جاے رٹان۔ تِہندِ ین ڈرامہن منٛز یُس انسانہٕ ہِندِ غمکُ سنجید تصورٕ
تہٕ آدمی فطرژ ہِندِ ین مُصیبتن ہُند شدید احساس آشکارا چھُ، تتھ کُن نظر کرِتھ ہیکو اُسی
انداز کرِتھ زِ ہرگاہ تِمو ٹریجڈی بدلہٕ کامیڈی آسہٕ ہے لیکھمٕژ، خبر ما آسہٕ ہے تہٕ یوٗت کامیاب
روٗدمُت۔ تِکیازِ فن کارسُند فن ہیکہِ تیٚلی بے مثال تہٕ جادوائی بنتھ یێلہٕ تتھ دِلہِ جوٚ ڈرایوٗ
اظہارچ شکل آسہِ دِرژمژ تہٕ اَسہِ ووٚن وُنی زِ یوٗری پیڈیزن دل اوس حساس، نوزُک
تہٕ انسانیتکہِ بے پناہ لولہٕ سِتۍ برِتھ۔

یوٗری پیڈیزنی کِنہٕ اوس محبت مُقدس، مأیس تہٕ گوٚبرس، ماجہِ تہٕ کورِ، بێنہِ تہٕ
بایس، زنانہِ تہٕ رۄدِس تہٕ پرتھ کأنسہٕ آدمس پننیٚ پننیٚ پاٹھو۔ تِمو اوس انسانی محبتکُ
یہٕ عالم تتھِ کُنی ووٚنہٕ کوٚڈمُت زِ یێلہٕ سُہ کأنسہِ نیچوس تِہندِس مأیس اَتھِ کھینہٕ چھُ ووٚنہٕ ناوان
باسان چھُ زِ یوٗری پیڈیز چھُ پننس نیچوس یہِ ونان۔ تِہُند یہِ عشق چھُ ساری
انسانیتکہ پاک تہٕ شوٗژ وجودُک اکھ اہم جُزو بنیومُت۔ یِتھے پاٹھی چھُ یوٗری پیڈیز
خوٗنی رشتیٚن شدید وابستگی ہُند اکھ اکھ عالم جایہِ جایہِ پأدٕ کران۔ ناممکن چھُ زِ
تِہندِ دونٛگُ بێنہِ کانہہ شاعر کیا ہیکِہے اولاد دادیُک سُہ غمناک تصویر تُلتھ یُس
تِمو ٹرائچہِ زنانہ ٹریجڈی منٛز پیش چھُ کوٚرمُت۔ یونانی فوجُک اکھ افسر چھُ مقتول ہکیٹرٕ زِ
زنانہِ انڈروماکی یہِ ووٚنہٕ یوان زِ تِہُند شیرخوار نیچوٗ ایسٹیاناکس چھُ بہرصورت مارُن
تہٕ سُہ یہِ ٹرائکہ بھد کلایہ پیٹھ دارِتھ دِنہٕ۔ انڈروماکی چھُ یہِ بوٗزِتھ کُنے لرزِ

اڈان۔ تس چھُ اچھن اَنہٕ گوٹ گژھان تہٕ بُتھس چھُس موتُن پھیران۔ تسُند کلہٕ ژوٹ تہٕ بہودُر کھاندار ہیکَڑ چھُس برونٹھے آسان بے دردی سان مورمُت تہٕ دوٕ ڈیلہِ لَس فکر چھُ ترٛان زمرگہ موکل چھِ تَسندِس کُنِس نیچوٗس تہِ تہٕ آمتی سوٗ چھے اکھ آخری نظر پننِس اَکِس لالہٕ بچِس کُن ترٛاوان تہٕ چھُس وَنان :

گژھ ۔ گژھ میانہٕ جگر گوشہٕ !
ژٕ چھُکھ مرُن۔ خطرناک دُشمن ہنٛدِ ڈسی
مےٚ ۔ یَتیتن کُنی زنہٕ ترٛاوِتھ۔
وُچھ ژٕ تہٕ لِل کرِنہٕ بایِتھ
ژٕ چھکھ وُدان ؟ ژٕ چھُیہٕ فکر ترٛان ؟
ژٕ کیازِ چھکھ مےٚ اَتھِس لمان تہٕ میانِن پلون الوند گژھان ؟
اَکِس جانادار بچہٕ ہنٛدی پاٹھی ماجہِ ہنٛزِن پکھَن تَل اڑان۔
چون مول یی نہٕ ژٕ واپس۔ سُہ ییہٕ نہٕ واپس۔ اکِہ پھرِ تہٕ نہٕ۔
یِنُن زلوٗکھ نیٚر چلاوان چلاوان۔ تہٕ ہیکہٕ نہٕ تھےٚ
سُہ کیتھہٕ کنی ہیکہٕ ژٕ بچاوِنہٕ بایتھ یِنُن قبر چاک کرِتھ ؟
ژٕ چھُیہِ یمہٕ ہدِ کلایہٕ پیٹھ بون یوٗن۔ سپداہ بون
تہٕ چاے لاوُ گردن ۔ واے خُدایہٕ !
تہٕ ژٕ پیٹھ آسہٕ نہٕ کانہہ ترس کھیٚنہٕ وول
ژٕ ۔ لوکُٹ موکُٹ ۔ تہٕ معصوم
یُس میانِس وُچھس منز۔ کھوٚلہٕ کھوٚلہٕ چھُ کران
چاٚئی یہٕ گردن چھے بَبر مُشک ژھٹان
میانہٕ معشوقہٕ۔ کیاہ تہٕ اوسنا کھیس، ــ تہٕ سوٗرے پیا مناوُن ؟

زِ یمہٕ کو چھ ژٕ منز لکہ پاٹھۍ للاوکھ تہٕ روٗ چھک لولہٕ سان
تمن غمناک راژن منز۔ییلہٕ ژٕ بیمار اوسکھ آسان
دولہٕ ـــ ووٗنی کرتم اَکے موٕنی۔ بس یمی اکہ پھر۔ یتہٕ نہٕ ژٕ ہنے
دولہٕ ـــ تُل پننہِ نرِ تہٕ تراو میانہِ گردنہِ گگوٗسہٕ
کرٕم موٕنہِ ـــ وُٹھن ستۍ دُٹھ رلاوِتھ

•

کُرِ وجل۔ یتھون یہ لیتھ ناوان لیتھ ناوان
دیوٗن کلایہ پیٹھ بون داٗرِتھ
زِ ہرگاہ تِہٕ ییٚہ ژِہو۔کرِیوٗس ٹُکرٕ وحشی حیوانوٚ۔کُرِ وجل
لاگو اُمی ہندِس مازس واژوان

•

خُداین چھُس بہٕ تباہ تہٕ برباد کرمُت
تہٕ بہٕ ہیکن نہٕ ـــ
پننین چشمن ہُند گاش موتہٕ لِسہٕ بچاوِتھ
اُکس اُتھس۔ اَکہ ہے اَتھس حرکت کرِتھ
تکیازِ بہٕ چھُس مجبوٗر،

قدیم یوٗنانس منز۔اوس غلامن ہند کُنہٕ رواج۔ یہ بدتھ اوس خاصکر تمو یوٗنس یِتھ جنگوٗ تہٕ لڑایو ستۍ نو یومُت یم اَمہٕ قسمک انسانی ذلالتُک باعث تہٕ بنان اَسۍ۔ مردن، زنانن کیو شُرِ ین تام اوس غلامی ہُند طوق یوان نالی ژھننہٕ تہٕ تمن ستۍ اوس تہندِ ین نام نہاد مالکن ہند ذُسی ذلیل ترین سلوک پِدان۔ زنانن اَس جبرن عصمت دری یوان کرنہٕ۔ مردن ستۍ لیُس زدِ یہ تہندِ ین آمن خوش

کرِہے سہٕ آسی تِم روا تھاوان یِتھ منز بے شمار بے گناہ قتل تہٕ آسی سپدان ۔ یوری پیڈیزن چھُ اتھ خلافِ فطرت دستوٗرس تہٕ مقابلہٕ کوٗرمُت تہٕ تِمو چھُ اتھ بدسلوکی خلاف قلم تُلتھ غلامن ہُند درجہ بێیَن انسانَن ہِتیٛ قایِم کوٗرمُت ۔ غلامی خلاف آواز چھےٚ تِمو ہیکیوباڈرامہس منز سارنے یونانی ڈرامانویسن برونہہ تُجمٕژ :

یہٕ شیطانی عمل ۔ یُس فطری طور بد چھےٚ
چھےٚ اکس انسانس تتھ کُن گردن نوٗمراوُن پیٛٹھ مجبوٗر کران
یتھ کُن نہٕ کانٛسہِ بنی آدمس تمُن پَزِ ،

تہٕ خاصکر اوس یوری پیڈیز تِمہِ ساتہٕ پرٛزی پاٹھی نالہٕ دِوان تہٕ جہاد کران ییٚلہِ سُہ وُچھان اوس زِ مردَن ہِتیٛ چھےٚ زنانہٕ تہٕ غلام یِوان بناونہٕ تہٕ تِمن ہِتیٛ تہٕ چھُ یِوانَن ہُند ہیوٗ سلوٗک سپدان ۔ سکاٹ جیمز چھُ لیکھان "سہٕ اوس نسوانیتک پارو کارِیُس یتھ حدس تام زنانن ہُند نجات دِہِند اوس زِ تِمہِ گژھہ ہن معاشرتی ، سیاسی یا عقلی طور پٕرتھ کُنہِ غار مناسب پابندیہِ نِشہِ آزاد روزنہٕ "

یوری پیڈیز اوس اکھ مُصلح تہٕ یُس یژنہِ وقتہٕ کین فرسوٗدہ رسمن ، رِواجن تہٕ جہالتہٕ کین دستوٗرن ہِتیٛ مذہبی اعتقادن ہِندِس عالمس منز تہٕ اکھ انقلاب اوس یِرژھان انُن ۔ تِہندِن ڈرامہن ہِندِ اصلاحی مقصدُک لُبِ لباب چھُ تِمی سُندِ اکس مُناجاتس منز بیان سپدان یتھ منز سُہ وُرتھِ وانجہِ تہٕ پُرخلوص زیرٕ سان دُعا چھُ کران :

قادرِ مطلق —— خُدایہ !
لوٗکن تام واتناو تہٕ پنُن نوٗر !
یُتھ تِم زانَن زِ تِہنز بدی کتہٕ چھےٚ یِوان
زِ تِم کتھ پاٹھی ہیکن امہِ نِشہِ بچتھ !

یوری پیڈیزس چھُ ڈراما نگاری ہُند زبردس شعوٗر او سُمت یَیمہٕ کِنۍ تمۍ انسٲنۍ
مسلن ہُند مطالعہ انسٲنۍ ڈنجہٕ پیٹھے کوٚر تہٕ پننین کردارن ہنز۔ نفسیاتی ورٕژھنے کٔرتھ
اوٚنۍ یوٗنانی ٹریجڈی منز۔ شدید اَثر تہٕ تیُتھ یَہنوٗن درد وجوٗدس یِس پرِتھ کانٛسہٕ
پٮ۪ن وٲتِس اَز تہٕ پننے دود چھُ باسان۔ تمۍ کرِ رِوایتی دلیلہٕ تہٕ دیومالٲیی حکایژ اکہِ
توٚ آنہٕ ، اندازٕ تہٕ رنگہٕ تیتھ کنۍ پیش زِ تَہندی مافوق الفطرت کردار تام چھِ تَہندین
ڈرامہن ہُند فطری جُزٕ و باسان یِم سُہ تیتھے کنۍ ورتاوان چھُ یتھ پاٹھۍ زِن تم انسانہٕ
ہنز۔ عام زندگی بروٚنٹھ کنہٕ پننہٕ حسن و قبح ہیتھ بے نقاب چھِ سپدان۔ وِل ڈورانٹ چھُ
یوری پیڈیزس ایسکائلسن تہٕ سوفوکلیزس سٟتۍ موازنہٕ کٔرتھ وَنان "ایسکائلسن کٔرو بَتھ
ہموار تہٕ پننہٕ سخت شاعری تہٕ زبردس فلسفہٕ سٟتۍ کرٕ تمۍ یوٗنانی ڈرامچہٕ ہیٚژ وضع۔
سوفوکلیز بنیوو پننہٕ موزون شاعری تہٕ پُرسکوٗن کاٹہٕ جارٕ سٟتۍ فنکُ صورت گر تہٕ یوری پیڈیزن
واتنوو یہٕ ارتقائی عمل پننو جذباتی احساسو تہٕ مضطرب شکہو تخلیقو سٟتۍ تکمیلس
ایسکائلس اوس تقریبن عبرٲنۍ۔ سُہ تہٕ عتیق جذبہٕ تھاوان وول اکھ مبلغ۔ سوفوکلیز
اوس اکھ کلاسیکی منِ کار یَیمۍ اَکس شکستہٕ عقیدس تھپ اَس رٹھنۍ مژ تہٕ یوری پیڈیز
اوس اکھ روٗمانی شاعر۔ یَیمۍ تہٕ اوٚکنِ زانہہ اکھ مکمل تہٕ سرٕ شوبوٚت ڈراما ہیوک لیکھتھ
تکیازِ سُہ اوس فلسفن گیرس منز اوٚنمُت۔"

یوری پیڈیزس نسبت وِل ڈورانٹنہٕ عبارژ ہنز۔ یِتم سطر چھنے یتھ حدس
تام صحیح زِ اَمہٕ کتھہٕ چھنے تَہنزن ٹریجڈی ین منز۔ ڈرامائیت کم کرٕمژ۔ مثلن کورس
ڈرامہکۍ اکھ حصہٕ بناونہٕ بدلہٕ چھُ یوری پیڈیز اَتھ نصیحت کرن وٲلۍ سنز تہٕ نیٚز
فلسفکۍ زاٚدلی نوکتہٕ وژھناوُن وٲلۍ ہنز۔ کام ہیوان۔ تَہندی اکثر کورس چھِ تیمودے
خیالو تہٕ مسلو سٟتۍ برٕتھ۔ اَتھ برعکس چھ ایسکائلس تہٕ سوفوکلیز سٟد سیوٚد ڈرامچہٕ
حرکژ (ACTION) پیٹھ زیادٕ زور دِوان تہٕ اوکنۍ چھُ ارسطو تہٕ ڈرامائی ٹیکنیک

نظرِ تل تھاوِتھ یِمن دون ہِنز مقابلہٕ کرن وِز یوٗری پیڈیزس یِمن ڈسی تھے گٔنزران۔

اگرچہ پننہِ زندگی منز یوٗری پیڈیزن یوٗنانی تھیٹرس بیٹھ تیٚز شہرت تہٕ عام پسندی حاصل ہیچ نہٕ کرِتھ یٚمیک سُہ حقدار اوس مگر تٔمسندِ مرنہٕ پتہٕ ژٔج اَتھ ناپسندی ہندِس احساسس کھٚے۔ تٔہندین سدابہار ڈرامہن ہنز خوشبوے روٗز دُنیہکِس گوشس گوشس واتان، پھلان تہٕ نوٗان۔ تٔہندی ٹریجِک ڈراما روٗدی تِتھس پرچھ کنِہ دِلس منز گھر کران یُس دل بیٚیِہندی غم تہٕ دوکھ ژیٖنہٕ تہٕ انسانی ہمدردی ہندِ جذبہٕ سٟتیٚ آسہِ برِتھ چنانچہ یوٗری پیڈیزنی ہیٚے عالمگیر افادیت نظرِ تل تھاوِتھ پرژھ اکہِ دوہ گویٹےین ایکرمانس "چھا دُنیہکی کُنہِ قومن یوٗری پیڈیزس پتہٕ اکھ ڈراما نگار پاد کوٚرمُت یُس اَسی یوٗری پیڈیزنی چینہِ کھوٚر اَتھس کیتھ دِمہِ ہو؟"۔ بے شک نہٕ کینہہ — اما یوٚز تَس پتہٕ تہٕ گویٹےیس بروٚنہہ ووٚتھ تٔہندی پایک اَکھ ڈراما نویس۔ سُہ تہٕ یوٗری پیڈیزس پتہٕ دوہ یہ سارہٕ ژُہ ژ۔ تہٕ سُہ گو شیکسپیئر۔

•

# کِنگ لیٖر

ناجی مُنوّر

روایَتہٕ کِنۍ چھُ نَنان زِ ولیم شیکسپیٖر زاو ۲۳، اپریل ۱۵۶۴ء سٹرٹیفورڈ جان ییپیٖرنہٕ گرِیُس کانہہ بوڑ امیر اوس نہٕ۔ سُہ آو گرامر سکول سوزنہٕ تہٕ تتھ تعلیم ہیٚچھن پٮ۪ٹھ حاصِل کٔرِتھ۔ ارداہ وُہُر وٲنِتھ سپُدُس اَنی ہتھاوے ناوِچہ اَکِس کورِ ستۍ خاندر۔ سُہ گو لندن تہٕ اَتہٕ کٔرۍ تمۍ تیٚتھٕ رٕچ مختلف سرگرمیَن منز شرکت۔ اَتھ دوران روٗد سُہ شاعری تہٕ لیکھان۔ تمہِ سٕنز ازدواجی زندگی متعلق، ایکٹر آسنس متعلق تہٕ باقے کتھن متعلق چھِنہٕ کانہہ تہٕ کتھ شِفہٕ پأٹھۍ معلوٗم۔ وون گوو تمۍ سٕندۍ ہمعصر قلمکار چھِ مُنزۍ مُنزۍ تمۍ سُند حوالہٕ دِتھ تمہِ سُند زمانہٕ مقرر کران۔ مختلف تواریخی شہادتو تہٕ چھُ نَنان زِ سُہ چھُ پننس زمانس منز اکھ مقبوٗل ڈرامہ نگار، ایکٹر تہٕ شاعر اوسمُت۔ تمہِ سٕنز شہرت تہٕ مقبولیت روٗز پرتھ دورس منز برقرار بلکہ زمانہٕ پتھ زمانہٕ روٗز ہُران۔ تمہِ سٕندۍ ڈرامہ ٲسۍ آے پرتھ دورس منز نوٚۍ نوٚۍ معنے کڈنہٕ۔ ٹی۔ ایس۔ ایلیٹ لُس یتھ خیالس منز چھُ زبردس پزر زِ پرتھ زمانس چھُ پننُے اکھ شیکسپیٖر۔

شاعری علاوٕ چھِ شیکسپیٖرن ۳۷ ڈرامہ لیکھمتۍ یمن منز ٹریجڈیہ تہٕ چھِنہٕ کامڈیہ تہٕ۔ یہ وَنُن چھُنہٕ ممکن زِ یمو ڈرامہو منزٕ کُس ڈراما چھُ سارِوٕے کھوتہٕ عظیم مگر یہ چھِ اکثر نقاد زور دِتھ وَنان زِ کنگ لیٖر چھےٚ سارِوٕے کھوتہٕ عظیم ٹریجڈی، یوٚدوے سٹیجہ کِہ لوازماتو کِنۍ اَتھ منز کینہہ اہم کوتاہیہ چھےٚ۔ عام پأٹھۍ چھُ وَننہٕ یِوان زِ کنگ لیٖر ہیکہٕ نہٕ

سٹیج پیٚد تھے الزبتھی سٹیجس پیٹھ اوس کُنہٕ حدس تام ممکن تِکیازِ تیٚلہِ اَسی تماشہٕ بین بصری
حِسَس کم تہٕ تخیلس زیادٕ کام ہیوان۔ مگر اَزِ کہِ سٹیجہِ کہٕ تصورٕ مطابق چھہِ اَتھ ڈرامہس
منز وارِیاہ سین تِم یِم خالص شاعرِیہ ہنز مثالہٕ چھےٚ تہٕ سٹیجس پیٹھ ین نہٕ ہاوٕنے۔ ایٚم
اکھ ٹاکارٕ مثال چھُ سُہ سین یتھ منز گلوسٹراوّن سَپدِتھ خودکشی چھُ کرُن یژھان۔
کھور چھُس اَکِس سٹرس مادانس پیٹھ، مگر ایڈگر چھُس بالہٕ کھنگرُک تصور دِوان تہٕ دیان
چھُس تژاو وٕہٕ ٹھ (وُچھو ایکٹ: IV سین VI)۔ شیکسپیرَن چھُ تاثرُ بڈراوُنہٕ
باپتھ لیرَس مرکزی پلاٹس لرِ لوٚر گلوسٹرُن پلاٹ تہٕ اَتھ منز شامل کوٚرمُت۔ یوٚدوے
معنیَس ہُرٕ چھُ سپدان مگر سٹیجہِ کہِ لحاظٕ چھُ اَمہِ ستۍ یہِ قبح پاد سپدان زِ کردارن ہُند تعداد
چھُ ہُران تہٕ پرَن واکِ سُند توجہ چھُ تقسیم سپدان۔ سٹیجہِ لحاظٕ چھےٚ اَتھ منز سارِوے کھوتہٕ
بڈٕ دشوٲری لیرَس سُند کردار پیش کرُن۔ لیرَس سُند کردار ہیکہِ صرف پرنَس دوران تصورس
منز یتھ۔ سٹیجس پیٹھ باسہِ سُہ بقول چارلز لیمب محض "اکھ بڈٕ مہنیوواہ اکھ لوٚر ہتھ سٹیجس
پیٹھ اورِ یور کران"۔ یُزر چھُ زِ ییٚلہِ روتلہِ شاہ لیر بیابانَس منز طوفانَس ستۍ جنگ چھُ
کران، سُہ چھُ اَمہِ طوفانُک اکھ اژھین حصہٕ باسان۔ یتھ یُم طوفان چھُ تمہِ ہندس مَنَس
اندر طوفانَس ستۍ پوٚرٕ پاٹھۍ ہم آہنگ، مگر یہِ تاثرُ چھُ پرنَس منزے حاصل سپدان۔ وٕنہٕ
گوو اَسہِ یُزِ یاد تھاوُن زِ شیکسپیر اوس پانہٕ پننہِ زمانہٕ کہِ سٹیجُک وۄستاد تہٕ تمۍ چھُ یہِ ڈراما
تہٕ پننہِ زمانہٕ کہِ سٹیجکۍ لوازمات تہٕ اَمہِ سارِیے روایژ نظرِ تل تھاوِتھ لیوٚکھمُت۔

کنگ لیر چھُ کُلس پیٹھ اَزِ کِس پرَن واَلِس اکھ طویل شاہکار ڈراماٲی نظم
باسان یتھ منز شاہ لیرَس سنزٕ یاژ ذلیل چھےٚ بلکہ کل انسٲنی ذاژ ہُند المیہ چھُ۔ انسان
یُس پننہِ محدوٗد عقلِ کام ہیتھ پرٕتھ قدمس لامحدوٗد تہٕ اوبدس پیٚش کالس ستۍ متصادم چھُ۔
لیر چھُ اَسہِ منز پرٕتھ کانہہ یُس یتھ ازٲلی کایناتَس منز اَکِس المناک صوٗرتحالس منز
ہینہٕ چھُ آمُت۔ یہِ چھےٚ شیکسپیر سنز فنکاری زِ سُہ چھُ شاہ لیرَس سُند اکھ مناسب

مرکزی کردار ژٲرِتھ سلطنتہٕ ہندِس پریتھ کاںٛہہ شخص اَتھ عذابس منٛز شٲمِل کران تہٕ سارے
فطرت نہٕ چھنے انسان ستی اِنتشارس تہٕ کربس منٛز گرفتار باسان۔ ڈرامہس منٛز چھُ
پریتھ جایہ ییٚژھِے دُنیا تہٕ لیٖرَن اَندریم دُنیا اکھ اَکِس ستی ہشر تھاوان۔

گول، گنٛز بتراتھ اُلراوُن تہٕ کرتن

بس سوٚہے سوٚم ہر طرف

فطرتُک قالب زٕہنُن پھٕٹراوی تھے

تِم زُوٕلی ساری کرِکھ یکدم فنا

ناشکری انسان یم زٕنمُس انان

انسٲنی صورت حالُک المیہ چھُ ڈرامہس منٛز زٕ متوازی پلاٹ شٲمِل کرنہٕ ستی عالمگیر
باسان۔ اکِہ پاسہٕ چھُ لیٖر اکھ بادشاہ آسنہٕ کہ حیثیتہٕ پننی سلطنت باگراوِتھ شٲہی فرض
مٔشراوان تہٕ اکھ مول آسنہٕ کہ حیثیتہٕ پننِس اَکِس اولادس پیٹھ ظُلم کران۔ دوشوٕنی صوٗرتن
منٛز عقلہٕ، استدلالس تہٕ انصافس خلاف گناہ کران تہٕ بیٚیہ پاسہٕ چھُ گلوسٹر بوزنس
پیٹھ پرٕتھ کرِتھ عقلہٕ، استدلالس تہٕ انصافس خلاف بغاوت کرِتھ پننِس وفادار اولادس
پیٹھ ظلم کران۔ لیٖرس تہٕ چھنے فطرت انتقام ہوان تہٕ گلوسٹرس تہٕ۔ مگر اَتھ ستی
ستی چھِ معصوٗم تہٕ بےقصوٗر شری کارڈیلیا تہٕ ایڈگر بے پناہ دوٚکھ تُلان۔ یم زٕ ہوی پلاٹ
چھِ واریاہن جاین اکھ اَکِس ستی رَلان۔ گلوسٹرس چھنے لیٖرس ستی ہمدردی تہٕ اَمی
ستی چھِ ایڈمنڈس تمِس خلاف سازش کرنُک موقعہ میلان۔ ایڈگر چھُ جلاوطن سپدان
تہٕ اَتھی منٛز چھِ سُہ گلوسٹرس سوکھ واتناوِتھ ہکان۔ یپاری چھِ ایڈمنڈ گونرلِہ تہٕ ریگنہٕ
ہس دِوان۔ جنگ کرناوان تہٕ آخرس تباہ کران۔ یپاری چھُ ایڈگر پاگل آسنُک سانگ
لاگِتھ لیٖرنہٕ پاگلازی ستی ہشر یاد کران تہٕ آخرس پیٹھ چھُ ایڈمنڈس قتل کرِتھ لیٖرنہٕ
تخنُک حقدار بنان۔ یمن دون پلاٹن ہُنٛد ہشر چھُ ڈرامہکس معنیس آفاقیت بخشان

یِتھ کُن گلوسسٹرٕنی یم لفظ اشارٕ چھِ کران:

گلوسسٹر: آ۔ زُوٗنہٕ تہٕ سِرِیس یم گرٛہن کو وقتہٕ
لگۍ تِم چھِنہٕ اَسہِ کینْہہ بَرٕ ژٕی۔ یوٚدوے عقل اُتھ پٲٹھۍ
یا ہِتھ پٲٹھۍ تعبیر کٔڈِ، ڈٔیچھ ییٚتہٕ یہِ دوٚنی پوٚتُس پَتھ
سیدان چھُ تِمہٕ ستۍ چھےٚ فطرت زَنتہٕ رَتہٕ ڈاوی سیدان۔
لول ژٕنان، یارانہٕ ژھٕنان، بوے پٕنہٕ بٲے سٕنٛدی،
شہرن منز بغاوت، گامن منز تنازعہٕ، محلن منز
سازِشہٕ تہٕ مٲلِس تہٕ گوٚبرس رِشتہٕ ژھٕنان.....

(ایکٹ I۔ سین II)

یوٚدوے ظٲہِری طور یِتھ ڈرامہِس منز دُنیاہکۍ دوکھ تہٕ ستم آسمٲنی چھِ باسان تہٕ یم پٲدٕ کرنُک قوۂ تھ انسانس نیٚبر چھُ باسان، مگر کردارن پوٚرٕ پٲٹھۍ تہٕ سٔنتھ نظر ترٲوِ تہٕ ییتہٕ چھُ یمن سارنے دوکھن تہٕ ستمن ہُند آگُر چھُ فِدن ہُند کرُن کرٲوُن باسان۔ گلوسٹرس ییلہِ اَچھ ژَکوٕرِتھ چھِ نِوان، سُہ چھُ کریچھ دِوان:

یُس حسرسیتٕل شرٕن نِش چھُ مچھن
دیوتاہن برونٛہہ کنۍ اَسہِ تُے حسر

(ایکٹ I: سین I)

مگر یہِ وقتی کریچھ چھِنہٕ تِمُہنٛدِ اصلی کردارٕچ ترجمان۔ سُہ تہٕ باقے سٲری کردار چھِ جایہ جایہ دیوتاہن پَنٕنہٕ غٲبی طاقتن رحیم تہٕ مہربان زانان۔ یہِ چھےٚ کردارن ہٕنز غلطی یا کردارن ہُند پوٗشیدہ "المیہ قبح" یُس سُلہِ یا ژیرِ کٕتمن زوال چھُ انان تہٕ مُصیبتن منز آوران چھُ۔ البتہ یریچھ جایہ چھُنہٕ یہِ انصاف قٲیم روزان۔ اگر بدس ہمیشہ بدے واتان آسہے تہٕ نیکس نیک، تتھ ووٚنو شاعرانہٕ انصاف مگر زندگیہ منز چھُنہٕ شاعرانہٕ انصاف نظر گژھان

اتھ چھنے معصوم کارڈیلیا بے پناہ دوکھ تلتھ بدی ہندین طاقتن ہنز شکار پیدان تہ
نیک دل کنٹ تہ اڈگر چھ پرپتھ قدمس پیٹھ قیامت وتراوان یہ چھ زندگیہ ہند اکھ
ٹاکارہ پزرئیس شیکسپیرن قائم چھ تھوومت اوکنہ چھنہ کینژن نقادن ہند یہ الزام دُرس
زِ کارڈیلیا ہند مرُن چھ ڈرامہس منز غار ضروری۔ البتہ شاعرانہ انصافس پیٹھ ٹیکتھ
چھ شیکسپیر بدکردارن ضرور شکست دوان۔ اڈمنڈ، گونرل تہ ریگن چھ انتقامی دلویہ
ہمسنز بُتھ لگان تہ پانہ فنا سپدان بدی چھ شکست میلان مگر نیکیہ ہنز انتہ رووس
قربانیہ پتہ۔ کنگ لیئر ڈرامہس منز چھ عذاب اکھ تعمیری عذاب کردار چھ پننہ ناقص عقلہ
کام ہیتھ اتھ کران مصیبتن منز ہینہ یوان تہ ہیچھان۔ دوکھو ستی چھکھ منک کھوچہ
ژلان، مزاژک ٹیچھر میٹھان تہ ذیہنک کھر سپدان۔ یوہے وجہ چھ زِ دوکھہ ستی چھہ
ساری ڈرامہس منز دوکھ سیٹھاہ جرتہ تہ جبروتہ سان وتران۔ کنٹ چھ خاصکر تھ
تھوکرداروں منز اکھ لیس داد تہ دوکھ پانس پیٹھ ہیوان چھ۔ اڈگر چھ اکھ بھر
بنیین ہنز وغلطیو کنہ مصیبتس منز ہینہ پتھ ساری ستم وتراوان۔ مسخ ہندس کردارس
منز تہ چھ دوکھ منک تہ وتراونک اکھ خوبصورت انداز ــ اکہ اکہ چھ ساری کردار
دوکھو تہ ستمو ستی بالغ سپدان تہ گاٹہ جار چھکھ ہنہ ہنہ ہران تہ آخر چھکھ موت
اکھ سُہل موقعہ بُتھ برونٹھ کُن یوان۔ خاص کرتھ چھ پانہ لیئر پننہ کارڈیلیا ہنز کو چھ منز
کلہ تراوتھ موذر ساز بوزتھ تہ تمی ہندیو بوسو ستی زنتہ نوو زہوان۔ یا چھ یزی زنتہ مرتھ
نوو زنمس یوان:

لیئر: کیاز کورتھم ظلم کوڈتھس قبر منز؟
رحمتس منز چھکھ ژ روح
نار گری کنہ چھس گنڈتھ

ایکٹ IV : سین VII

اَتھی موقعس بیٹھ چھُ سُہ اقرار کران:

لیئر: عرض کورِ مےٚ مےٚ وونی کرتم مذاق
سیوٚد پٔز شوٚد اکھ بُڈ بٔڑ بیٹھیومُت بہٕ چھُس

(ایکٹ IV : سین VII)

تمس چھُ پننین پٔتمین غلطین ہُند احساس سپدتھ پچھتاوِ یوان تہٕ بیٚیہ اکہِ پھِر چھُ محبتُک شوٚد جذبہٕ محسوٗس کران۔ پچھتاوِ پٔہ محبت چھِ ژلیتھ تمس آزادی ہُند سبق ہیچھناوان تہٕ سُہ چھُ نجات لبان۔

یِکھ اَژو زندانہٕ ہے
اَسی زِ پانس زٕن کھٕژس منز جانور جوریاہ گوٚو
یِیلہٕ تہٕ وٕنہٕم منگ دُعا، یکدم وَسے سجدس ٹٔھنہ
پَس دَیِ بخشُم گُناہ
زندگیہ ہندی تتِ مِہ دوہ یکجا گُذارو پتھ کنہ
دُعا کرٕو۔ آسو گوان، پرانین کتھن پھیٚر پھیٚر دوان
اَسی وُچھو سوپنہٕ کھژکرِتھ پوٚنپرُ پتھے
بَس بےٚ پھِرِیک اُسناہ کرٕو
خبر دربارچ پرژھان آسو مُڈن، چارپن کلہِن
زیوٗن کمی تہٕ ہور کمی
ژاوکُس تہٕ دژاوکُس

(ایکٹ V : سین III)

کنگ لیئر چھُ دُنیاہچِ عظیم ٹریجڈیو منز اکھ، مگر خوف تہٕ رحم غالب آسنس سٟتی چھُ اَتھ منز طربیک تہٕ احساس پیدان۔ طربیہ چھُ اَتھ منز گوڈ بیٹھ اندس تام اکھ

زیرِیں لہر ہُنٛتھ خوف تہٕ رحم زیادٕ شدت بخشان ۔ چنانچہ کینٛژن جایَن چھُ مشکل وَنُن زِ یہِ
چھا کامیڈی کِنہٕ ٹریجڈی ۔ لیٖر چھُ پانہٕ گوڈٕ بیٚٹھے مسخرانہٕ حرکژ کران تہٕ تٔمۍ سُند پنٕنین کورٕن
یہٕ پرژھُن :

تلہٕ سہٕ کور پو تٔہۍ یکُن یی تو مےٚ تٔشِ
زیٚوٕ وٕنی تو کس بہٕ کو تاہ ٹوٗٹھ چھُس

(ایکٹ I ۔ سین I)

یہِ چھُ گوڈٕ بیٚٹھے ہاوِتھ دِوان زِ تٔس چھُ مزاجس منٛز طفلانہٕ شوق ۔ سُہ نہٕ چھُ پانَس سمجھان ۔
نہٕ پنٕنین کورٕن تہٕ نہٕ پنٕنین دوستن تہٕ دُشمنَن ۔ امہِ طرٛیہ واقعہ پیٚتہٕ چھِ ڈراماہس منٛز جایہ
جایہ تِتھۍ منظر ترٛاوِتھ حرکژ تہٕ حالژ یم طرٛیہ اَستھ پرٛن وٲلِس لرزٕ پاوان چھِ تہٕ المیہ پہلووس
زیادٕ شدّت چھِ بخشان ۔ خاص کٔرِتھ چھُ مسخرٕ سُند کردار ظاہری طور سنجیدٕ انسانن ہنٛزِ علاوٕ
ہُندِس بے معنیتس ننراوان تہٕ سورُے چھُ باسان شرٛی تماشہٕ ہیو ۔ ڈراماہس منٛز چھِ
سارٕوے کھوتہٕ مہیب سین بیابانس منٛز یِتھین لیٖرُن اصلی مَثرٕ، ہِڈگرُن نقلی مثرٕ، مسخرٕ
سُند بیٚشہٕ ورانہٕ مثر تہٕ فطرژ ہُند طوفانی مثر ریکجا گژھان چھُ ۔ گگرایہ تہٕ ترٕٹہِ پچھے انسانی
صوٗرتحالس بیٚٹھ اَسن کھنگالہٕ ہوی باسان ۔ حتیٰ کہ کارڈیلیاہٕ ہُند اچانک قتل سپدُن تہٕ
چھُ آخرس پیٚٹھ اتفاقٕکُ اکھ ہیبتناک مخولہٕ باسان یِلہٕ زَن ساری حالات وونی تمۍ سنٛدِس
حقس منٛز سپدان چھِ ۔ پروفیسر ولسن نایٹ چھُ مناسب پاٹھۍ کنگ لیٖرس COMEDY
OF THE GROTESQUE یا وِکھٕ ژارُک طرٛیہ وَنان ۔

●

UNIVERSITY RESEARCH JOURNAL

# ANHAAR

# 1999




*Supervision :*
*Shafi Shauq*

*Editor :*
*Qazi Zahoor*

*Advisory Board*
*Shad Ramzan*
*Mohammad Shafi Simbli*

*Majrooh Rashid*

**DEPARTMENT OF KASHMIRI**
**UNIVERSITY OF KASHMIR**
**HAZRATBAL, SRINAGAR - 190 006**



**ISBN 81-87351-00-4**

**PRINTED AT : MAKOFF PRINTERS**